مُعتبر تأریخی حوالن دۄنٛہہ دِتھ پزرُک نبر!

شاعرِ کشمیر تہٕ ہُنٛز شعرِ سومبرن

# حُبّہٕ حَبّہٕ خُوتون

## مع مجموعۂ کلام


تحقیق تحقُق تہٕ تألیف

غلام حسن طالب

(ریٹائرڈ کے اے ایس آفیسر)

شاعرٕ کشمیرٕ تہٕ تہنٛز شعرٕ سۆمبرن

# حبّہٕ حبّہٕ خوتوٗن

## مَع مجموعہٕ کلام

تحقیق ، تحقُّق تہٕ تالیف


غلام حسن طالبؔ

(ریٹائیرڈ کے اے ایس آفیسر)

| | | |
|---|---|---|
| نام تصنیف | : | حبیبہ حبہ خوتون |
| تحقیق تحقق تہٕ تالیف | : | غلام حسن طالب (ریٹائرڈ کے اے ایس آفیسر) |
| کمپیوٹر کتابت | : | میر پرویز |
| چھاپ خانہ | : | مدنی بک ڈپو |
| صفحات | : | 240 |
| تعداد | : | 500 |
| اشاعت | : | 2021 |
| ناشر | : | دین ودنیا کتاب گھر نیوہ پلوامہ |
| قیمت | : | 400 |

**پبلشر**

- دین ودنیا کتاب گھر وانی بک سیلرس اینڈ پبلشرس نیوہ پلوامہ جنوبی کشمیر 9906793456

**تقسیم کار**

9149846599

- وانی سرائے نیوہ چوک متصل اے ٹی ایم جموں کشمیر بنک نیوہ پلوامہ
- مکتبہ شیخ العالم اولڈ عید گاہ اننت ناگ کشمیر 9622823418

# ترتیب

# ا۔ انتساب

پننہِ تَس لوکچہِ بیٚنہِ جگرِ ہنٛدِ ناوٕ، یُمس ڈیٚکہٕ لأنِس شانٛشُن لیکھِتھ اُوس تہٕ، پتھ لاگن پیٚو تَس وأرِوٕ وہٕ ژھے مہارِینہِ پننہِ پھولہِ وُنہِ باغک بہار چھاونے تتھ پوشہٕ وُنِس مائِنِس کُن نیرُن یورنہٕ از تام کانٛہہ واپسٕ آو۔ خدا کرُنَس مغفرتھ تہٕ بیٚیہٕ جنتُ الفردوسس منٛز جائے نصیب۔ (آمین)

# ۲۔ گوڈ کتھ

## (ا) کٲشِرِ ہنٛدِ توٲریخُک موختصر جایزٕ

علامہ ابن خلدون سُند قول چھُ زِ توٲریخ چھِ حکمتُک سبق پرناوان، دراصل چھِ أسی امہِ کے ذریعہ تہٕ أتھی فایدٕ تُلِتھ رٕژتہٕ صحیح رائے قایم ہیکان کٔرِتھ۔ توٲریخ لیکھنُک علم چھُ نہ صرف واقعن تہٕ حالاتن ہُنٛد تفصیلہٕ سان بیان کرُن بٔلکہِ سوٗچِتھ سمجِتھ نتیجہٕ کڈٕنی تاکہِ مختلف معاملات ہیکن لوٗکن نِش کُنہِ تحریفہٕ تہٕ مبالغہٕ ورأے واتِتھ۔ علمِ تٲریخس اندر چھِ فن کٲری ہٕندی گون تہٕ موجوٗدیمن ہُنٛد ورتاوُن تٲریخی واقعن دلچسپ تہٕ موثر بناوان چھِ تہٕ یمیُک مطالعہٕ کرنہٕ ستی پرن والین ہٕنٛدس گاٹہٕ جارس تہٕ تجرُبن منز ہربرٕ چھُ گژھان۔ مشہوٗر یونٲنی مورخ ہیرودوئیس سُند دوٗپ چھُ زِ اِنسانٕن ہنٛدِین تمدٔنی، مذہبی، اخلاقی تہٕ معاشرتی تعلقاتٕن ہٕنٛدِس بیان کرنس چھِ توٲریخ ونان۔ سفرنامن، تذکرن، بیاضن، داستانٕن تہٕ ڈٔلیلن بیترِ یوٗ دوٚے توٲریخ وَنن رواروزِنہٕ اَماپوٚز یمن منز تہٕ چھِ پتھ کالہٕ کِبن واقعن ہنٛز وکھنے آسان، سُہ تہٕ مُنزی مُنزی منہٕ پتھ وُزیرُو وپادشاہ

کتھو تہٕ ڈٕلیلو ستی اُڈراۓ وتھ۔ اگر بوزَو توٲریخ چھُ سُہ اکھ مضمون یَتھ خدایہٕ سُنٛز مہر چھِ تکیازِ تمی چھِ پنہٕنین مقدس کتابَن خاص کٔرتھ قرآنِ حکیمس منٛز پتِمین واقعن ہُنٛد بیان اِرشاد فرماوِتھ امہِ اہم تاریخی فنکٲری ہنٛز بُنیاد قائیم کرمٕژ، یتھٕ کنہٕ چھِن اِنسانی فطرتہٕ کس علمس کُن گوڈے رَغبتھ پاد گٔرتھ تھاومٕژ، یتھ اِنسانس لوکٹِہ پیٹھے قصن کہانین بوزُنک شوق گنہٕ۔

تعلیمی ماہرو چھُ توٲریخ اکھ خُشک تہٕ مُتنازع مضموٗن قرار دِیُتمُت تِکیازِ مورخن تہٕ محققن چھُ واقعن تہٕ حالاتن ہنٛز حقیقت ژھارنہٕ خاطرِ پیچیدہ مرحلہٕ طے کران کران ہتہٕ بزن کِتابن ہُنٛد مطالعہ کرنہٕ علاوٕ حوالَن تہٕ بیانَن ہُنٛد نقل کرُن پیوان۔ ووٚنی گواز کلُک دُنیا چھُ یمہٕ کامہِ اِنٹرنیٹکہِ ذٔریعہ اُنزراوان تہٕ امہِ موجب چھُ اَکس تحقیق کرن وٲلِس دوہس راتَس کمپیوٹرس بروٚنٹھ کنہِ بہُن پیوان، یتھٕ کنہٕ چھِ نوٚبن توٲریخ لیکھن والین ہنٛدِ خاطرِ ریوایتن تہٕ دلیلن کاٗم ہیٚنٛز کتھے موکلیمٕژ۔ موجوٗدٕ وقتس منٛز چھِ واقعن تہٕ اہم شخصیتن متعلق سٮ۪ٹھہِ معلومات تہٕ زن گو سوانح عُمری تہٕ واقعن ہنٛدی تٲریخ، دٔری، سنہٕ، دوہ بیترِ دریافت کرٕنی تہٕ سہل تہٕ لیکھٕنی تہٕ محفوظ تھاوٕنی تہٕ سہل، اصل کتھ چھِ زِ اِنسانس گژھِ کانٛہہ تہٕ کاٗم انجام دِنہٕ خاطرِ مضبوط اِرادٕ آسُن۔

بہرحال اکھ مورخ چھُ ونان تٔتھی کِتابہٕ روزِ توٲریخُک لقب دِیُون

مناسِب یتھ اندر پٔزی تہٕ صاف واقعات کُنہِ مبالغہٕ تہٕ تعصبہٕ ورأے درج
آسن کرنہٕ آمتی تہٕ یێیہٕ چھِ ہبکان سُہ توأریخ لوٗکن ہندِ خاطرٕ فأید مند
روزِتھ، أکِس مورخہٕ ہندِ خیالہٕ چھُ یہ وٕنُن منطقی طور پوٗز باسان زِ
توأریخ چھُ اسہِ پتھ کالہِ سپدِ مژٕ وغلطیونشہِ دوٗر روزٕنُن ہیچھناوان مگر تہٕ یوٗد
پوٗز آسہِ ہے تیلہِ کتہِ آسہِ ہے دُنیاہَس پتھ لایہِ لاے تہٕ نیٲیہِ نیاے۔
کتھ چھِ یہِ زِ زمانہٕ چھُ بدلان روزان تہٕ پھِری پھِری تی ہاوان یہِ ازتانی
سپدان چھُ آمُت۔ توے چھِ یوان وننہٕ: History Repeats
itself کٔشیرِ منٛز چھِ توأریخ نویسی ہنٛز اکھ قدیم رِوایتھ تہٕ پوٗرٕ
برصغیرس منٛز چھُ اَتھ رِوأیژ کٔشیرِ منٛز کُن لوٗگمُت، کلہن نہِ راج ترنگنی
متعلق یێتہٕ یہِ چھُ وننہٕ یوان زِ یہِ چھِ پوٗرٕ برصغیرس منٛز گوڈنچ باقاعدٕ
توأریخی کتاب مگر پزر چھُ یہِ زِ کٔشیرِ منٛز چھُ کلہنس بروٗنٛہہ تہٕ اَتھ کامہِ دَس
ووتھمُت تہٕ کلہنَن تہٕ چھُ تِمو کتابو نشہِ اِستفادٕ کوٗرمُت تہٕ تِمن منٛز موجوٗد
واقعات یِنہٕ والہِ زمانہٕ خاطرٕ پننہٕ کِتابہِ منٛز محفوظ کٔرِتھ تھاوِ مِتی"۔
بہرحال کشیرِ ہنٛز تأریخی روایژ چھِ سپٹھاہ پرانہِ "نگارِستان کشمیر" کِس
مُصنفہٕ سُندِ گُف چھُ زِ" پتھ کالہٕ کیٛو ہندو قلمکارو چھِنہٕ کانٛہہ توأریخ مُرتب
کٔرمِژ تہٕ تِمن أسنہٕ أمِچ علمیت بلکہ اوس تِمن منٛز قصہٕ کہانیہِ لیکھنٛک
رِواج، کٔشیر ہنٛز توأریخ چھِ سارِوے بروٗنٛتھ پنڈت رتنا گرن لیکھمِژ
یتھ راج ترنگنی ناو اوس، یہِ چھِ زبأنی قصو تہٕ ڈیلیوٗ ستی مرتب سپٕز مِژ، یُتہٕ

یہِ مورخ نوٚیمہِ صدی عیسوی منز اوس تتہِ چھِ کلہن پنڈتن بہمہِ صدی عیسوی منز راج ترنگنی ناوٕچ توأریخ لیچھمٕژ۔ چونکہ کلہن پنڈتس چھُنہٕ رتناگرسُند نسخہ دسیاب گومُت، لہٰذا چھِ تمیٚ راج ترنگنی زبأنی رِوایژ تہٕ حکایژ وٕسٕتی مرتب کٔرمٕژ۔ یمن دوشوٕنی تأریخی شاہکارن منز چھِ مبالغہ آمیزی تہٕ افسانہٕ سازی۔ رتناگرٕسنزِ کتابِ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ پَے پتانیران، اماپوٚز کلہن سنز راج ترنگنی چھِ تمام ہندو، مسلمان تہٕ انگریز مورخن ہنٛدِ باپتھ ماخذ بٔنتھ، افسوس چھُ یمہِ کتھِ ہُنٛد زِ سأری چھِ أچھی مچھی ؤٹتھ کونہِ چھان بین کرنہٕ ورأے اَمچ تقلید کران ''کشمیر میں فارسی ادب کی تاریخ'' کِتابہِ منز چھِ پروفیسر عبدالقادر سروری سابقہ صدر شعبہ اُردو، فارسی جموں و کشمیر یونیورسٹی لیکھان ''کلہن نے کشمیر کی تاریخ کا آغاز گونندا اول سے کیا ہے جس کے بارے میں بتایا ہے کہ 953 کالی میں تخت نشین ہوا تھا۔ گونندا دوم کے بعد اُس نے لکھا ہے کہ تاریخی دستاویزات کے تباہ ہوجانے سے پینتیس راجاؤں کا حال راج ترنگی میں شامل نہ ہوسکا۔ لیکن پیر غلام حسن مصنف ''تاریخ حسن'' نے ان راجاؤں کے حالات اپنی تاریخ میں لکھے ہیں اور یہ بتایا ہے کہ سلطان زین العابدین بڈشاہ کے زمانے میں رتناگر کی قدیم تاریخ کے کچھ اجزاء دستیاب ہوگئے تھے جن میں ۳۵ راجاؤں کا حال بھی درج تھا۔ ملا احمد کشمیری نے اسے بڈشاہ کے حکم سے اپنے راج ترنگنی کے فارسی ترجمے میں شامل کرلیا تھا''۔ ڈاکٹر

صابر آفاقی چھُ پننہِ تاٲریخی کتابہِ ''تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں'' ہِکس ابتداہَس منٛز لیکھان زِ اَسہِ چھِ ہتہٕ بدٕن وٕرین ہنٛدِس اقتدارَس دوران سیاسی تہٕ تہذیبی توٲریخ واریاہن کتابن منٛز دستیاب یمہٕ سنسکرت، فارسی، اردو تہٕ انگریزی بیترِ زبانن منٛز تالیف چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ امہِ علاوٕ چھِ درجن وادا ایشیایی تہٕ یورپی سالانن ہنٛدی سفرنامہٕ شایع سپدی مٕتی مگر افسوس چھُ یہِ زِ اکثر تاریخی کِتابن اندر چھنہٕ مُستند واقعات تہٕ بیٚیہِ تِمن ہنٛز بیٚون بیٚون گٔرمٕژ وبٕژھنَے نظرِ گژھان، حالاتن ہنٛدٕن اسبابَن تہٕ نتیجن پیٹھ تہِ چھُ واریاہ کم منطقی بحث میلان۔ یِمو مورخو چھُ پننہِ پسند و ناپسندُک معیار برونٛٹھ کنہِ روٗژمُت تہٕ توٲریخی واقعو منٛز پننہِ مرضی ہنٛدی نتیجہٕ کڈنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ الغرض تعصب، ژھوٚٹ نظر، تگن گری تہٕ رنگن گری ہِوو غلط عادتو کٔنی چھُ توٲریخ کِس علمَس تہٕ فنکاری کافی ددارٕ ووٗتمُت۔ یِہوے وجہہ چھُ زِ تاٲریخی حقایق تہِ چھِ ووٚنِ بے اعتبار تہٕ غیر مُصدقہٕ آسنہٕ کِنہِ اعتراضن تہٕ اختلافن ہنٛدی موضوع بٔنیمٕتی۔ بہرحال توٲریخ پرٕناون وٲلی ووستاد تہٕ تحقیق کرن وٲلی لِکھاری چھِ اکہِ تِمہِ مُستند تہٕ جامع تاٲریخ کشمیرٕچ کمی محسوس کران یَتھ منٛز گُنہِ نسلی، مذہبی تہٕ وطنی تعصبہٕ ورٲے پوٚز ژٕنی راوَنس ستی ستی سٔنجیدٕ بوز شوز کرنہٕ آسہِ آمُت۔ کٔشیر ہُنٛد صحیح تہٕ مٲری موٗنٛد خدوخال ہیکہِ تِتھے کٔنی بروٗنہہ کُن یِتھی۔ یَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ سٲری سے برصغیرس منٛز چھُ کٔشیرِ پَتھ کالہٕ پیٹھے تاٲریخ نویسی ہُنٛد

فن رٲیِج اُوسمُت ۔ یہوے وجہ چھُ زِ شروع پٮ۪ٹھ اَز تام چھِ یتہِ کیٚن لوٗکن
ہنٛز تواریخ محفوظ ۔ اَتھ سٕتی چھُ ڈاکٹر صابر آفاقی پننہِ کتابہِ ''تاریخ کشمیر
اِسلامی عہد میں'' کِس شروعس منٛز لیکھان زِ یُودوَے زَن کٲشِر ہنٛز
ابتدٲیی تواریخ بُڈِس حدس تام اَنہِ گٔٹس منٛز کھٹِتھ چھِ توتہِ ہیکو اَسی تمو منٛز
شکہٕ روٗس قٲبلِ اعتبار حقایق بدِ کڈِتھ، یم ابتداہکیٚن خاکن ہنٛدِ حیثیتہٕ
قبول ہیکٮ۪ن سپدِتھ ۔ اَمی مصنِفن چھُ دراصل ایرانَس منٛز واریاہ ؤری
گُزارِتھ سَندِ تہٕ ماخذ جمع کٔرِمتی تہٕ یتھٕ کٔنۍ اکھ تٔژھ مستند تہٕ جامع تاریخ
کشمیر ترتیب دِژمٕژ یوسہٕ مذہبی، نسلی تہٕ قومی تعصبہٕ نِشہِ پاک چھِ تِکیازِ تِہنٛد
گُف چھُ زِ پرانیٚو واریاہو مورِخو چھُ پننہِ تعصبہٕ تہٕ تنگ نظری کِنۍ تہٕ بییہِ پننہٕ
نٮ۪ن خاص مقصدن نظرن تَل تھٲوِتھ تواریخی حقیقژَن ہُنٛد حُلیہ یِہ ڈٮ۪لِ زِ تہٕ
بِگوڈمُت ۔ تِتھے کٔنۍ چھِ بییہِ اَکی تٲریخ نویس قاضی ظہور الحسن ناظم صٲبن
کٲشرٮ۪ن مورخن ہنٛزن غلطین ہنٛز نِشاندہی کٔرمٕژ تہٕ تہندٮ۪ن واریاہن
اعتراضن ہُنٛد جواب تہِ دیُتمُت، اَمی چھِ پننِس تخلیق کٔری مٕتِس تٲریخ
''نگارستان کشمیر'' کِس شروعس منٛز واریاہَن پرانیٚن توارتخن ہُنٛد جایزٕ
موٗختصر لفظن منٛز بیان کوٚرمُت ۔ تِہُنٛد گف چھُ زِ کیٚنژھو مورخو چھِ پننہٕ نے
مرضی تٔژھ کتھٕ ؤنہِ مٕژ یمو سٕتی تعصب، حسد تہٕ فرقہ بازی ہُنٛد بیٚول وَونہٕ
چھُ آمُت، یِتھوی یوت نہٕ بلکہ چھُ مذہبی، ادبی، ثقافتی تہٕ سیاسی شخصیتَن
خلاف تہِ ناشایاں کتھٕ لیکھنہٕ آمژٕ ۔ لہٰذا یمن لوٗکن مُلکس تہٕ قومَس سٕتی

ہمدردی چھِ تم کرن نہٕ یژھٕ زہر برٕ ژ کِتابہٕ وُچھنہِ تہٕ پسند، پرٕنچ چھنہٕ کتھٕ ـ بہرحال توٲریخ نویسن چھُ پیٚوان پرٕژھٕ گاٚرکرنہٕ علاوٕ ژھونٹھ دِتھ مختلف معاملن تہٕ واقعہن منٛز روداد ٲنِی راوِنی تکیازِ اپزٕ بیان بازی ٲستی چھ لۆکن ہُنٛد سونٛچ غلط وَتَن کُن لگان، لہٰذا چھُ مورخن ہُنٛد یہِ فرضِ عین زِ تم کرن سُوی مواد توٲریخن منٛز مُرتب یُس تمو تحقیق تہٕ کھوجہِ پٹھ پرکھاونہٕ پتہٕ جمع آسہِ کوٚرمُت، نتہٕ ہرگاہ تم پننہِ مرضی ہنٛزن زہربرٕژن تہٕ غیر مہذب کتھن ہُنٛد اُڈراوُن جاری تھاوَن لۆکن روزِنہٕ تمن پٹھ اعتبارٕ ے، امہِ علاوٕ گرٕژھِ سماجس منٛز اختلافَن تہٕ غلط فہمین ہُنٛد سُہ اکھ ماحول پاٚدٕ یتھ اندر پٲتی میٚن بروٚنٛٹھی میٚن حکمرانَن، بزرگن، ادیبن تہٕ گونہٕ ماتن بیترٕ یہِ ذٕلٕ زِ تہِ ناوَن دبہٕ لگہِ تہٕ بے قدری سپِد، کتھ چھِ سیٚود تہٕ صاف زِ یوسہٕ تاریخی کتاب افسانہ سازی، اَپزٕ یرگی تہٕ مَنہٕ ووزیمٕ وٲلیلو ٲستی برٕتھ آسہِ تتھ توٲریخن ہِنٛدِس دُنیاہَس منٛز جائے دِنی گیہٕ امہِ کِس علمس تہٕ فنس توہین کرُن۔

محمد الدین فوقؔ چھُ پننہِ کتابہِ ''شبابِ کشمیر'' کِس شروٗعس منٛز ''مورخین کشمیر کی فروگزاشتیں'' عنوانَس تحت لیکھان زِ سنسکرت زبانی منٛز یِم کٲشیر ہِنٛدی توٲریخی مطبوٗعات چھِ تم ساری چھِ نظمن منٛز لیکھنہٕ آمتی، لہٰذا چھِ سنسکرت پتہٕ کٲشیرِ ہنٛزٕ واریاہ فارسی زبانی منٛز توٲریخی کتابہ نظمن ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز لیکھِتھ، اوتامَتھ اُسنہٕ کانٛہہ خرابی، مگر زیادٕ افسوس چھُ یمہٕ

کتھ ہُنْد زِ کشیرِ ہِنْدِ بو مورخو چھ پرٲنین اکثر راجن مہاراجن تہٕ پادشاہن، عالمن تہٕ بزرگن بیترِ ہنزن زِندگین ہِنْدی حالات تہٕ کارنامہٕ لیکھنہٕ وقتہٕ صحیح تٲریخ سنہٕ، ڈٔری بیترِ دریافت کرنَس منز غفلت ورتاوٕمژ۔ واقاتھ تہٕ حالات درج کرنس منز تہِ چھُ زیادٕ زور ''نقل است روایت است۔ گفتندمی گویند'' ہس پیٹھ دِنہٕ آمُت۔ یمہِ کتھِ ہُنْد چھُنہٕ بالکل تہِ لحاظ تھاونہٕ آمُت زِ یہِ کینژھا ''نقل است'' کہِ ذریعہ لیکھنہٕ چھُ یوان تتھ چھا عقل تہِ مانان تہٕ تتھے کُنْز ''گفتندمی گویند'' مطابق تہِ چھا یہِ تواریخی واقہن ہِتی واٹھ کھیوان؟ صالحینن تہٕ تقویٰ شعار لُکن ہِنْدِس سوانح حیات لیکھنَس منز چھُ تذکرٕ نویسو عقلہِ تہٕ تٲریخی شہادتہٕ بجایہِ کراماتن تہٕ معجزن کاٲم ہێنی پنُن مقدس فرض سمجھ مُت''۔ اٰخرس پیٹھ چھُ یہِ مورخ یتھ کتھِ پیٹھ زیادے افسوس کران تہٕ ونان ''مورخین کشمیر پر یہ ایک بدنما دھبہ ہے کہ بڈشاہ جیسے مشہور جلیل القدر اور غیر متعصب بادشاہ کی جو ہندوؤں اور مسلمانوں میں یکساں ہر دل عزیز تھا، کشمیر کی کسی تاریخ میں اس کی تاریخ پیدائش تو کجا، سنہ پیدائش کا بھی ذکر نہیں'' بہرحال تتھیو واریاہو مشرٕ بوتہٕ بُل چکوٕ ہتی چھِ سانہِ تاریخی کتابہٕ یہِ ڈٔپِ زِ تہٕ بے اعتبار باسان، یہوے وجہ چھُ زِ اَکس رِسرچ سکالرس تہٕ عام لِکھاڑِس چھِ واقعات تہٕ مختلف شخصیتن ہِنْدی اوحال بدکڈنَس منز زبردس تھوس یِوان، امہِ علاوٕ چھِ واریاہو جان تہٕ مشہوٗر مورِخو کانْہہ نتہٕ کانْہہ خاص واقعہ زٲنتھ مٲنتھ یاتہٕ

مختصر لفظن منٛز بیان کوٚرمُت نتہٕ اَنٛد ہیٚتھ ترومُت، سُہ تہِ پنٕنہِ پنٕنہِ ذاتی پسند ناپسندَ کنہِ، کینٛژ ہومورخو چھ یاتہٕ ذاتی مقصد پورٕ گژھنہٕ نتہٕ خاص شخصن تہٕ حکمرانَن ہنٛزِ وفادٲری ہُنٛد سوداچُکاونہٕ خاطرٕ ژھوپہ کرٕمژٕ یاادلہٕ بدل لیوٗکھمُت، یوراج ہنٛز تصنیف راج ترنگنی منٛز چھ 1150 پیٚٹھ 1459 عیسوی تام حالات درج۔ یہِ تٲریخی شاہکار چھُ کشیرِ ہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ اہم تہٕ قدیم ماخذ۔ اتھ منٛز چھِ شہمیرٕ ہنٛزِ تخت نشینی تامت معاشرتی تہٕ سیاسی حالات درج، مختصر آسنہٕ باوجود چھُ اَتھ منٛز آینٛدٕ ینہٕ والیٚن سلطانَن ہُنٛد سرسری جایزٕ تہِ ہینٛہٕ آمُت، کینٛہہ اہم تٲریخی واقعات مثلاً رینچن سُنٛد اسلام قبول کرُن تہٕ حضرت اَمیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ صٲبُن کٲشیرِ تشریف اَنُن چھُ نظرانداز کرنہٕ آمُت۔

تاہم چھ 1309 عیسوی پیٚٹھ 1459 عیسویس تام سپدی مٕتی واقعات تہٕ حالات تفصیلہ سان درج سپدی مٕتی، تِکیازِ اتھ درمیان روٗد یہِ مُصنف کافی وَقتس زِنٛدٕ، سُہ اوس سلطان زین العابدین بڈشاہٕ سنٛدِس دربارَس سٟتی مُنسلِک، لہٰذا چھُ تٔمی پنٕنس سرپرست تہٕ آغہٕ سنٛدی وَصف بیان کرنہٕ وِزِ مبالغس کام ہیٚتھ تہٕنٛزن خرابین پرٕ دتراومُت، تہنٛدِس مٲلِس سکندرٕ سنٛدی حالات بیان کرنس منٛز تہِ چھُن طرفداری کرٕمژٕ تہٕ یتھ کٔنہِ اَہنٛدِ عہدِ حکومتچہ سٲرے خرابیہِ اَمی سنٛدِس وزیرٕ سہہ بھٹس ناوس ترٲوِمژٕ تہٕ اَمی سنٛزٕ غلطیہِ بڈِ ژھٕ ژٕھی پیش کرٕمژٕ۔ الغرض یہِ کتھ چھِ توتہٕ پھرٕن

لایق زِ کشیرِ ہنز تواٗریخ لیکھن والین منز چھُ اکھ عام نوقص یہوے روٗدمُت زِ تمو چھِ اہم تاٗریخی واقعہٕ ہنٛدی سنہٕ تہٕ تاٗریخ درج کرنٕس منز یاتہٕ غلطیہ کرِمٕژ نتہٕ مختصر لیکھنکہِ بہانہٕ تیتھن چیزن ہنٛز کتھے کھیٚمٕژ، چنانچہ یون راجہ نہ مرنہٕ پتہٕ چھُ تہنٛد شاگرد شری در پنٛنس ووستادٕ سنٛز اڈٕلیچ کاٗم برونٛہہ پکہٕ ناوان، تمی کٔر ''جین راج ترنگنی'' کتاب تصنیف، امہِ علاوٕ کٔر تمی فارسی زباٗنی منز لیکھنہٕ آمٕژ کتاب ''یوسف زلیخا'' سنسکرت زباٗنی منز ''کتھا کوتک'' ناوٕ مُنتقل، شری درٕ سنٛدِ فوت گژھنہٕ پتہٕ چھِ راجیہ بھٹ ''راجاولی پتاکا'' تاٗریخی کتابہِ اندر 1486 پیٹھٕ 1512 عیسوِیس تام حالات تہٕ واقعات درج کران۔ اتھ کتابہِ منز چھِ واریاہ نوقص لبنہٕ آمتی۔ امہِ سِلسلچ أخری تاٗریخی کتاب چھِ راجیہ بھٹٕ سنٛدی شاگرد شک پنڈتن لیچھمٕژ۔ یتھ تمی کلہن سُنٛد تقلید کٔرتھ راج ترنگنی ناو تھوٚو۔ اتھ منز چھِ 1517 پیٹھٕ 1596 عیسوی تام حالات درج، لیکن أمی سٕنٛزِ تصنیفہِ منز چھِ واریاہن شہرن تہٕ بیٚیہِ مقاماتن ہنٛدی غلط معلومات لیکھِتھ، تمی چھِ واقعہن ہنٛدی سنہٕ تہٕ کمے لیکھیٚمٕتی، مورخن چھِ چک خاندانٕس متعلق تواٗریخ تہٕ مُغلن ہنٛد کشیرِ فتح کرنٕچ ذِکر کرنس منز یہ ڈٲپِ زِ تہٕ کنجوٗسی ہاوٕمٕژ یا نے نہایت مُختصر لفظن منز بیان کوٚرمُت۔ سید علی سٕنٛز ''تاریخ کشمیر'' اوٚک طرف ترٲوِتھ یوسہٕ یوسف شاہ چکہٕ سنٛدِس دورِ حکومتس منز لیکھنہٕ چھِ آمٕژ، کشیرِ متعلق چھِ تمام فارسی تواٗریخہٕ مغلن ہنٛدِ کشمیر فتح گژھنہٕ پتہٕ

مُرتب کرنہٕ آمژ ۔ یمہٕ ساریٚ چھِ سبٹھاہ اہم ماننہٕ یوان، تمُوک خاص وجہہ چھُ زِ یمن کتابن ہِندۍ لِکھاری چھُ بہٕ قولِ محبّ الحسن مصنف "کشمیر سلاطین کے عہد میں" پننہِ بچپنکی تہٕ جوانی ہِندی زمانہٕ شہمیر خاندانہٕ پتہٕ ینہٕ والین حکمرانن تہٕ چک خاندانن ہندین دورِ حکومتن منز گزارمتی، تمو چھُ یاتہٕ ذاتی مشاہدن ہنزِ بُنیادِ پیٹھ لیوکھمُت نتہٕ چھک تمن پرانین مستند ماخذن یانے تواریخ تہٕ تذکرن ہُند فایدٕ تلمُت یم وونی نابوٗد چھِ ۔ سید علی سنزٕ "تاریخ کشمیر" چھِ یوسف شاہ چک سندِس دورس تام لیکھنہٕ آمژ، دیپان سید علی اوس بیہقی سید، محبّ الحسن سُند گف چھُ زِ سید علی سنزِ تواریخکی قلمی نُسخہ چھِ وونی سیٹھاہے نایاب، کینہہ کال بروٚنہہ اوس سرینگرِ کیوٚ شعبہ تحقیقات واشاعت والو اکھ نسخہ حاصل کوٚرمُت، اماپوٚز افسوس چھُ یمہِ کتھِ ہُند زِ امہِ نُسخُک گوڈنیُوک حصہٕ چھُ ژھیۆنمُت ۔ یوٚ تامت چک خاندانکہِ حکومت کرنکہِ دورُک تعلق چھُ سُہ چھُ اَتھ کتابہِ منز بالکل نظرانداز کرنہٕ آمُت، البتہٕ چھُ یوسف شاہ چک سندِ اُخری سفرُک تہٕ ازٕ بوٚرُت واقع مختصر پاٹھی بیان کرنہٕ آمُت ۔ سیاسی تواریخ آسنہٕ سببہٕ چھِ یہٕ کتاب وارِیاہ اہم ۔ یُہ تاہ خاص کتاب اُستھ تہٕ چھ اَتھ اندر رواتھن ہنٛدی سنہٕ، تاریخ تہٕ اہم مقاماتن ہنٛدی معلومات نہ آسنٕس برابر باسان، بیاکھ اکھ اہم تاریخی شاہکار چھِ "بہارستان شاہی" یمہِ کِس مُصنفہٕ سُند ناو معلوٗمے چھُنہٕ ۔ محبّ الحسن سندِ وننہٕ مطابق چھِ یہٕ تواریخ رینچن شاہ سندِ

تخت نشینی پتہٕ 1618 عیسویس تام لیکھنہٕ آمژ۔ اتھ منز چھِ اسلامی عہد برونٹھم حالات صرف کینژھن صفن پتھ لیکھنس ستی اندواتہٕ نأوِتھ۔ اَمِس مورخس متعلق چھُ پتوی معلوم سپد مُت زِ سُہ چھُ شیعہ اوسمُت تہٕ غالباً بیہقی ساداتن ہُنٛد ملازم، یہندی حالات زیادٕ وضاحتہٕ سان لیکھی متی چھِنہٕ۔ تہُنٛد خدایس کھوژنچ، تہٕ بہادُرتہٕ بییہِ سخی آسنچ ذکر چھِہن چاپلوسی اندازَس منز کُرمژ۔ أمی چھِ یون راج تہٕ شری درسٕنزن توأرٕیخن ستی ستی ملا احمد، ملا نادری، قاضی ابراہیم تہٕ حسن قاری بیترِ ہنٛزن فارسی توأریخن ہنٛدِس بُنیادَس پتھ پنٕنی تأریخی کتاب مُرتب کرمژ۔ ''بہارستان شاہی'' کِتابہِ ہنٛدی مُصنفن یہِ کینژھا شاہ میری تہٕ چک خاندانٕن ہنٛدٮ۪ن حکمرانٕن متعلق لیوکھمُت چھُ تہِ چھِ بہ قول محب الحسن یا تہٕ تَمی سٕنٛدی ذأتی مشاہدٕ نتہٕ بڈٮ۪ن بُزرگن نِشہِ بوٗزمژ زبأنی کتھٕ' ووٗنی گوا کھ واقع چھُن پورٕ پأٹھی وٮ۪زھناومُت، سُہ چھُ یوسف شاہ چک تہٕ تہنٛدِس فرزند یعقوب شاہ دوشوٗنی ہنٛزِ جلاوطنی تہٕ فوت سپدنَس متعلق، لہٰذا واریاہ غلطیہ آسنہٕ باوجود چھِ یہِ کتاب اکھ اہم تاریخی آگُر یانے کہِ ماخذ مانٕنہٕ یوان۔

حسن بن علی کشمیری سنٛز لیچھی مژ کتاب چھِ کشیر ہنٛد مختصر توأریخ۔ یتھ اندر شروٗع پتہٕ 1616 عیسوی تام واقعات درج چھِ۔ یہِ کتاب چھِ ''بہارستانِ شاہی'' کہِ آگرِ منزے درأمژ۔ لہٰذا چھِ دوشوٗنی مورخن ہشی کمزوری۔ حسن بن علی مورخن چھُ یعقوب شاہ چک سُنٛد اکبر بادشاہَس

بروٚنٛہہ کنہِ جھُکنُک واقع سرسری طور بیان کوٚرمُت۔ امہِ باوجودتہٕ چھِن کشیٖرِ ہنٛدٕن سلطانَن ہنٛدی حالات حسن شاہ سنٛدِس اٚخری دورِ حکومتَس تام کأفی تفصیلہٕ سان مُرتب گرِ ئمتۍ۔ لہٰذا چھِ یہِ کتاب تہٕ امہِ زمانُک اکھ موٗلُل تہٕ اہم ماخذ، ووٚنۍ گوٚ وییٚلہِ کانٛہہ کتاب نایاب یا نابود گژھان چھِ، مصنفہٕ تہٕ تہنٛزِ کتابہِ ہُنٛد ناو چھُ توتہِ پھرنہٕ یِوان، ییٚس تام سُنٛد دوٚپ چھُ ''واریاہن کِتابن ہنٛدی ناو چھِ معلوم، مگر تِمن ہنٛدی جِسم چھِ معدوم'' مےٚ پیٚویٚیتہِ نَس اردو زبأنۍ ہنٛدِس مشہور شاعرِ ذوقہٕ سُنٛد یہِ شعر ژٕتَس۔

رہتا ہے ذوق نام سخن سے ابد تک
اولاد سے تو ہے یہی دو پشت چار پشت

کٲشیرِ ہنٛز ساروِے کھوتہٕ زیادٕ مشہور فارسی زبأنۍ منٛز توٲریخ چھِ ممتاز موٗرخ حیدر ملک چاڈورہ سنٛز تصنیف، تِمۍ سنٛدِ خاندانٕکۍ افراد چھِ ہندو دورکہِ حکومتہٕ پیٹھ مغلن ہنٛدِ دورٕ کِس اٚخری وقتَس تام سیٚدِ سیٚودا کہِ نتہٕ بییہِ طریقہٕ ملکی تہٕ سیاسی کیہو اِنتظامی معاملَن منٛز شأمل روٗدی ئمتۍ۔ پوٗرٕ ژوہَن وٕرین چھُ حیدر ملک یوسف شاہ چکس ستۍ حکومتس منٛز تہٕ جلایہِ وطن روزنَس دوران شأمل روٗدمُت۔ بنگال کِس گورنَر شیر افگن سنٛدِ مارنہٕ پتہٕ رٕٹ تِمۍ تِہنٛز خاندارٕنۍ مہرالنساپنٛنِس حفاظتس منٛز، یوسہٕ بروٚنٛٹھ کُن پٔکِتھ جہانگیر سنٛز آشِنۍ نور جہاں ناوٕ ستۍ مشہوٗر سپٕز۔ یوسف شاہِ چک سنٛدِ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ کٔر حیدر ملکن جہانگیر پادشاہ سنٛز ملازمت اِختیار۔ تس

آے رئیس الملک تہٕ چغتایی خطابات عطا کرنہٕ تہٕ بێیہ آیس کشیرٕ ہنٛد بن معاملن پیٹھ نظر گذر تھاونچ ذمہ وأری تہٕ مٹہِ تھاونہٕ، تٔس متعلق چھُ یہِ عام تأثر زِ سُہ اوس مغل بادشاہن ہنٛد زیادٕ پہن خأرخواہ تہٕ وفادار "تأریخ کشیر" اُس حیدر ملکن 1618 عیسویس منٛز لیکھنۍ شروٗع کٔرمٕژ تہٕ 1621 عیسویس منٛز چھُہن مکمل کٔرمٕژ۔ محبّ الحسن سُنٛد دوٚپ چھُ زِ "بہارستان شاہی" تہٕ حسن بن علی سنٛز "تاریخِ کشیر" بێیہ حیدر ملکہ سنٛز "تأریخ کشیر" ترٛیشوٕنی کِتابن ہنٛدِ غورٕ ساں مطالعہ کرنہٕ سِتی چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ یِمن مورخن چھُ ہوے ماخذن منٛز مواد حأصل سپدُمُت۔

البتہٕ چھِ حیدر ملکن تِمن قدیم رِوایژن ہنٛد تہٕ اِضافہٕ کوٚرمُت یِمہٕ تہٕنٛدِس خاندانس منٛز اکھ أکِس کُن مُنتقل گژھان چھِ اسٕمژٕ۔ بێیہ چھِ تِمۍ تہِ پانہٕ أکِس نوجوانہٕ سنٛدِ حیثیتہٕ چک خاندانکہِ دورِ حکومتکۍ بے شمار واقعات پننہٕ نێو أچھو مشاہدٕ کٔرۍ مٕتۍ حالانکہ پنٛنس توأریخس منٛز چھُنہٕ سُہ کُنہِ تہِ جایہِ یِمن واقعہن منٛز شریک آسنچ ذکر کران، یتھٕ کٔنۍ بہارستان شاہی ہنٛدۍ مصنفن بیہقی ساداتن ہنٛدۍ کارنامہٕ بڈٕ تھٕ تہٕ ژٕ ڈِتھ بیان چھِ کٔرۍ مٕتۍ، بالکل تِتھے پأٹھۍ چھِ حیدر ملکن پنٛنس مألۍ بُڈۍ بَب محمد ناجی سنٛز دانأیی تہٕ بہادری ہنٛدۍ تأریف کٔرۍ مٕتۍ، حیدر ملک اوس شیعہ لیکن تعصب چھُسنہٕ اُوسمُت البتہٕ افسوس چھُ یِمہِ کتھِ ہُنٛد زِ سُہ چھُنہٕ یوسف شاہ چک تہٕ تہٕنٛدِس فرزند یعقوب شاہ چک سنٛدِ بن جلایہِ وطن روزنکین دوہن تہٕ أخری لمحاتن

متعلق کینہہ تہِ لیکھتی ہیو کمُت۔ حأرانی چھِ یمہ کتھِ ہنز زِ یمن پادشاہن تہٕ یہندِس خاندانَس ہِتی رٔلتھ میلتھ روزنہٕ کِنی چھُ سہ اکھ چشم دید گواہ ماننہٕ اُوسمُت یِوان، خبر توتہِ کیازِ چھُن ملکہ حبہٕ خاتون تہٕ یوسف شاہ چک بادشاہ دوشونی متعلق حالات تفصیلہٕ سان لیکھنَس پرٕ ہیز کوٚرمُت۔

چونکہِ تَس اُوس مغل دربارَس منز کأفی اثر ورسوخ تہٕ بییہٕ أسِس تہندی واریاہ عنایاتھ تہٕ خأروأتی ہِتی لہٰذا تم خوش کرنہٕ خأطرٕ چھُ تمی چک خاندانَس ہِتی بِبن ورتاومُت۔ ''تاریخ کشمیر'' کِس تریمس حِصس منز چک حکمرانَن ہندی اوحال تہٕ واقات لیکھنہٕ وزِ چھُنی زیادٕ پہن مغلن ہندٕ بن حملن ہندِ رکاونٕچ روداد المن کھأرمٕژ۔ چک خاندانک پأداوار أسِتھ تہِ چھُ مُغلن ہُندی وفادار رٔدمُت۔ یتھوی یوت نہٕ بلکہ چھُن نہٕ للہ عارفہ سُند ناو تام تہِ ہیوٚتمُت شاید اوٚ کِنی زِ تمِس آسہِ ہاسو اکھ مٔژ یانے مجذوبہ بأسیمٕژ۔ ملک حیدر چاڈورن چھُ کُنہِ خوفہٕ ورأے چک حکمران عام پأٹھی تہٕ یعقوب شاہ چک خاص پأٹھی کٔشیرِ ہنزِ غلامی ہندی ذمہ وار قرار دتہِ ہِتی تہٕ ہِتی یعقوب شاہس چک خاندانس وہ جارٕ کرنُک راہ کھولمُت، اِنسانی فِطرتُک تقاضہٕ چھُ زِ یلہِ کانہہ شخص دولتہٕ یا رُتبہٕ تہٕ عزتہٕ کِنی بجر چھُ لبان لوٚکن چھُ تہِ کہے پہن برداش گرٕھان تہٕ چھُک رشکہٕ بدل حسد یِوان یمہٕ کِنی تمن تہُند ناو یا ذاتھ لقبہٕ سان زبوٚن پیٹھ ہیوٚن تام کھران چھُ۔ توأریخ زندٕ مِثال چھِ ہِتھٕ کُنی زِ واریاہ مورِخ چھِ

یوسف شاہ چکس یوسف خان تہٕ یعقوب شاہ چکس یعقوب خان ناو لیکھان۔ یوٗ ہے گوٚضد ووتھُن، اوٚے موکھٕ چھِ یمن پادشاہ اٚستی عام ناو دِنہٕ آمٕتۍ۔ چونکہِ پنٕنس تأریخی شاہکار ''تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں'' کِس نیمس بابس منٛز چھُ ڈاکٹر صأبر آفاقی لیکھان ''مغل عہد کے مورخین نے کشمیر کی آزادی کے خلاف پہلے ہی توہین آمیز پروپیگنڈہ شروع کر رکھا تھا۔ مثال کے طور پر وہ یوسف شاہ کو صرف یوسف خان لکھتے تا کہ یہ دکھایا جائے کہ وہ آزاد خود مختار سلطان نہیں بلکہ فقط ایک زمیندار رہے''۔

دراَصل چھُ یمن مورخن اکبر بادشاہ خوش کرنہٕ خاطرٕ امہِ قسمٕک ڈھنڈھورٕ وایُن پیوٚمُت، مگر سانہِ خأطرٕ چھُ یہِ اکھ مسلہ بنیوٚمُت تہِ زَن گوتواریخُک مطالعہ کرن والین تہٕ بیٚیہِ امہِ مضمونکین طالبِ علمن چھ یوسف شاہ بدلہٕ یوسف خان ناو ہیوٚن شروعس منٛز اِنتشار پأدٕ کران تِکیازِ چک خاندانس منٛز چھُ امہِ ورأے تہٕ بیاکھ اکھ یوسف خان شأمل اُوسمُت۔ بہر حال تأریخی کِتابن ہنٛدِس ذخیرس منٛز چھِ کینٛہہ عام تواریخہٕ تہِ یِمو منٛزٕ نظام الدین سنٛز تصنیف ''طبقاتِ اکبری'' قأبلِ ذکر چھِ، أمی چھُ اتھ منٛز پتھ کالہِ پیٹھ اکبر بادشاہ سنٛدِس کٔشیرِ فتح کرنس تام حالات درج کٔری مٕتۍ۔ دیان أمی چھِ دۄیوٚ ماخذو، اکھ مرزا حیدر سنٛدِ ''تاریخ رشیدی'' تہٕ بیٚیہِ نامعلوم مصنفہٕ سنٛدِ ''تاریخ کشمیر'' اَندرٕ مواد حأصل کٔرتھ پنٕنۍ کتاب مُرتب کٔرمٕژ۔ امہِ علاوٕ چھ عبدالقادر بدایونی سنٛز لیچھمٕژ کتاب

''منتخب التواریخ'' اَتھ منز یُدوَے کشیر متعلق الگ پأٹھی ذِکر چھینہٕ کرنہٕ
آمُت مگر اکبر بادشاہ سٕندِس دورِ حکومتَس متعلق حالات چھِ حوالن ہٕندِس
صورتَس منز درج سپدی متی ۔ چک خاندانکین حاکمن ہُند اکبر بادشاہس
سٕتی تعلقاتَن متعلق چھِ کتاب اندر مفید معلومات تہٕ بیٚیہِ چھِ اَتھ اندر منز
منز کشیرِ ہنٛدین صوفیائے کرامن تہٕ عالمن ہنٛز ذکر تہِ کرنہٕ آمُت ۔ مغلن
ہنٛزن توأریخی تصنیفَن منز چھُ ابوالفضل سُند ''اکبرنامہ'' قأبلِ ذکر۔ اَتھ
مشہور کتابہِ منز چھِ مرزا حیدر سٕندِ حکومتُک مختصر مگر مفید تذکِرکرنہٕ آمُت ۔
''اکبرنامہ'' کِہن ورقن پیٹھ چھِ کشیرِ پیٹھ ابوالمعالی تہٕ قرابہادر سٕندین
حملن تہٕ چک خاندانس سٕتی مغلن ہنٛدین تعلقاتَن تہٕ بیٚیہِ اکبر بادشاہ سُند
کشیر ہنٛزِ أخری فتحُک حال تفصیلہ سان لیکھنہٕ آمُت ۔ ابوالفضل سٕنٛز
بیا کھا اکھ کتاب ''آیینِ اکبری'' تہِ چھِ اکھا اہم تصنیف تہٕ یہِ ڈٲلِ زِ تہٕ کشیرِ
ہنٛز مقامی سند ۔ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری سٕنٛز تصنیف ''واقعات کشمیر'' چھُ بہ
قولِ محبّ الحسن اِبتداہہٕ پیٹھ 1747 عیسویس تام لیکھنہٕ آمتِن تصنیفَن
ہُند خُلاصہٕ، کُنوہمہِ صدی دوران لیکھنہٕ آمُت توأریخی کتابہ چھِ اکھِ
ورأے تمہِ سارے یہِ ڈٲلِ زِ تہٕ حیدر ملکہٕ سٕندِ تأریخی شاہکارٕکی خلاصہٕ
البتہٕ یہِ اکھ کتاب چھِ پیر حسن شاہ سٕنٛز ''تاریخِ حسن'' یمیُوک آگُر نہٕ صرف
کلہن سٕنٛز تصنیف ''راج ترنگنی'' چھِ بلکہ ''بہارستانِ شاہی'' تہِ یمہِ اندرٕ تمی
سُلطانَن ہنٛدِ دورٕکی تأریخی حالات پننہٕ نِس اَتھ ژون حِسن پیٹھ منی

تأرٟخس منٛز درج گرٕمتۍ چھہٕ ،یٚیہِ تہٕ وارِیاہَن مصنفن ہنٛزن تصنیفن ہُنٛد تہٕ چھُن لاب تلمت ، کتابِ ہنٛدِس ترٛیمس حٕصس منٛز چھیٚن صوفیاے کرامَن ہنٛدۍ سوانح حیات لیکھۍمتۍ تہٕ ژوری مس تہٕ أخری حٕصس منٛز کٔشیرِ ہنٛدٕ ن سلطانَن تہٕ موغلن ہنٛدِس دورَس منٛز فارسی زبانٕۍ ہنٛدِ ترقی ہُنٛد حال بیان کوٚرمت۔

چونکہ توأریخُک یہِ حسبِ حال چھُ دراصل ورگہٕ پأٹھی میانہِ موضوعُک پوٚت منظر یمہِ ستۍ یہِ حقیقت بروٚنہہ کُن یوان چھہٕ زِ سانہِ کٔشیرِ ہنٛز توأریخ لیکھن والیٚو اکثر مورخو چھُ تحقیق کرنَس دوران کمے پہن دِلچسپی تہٕ سنجیدگی ہأوِمٕژ یمِ موجب صحیح معلومات دریافت کرنَس منٛز زبردَس تھوٚنٛک یوان چھہٕ۔

یہوے وجہ چھُ زِ مورخن تہٕ نقادَن چھہٕ پرانہِ زمانہٕ کین شاعرن تہٕ ادیبن ہنٛز زندگیہ تہٕ کارنامہٕ وِچھناوَنس دوران زبردست تھوٚس یوان۔ چونکہ حبہٕ خوتون چھُ میون موضوع تہٕ أمِنٛز زندگی متعلق یہِ کینٛژہاہ لیکھنہٕ آمُت چھُ تہِ پَرنہٕ ستۍ چھُ أکِس اِنسانہٕ سُنٛد ضمیر اڈٕ مورِسپدان۔ حبہٕ خوتونہِ ہنٛدٕ ن کارنامَن خاصکٔر تہندٕ ن بأتن تہِ چھُنہٕ سنجیدگی سان پریٚژھنہٕ آمُت یمہِ کِنۍ تمن اورُک یور تہٕ یورُک اور گژھان چھہٕ رودمُت۔

## (ب) کاشرِ زبانٕ ہنٛدِ ادبی تواریخُک سرسری مُطالعہٕ

امہِ بروٚنہہ زِ بہٕ کرٕ کاشرِ زبانٕ ہنٛدِس ادبکس توارتخس بیترِ پننہِ ییمہِ کتاب ہنٛدِ موضوعکہِ نسبتھ ژھانڈ دِنچ روداد بیان، یہِ وٕنُن چھُ ضروری زِ مےٚ ووت پٔتمیوٚ الہِ پلہٕ تریٚوٕ ریو پیٹھٕ مورخن، تذکرٕنوٗیسن، اُدیبن، شاعرن، نقادَن تہٕ مقالہٕ نٔویس ہنٛدٕ ن تحریرٕ گری متین بیانَن بار بار پھیوٗر دِوان تہٕ یمن منٛز اِطمینان کرنَس لایق معلومات ژھاران مگر پتھ کُن یُس عام توارتخَن ہنٛدٕ ن لِکھارٕ ن ہُنٛد طورطریقہٕ زمانہٕ وار ویٚژھاونہٕ آو، سیٚوٕ دُے کتھاہ چھِ زِ یہندٕ ن بیانَن ہُنٛد پانہٕ وٕٲنی ہشَر آسُن چھُ عنقا۔ تاہم چھُس بہٕ پُراُمید زِ ییٚمہِ اَندازٕ پننِس منصوبَس اَندبوٚر رٕچ تہٕ لگنچ تہٕ تنچس واتنٕچ مےٚ کوٗشِش چھِ کٔرمٕژ، ادیبَن، ادب نوازَن تہٕ عام پرن والین یِیہِ سُہ پسند۔ بہرحال تہِ ننہِ یہِ میانٕ پورٕ کتاب پرنہٕ ستی، ووٕنی یوٚ تامَتھ موضوعکہِ نسبتہٕ کاشرِ زبانٕ ہنٛدِ ادبی توارتخُک تہٕ تحقیق و تنقیدُک تعلق چھُ، تمُیک تیُوتھ کانٛہہ بوٚڈ پہن سرمایہ چھُنہٕ پلہِ پس اندازے یُس پھیوٗر دِنہٕ ستی آگرٕکی پاٹھی گرٕ زِ۔ میانیٚن نظرن منٛز آیہِ زٕ ہ کتابہٕ یمن منٛز اکھ "کشمیری زبان اور شاعری" عبدالاحد آزادن لیچھی مٕژ چھِ، سُہ تہِ کاشرِ زبانہِ ہنٛدِس اِرتقاہَس تہٕ لفظیاتَس متعلق، اماپوٚ ززبردَس تگہٕ دَو کرنہٕ باوجود چھُنہٕ سُہ

''کشمیری زبان اور شاعری'' وول حصہ شایع کرِتھ ہیوٚکمُت۔

عبدالاحد آزاد مرحومَس کٲتاہ شوق چھُ اُوسمُت کاشُرِ زبانٕ تہٕ ادبُک تواریخ مُرتب کرُنک، تہٕ ہکو أسی تھندِ یمہِ بیانہٕ ستی پورٕ پاٹھی سمجِتھ یُس تمی کِتابہِ ہٕندِس دیباچس منز أکِس مصنفہٕ سٕندِ حیثیتہٕ أخرس پیٹھ تحریر کوٚرُت چھُ: ''ہمارا خیال تھا کہ کشمیری زبان کی اس مکمل تاریخ کو مختلف حصوں میں عنقریب شایع کریں لیکن آج تک تو ایسا ممکن نہ ہو سکا اور نہ ہی مستقبل میں اس عزم کے شرمندہ تعبیر ہونے کی توقع ہے۔ سو ہم فی الحال آپ کے سامنے للہ واکھیہ اور کلام نوالدین ریشیؒ لے کر آتے ہیں۔ اگر یہ آپ کے ادبی ذوق کے تقاضوں کو پورا کرے تو ہم فخر کریں گے کہ قدرت نے کشمیری زبان اور شاعری کی تاریخ لکھنے کا کام ہماری ہی قسمت میں لکھا ہے۔

ہر کسے را بہرِ کارے ساختند
میل آں را در دلش اند اختند

۱۴/۱اکتوبر ۱۹۴۶ء۔۔۔ عبدالاحد آزاد

یتھے کٔنی چھِ محمد امین کاملؔ مرحومن تہٕ کتابہِ ہٕندِس ''حرفِ اول'' کِس أخرس یتھ کتھِ پیٹھ افسوس کوٚرمُت زِ کاشُر زبان تہٕ امہِ چہِ شاعری ہُند تواریخ مُرتب کرُن آو نظر انداز کرنہٕ، ییلہِ زَن اَتھ موضوعس پیٹھ ووٚنیکتام کانسہِ تہٕ لیکھنچ کوٚشش چھینہٕ گرٕمٕژ۔

دوٚیم کتاب چھِ ''کأشر زبان تہٕ ادبُک تواریخ'' یمکۍ مصنف ناجی منور، شفیع شوق چھِ۔ کتابہِ منٛز چھ عبدالاحد آزادس متعلق یمن لفظن منٛز رایہِ ہُنٛد اِظہار کرنہٕ آمُت:

''کشمیری ادب کی تاریخ کا پہلا باترتیب کام مرحوم عبدالاحد آزاد نے کیا ہے۔ محدود وسائل کے ہوتے ہوئے بھی آزاد کا کام بنیاد فراہم کرتا ہے''

امین کأمل چھِ لیکھان:

''افسوس ہے کہ ان کاوشوں اور عرق ریزیوں کے باوجود تاریخِ کشمیر کا سب سے ضروری حصہ غیر ضروری سمجھ کر نظر انداز کر دیا گیا اور وہ ہے ''کشمیری زبان اور اس کی شاعری کی تاریخ'' پتو لاکن چھُ کأمل صأب ونان زِ اَتھ موضوعس پٮ۪ٹھ چھِنہٕ اَز تام کأنٛسہِ تہٕ لیکھنٕچ کوٗشش گرٕمٕژ۔

1950 عیسوٮ۪یس دوران یێلہِ شیخ محمد عبداللہ صابن مہجور پانس سٟتۍ دہلی نٮ۪مت اوس، تِکیازِ تِمس اوسُکھ بروٚنٹھے ''تاریخ ادبیاتِ کشمیر'' مرتب کرنُک مشورٕ دیُتمُت۔ یٮ۪مہِ خأطرٕ تِمس مواد جمع کرُن اوس۔ پتہٕ کیاسپد تتھ منصوبَس تہٕ زانہِ خدا، البتہٕ چھِن ''سوانح حبہ خاتون'' کِتاب چھپأوِمٕژ یمیُک حوالہٕ عبدالاحد آزاد پننہِ کتابہِ ''حیات مہجور'' کِس گوڈنکس مسودَس منٛز دِوان چھُ مگر تمہِ یوٗگن چھُنہٕ امہِ کتابہِ ہُنٛد نیب

نشانے کُنہِ جایہِ لبنہٕ یوان۔ حالانکہ مہجورنہِ کینژھس کالس لیچھی مٔژ ڈایری ہٕندی ورق چھےِ امیُوک سیکھٕ ثبوت۔ کاشرِ زبانٔی ہُند اکھ بہلہِ پایہِ اٗدیب اوتار کرشن رہبرتہٕ چھُ کاشرِ ادبچ توأریخ لیکھنچہِ دوِدوِمنٛز شامل سپدمت اماپوٗز تہنٛزِ یہِ دوٗدوٗ چھےِ حبہٕ خاتونِ ہٕندِس زمانس تانے محدوٗد دروٗزمٔژ۔ ناجی منُور چھےِ پننہِ "پرُسان" ناوٕچہِ کتابہِ ہٕندِس سرنامس منٛز لیکھان" مے ووت 1952 عیسوی پتہٕ کاشرِ زبانٔی تہٕ ادبس پتہ سران سوچان۔ اَتھ قریبن نصف صدی منٛز گرٕمے للہٕ دیدِ پتہ اٗزی کین وُہہٕ وُہرٕن شاعرن تام سورُے کلام پرٕنچ کوٗشش۔ یمو ہتہٕ وادٕ شاعرو منٛزِ پییہ مے کینہہ سٹھاہ اہم شاعر پننہِ تحقیقہٕ باپتھ ژٕلنی۔ اِوکنٛی نہٕ زِمے اٗس کانہہ خاہش بلکہ اِوکنٛی زِ اگر نہٕ یمن متعلق بہ لیکھہٕ ہا، خبریم ماروٗزٕ ہن رازٕ کین پردن تلے۔ میانہِ ذٕسی سپدی کینہہ اہم کاشر شاعردریافت تہٕ کینژھن پرانین اہم شاعرن ہُند کلام آوضایہ گژھنہٕ نِشہٕ بچاونہٕ۔ مے چھُ یقین زِ وونہِ تہٕ چھُ موقعہ زِ دوٗردرازگامن گژھن کُن آسن وُونہِ تہٕ پرانہِ کاشرِ ادبکی نمونہٕ قلمی نُسخن ہنٛزِ شکلہِ منٛز تحقیق کارن ہنٛزن نظرن پراران تہٕ ینہٕ وٲلی محقق کرن یمن تام واتنہٕ باپتھ کوٗشش، مگراَتھ کاٗم چھُ وژھ اُن نتہٕ گژھِ ژیر"۔ بالکل چھُ میوٗن تہٕ یہوے نوقطِ نظر تکیازِ کاشرِ زبانٔی تہٕ امہ کِس ادبس خاص گرتھ شاعری پتہ چھُ واریاہ کم تحقیق کرنہٕ آمُت۔ واریاہن شاعرن ہُند مولُل سرمایہِ (کلامہٕ) چھُ یہِ ذٕپی زِ تہٕ اور یور چھکرٕ اٗوتھ۔ کانٛسہِ بٔڈس

یالوکٹس شاعرٕ سنٛز کلیات بناونہٕ یا کانٛہہ خاص بأتھ لبنہٕ باپتھ چھُ لوکچن لوکچن بأتہٕ کتابن منٛز تھیٚپہٕ تھیٚپہٕ ژھانڈُن پیٚوان۔ کلچرل اکیڈمی ہنٛدِس ماہنامہ ''شیرازہ'' ؤری 1984 عیسوی کس مہجور نمبرس منٛز چھُ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ پنٛنہٕ نِس مضمونس اندر لیکھان ''مبارک شاہ فطرت گیلانی فارسی کے دوسرے عظیم شاعر ہیں اور ماہرِ فن موسیقی بھی۔ حیرت کاملی کی طرح کشمیری زبان سے ان کا بھی بہت کم لگاؤ رہا ہے۔ سید شمس الدین غمگینؔ رتن پوری بھی فارسی گوشعراء کی صف اول میں شمار ہوتے ہیں مگر آپ نے کشمیری زبان کا دامن بھی ہاتھ میں تھامے رکھا۔ آپ پہلے باکمال شاعر ہیں جنہوں نے کشمیری زبان کو بے نقط نظم سے آراستہ کیا ہے۔ آپ نے اپنا کلام (کشمیری) شمع روشن کے نام سے چھپوادیا ہے اور منظوم ترجمہ سورہ یوسف بھی'' یہِ چھ وکھرٕ کتھ زِ یمن ترێشونی شاعرن چھُنہٕ ناوالمَن کھال ناوٕنک تماہ اوسمُت تِکیازِ تمی چھِ خود بہٕ ذاتھ پنٛن ضمیر (خوددأری) رٔژھراوان روٗدیٕمتۍ گُلس پٹھ باسیٚو مےٚ اِی زِ کشیرِ ہنٛد بن ادبین یمن منٛز افسانہٕ نگار، نقاد، ڈرامہ نگار بیترِ شأمل چھِ تمن ہٕتۍ ہٕتۍ شہرٕ گامہٕ کبن تمام شاعرن ہنٛدی پوٗرٕ معلومات تہٕ تحریری کامہِ جمع کٔرتھ چھُ سہ سوٗرے اکہِ تعارفی توأریخ چہِ شکلہِ منٛز چھپاونک بندوبست کرُن۔

یتہِ نَس پێیم نأجی منور صأبنی یہ کتھ تہٕ یاد زِ ''پرٛتھ کانٛہہ بوٚڈ فنکار چھُ

ازلے محبوب آسان، زمانہٕ کوٚتاہ تہٕ مُشر اوِتنس سہٕ چھُنہٕ مُشتھ گژھان''۔

ووٚنی گوٚیتھ دُنیاہس منٛز چھِ تِتھی فنکار تہٕ یمن زیادٕ پننہٕ تگن گری تہٕ چالاکی ہٕستی پیٛٹھی مِس صفس منٛز جائے رٕٹنی تگان چھِ۔

چونکہِ حبہ خاتون تہٕ یوسف شاہ چک دوشوٕنی ہٕنزن زِندگین تہٕ کارنامَن متعلق چھُ اکثر توٲریخ نویسن تہٕ تذکرٕ نگارن ہنٛدِ لیکھنہٕ ہٕتی زیادٕ پہن کنفیوژن پاٛدٕ گوٚمُت تاہم توٲریخُک تہٕ تذکرن ہنٛدِ بھرپور مطالعہ کرنہٕ ہٕتی آیہ میانہِ اُچھی مُشراونہٕ تہٕ ووٚتُس یتھ نتیجس پیٹھ زِ واقعات تہٕ حالات چھِ زیادٕ پہن پرٲنیو کِتابو منٛزٕ سیٛدٕ سیٛودٕ نقل آمٕتی کرنہٕ نتہٕ چھِ منہ ووٚزیمٕژ و کتھو ہٕتی کِتابہ آمٕژٕ برٕنہٕ۔ بہر حال واریاہ کم مورخو چھُ کتھن وارٕ پاٲٹھی سٕنتھ راے ترائے قایم کرمٕژ۔

غرض ییتیاہ اُس تیژ ہا کتھِ۔ بوز ووٚے تہٕ حیابند تہٕ پاک سیرت حبہ خاتون چھِ حوالو تہٕ موالو تماشہٕ بینَن لایق زانہٕ کِنہِ فلم گھرن تہٕ پاٲتھرٕ وانَن کھاسِجی مٕژ، تہنٛزٕ شاعری ہنٛز مقبولیت تہٕ فن موسیقی ہنٛز ووٚستادِل بیٚیہٕ خودمختار کشیرِ ہنٛز پادشاہ بائے آسنکی ہو واقعات چھِ یاتہٕ دُساڈِس منٛز تراونہٕ آمٕتی نتہٕ تمن ہُند زانتھ مانتھ اڈم زڈ کرنہٕ آمُت۔ بہر حال یمن اہم توٲریخی واقعن ہُند یہٕ دُل مُل روٗدمیانہِ بوزٕ شوژِ ہُند محور بنِتھ تہٕ اُتھی دوران آیہ میانِس ذہنس منٛز ارادٕ ادبکہِ توٲریخ چہٕ ترٛے کِتابہٕ یمہٕ ترین بہلہِ پایہ اُدیبَن پروفیسر عبدالقادر سروری، (کشمیر میں اُردو) تہٕ پروفیسر

حامدی کاشمیری (ریاست جموں وکشمیر میں اُردو ادب) تہٕ بیٚیہٕ پروفیسر برج پریمی (جموں وکشمیر میں اُردو ادب کی نشو ونما) ہٕنٛدی ذٟسی لیکھنہٕ چھہٕ آمٕژ۔ حیٲرٲنی تہٕ افسوس چھُ یتھ کتھہِ پیٹھ زِ تریشونی ہٕنٛزن کِتابن منٛز چھنہٕ کانٛسہِ تہِ زنانہٕ اَدیب یا زنانہٕ شاعر ہٕنٛز ذکر کرنہٕ آمٕژ۔ یتھہِ کٔنی ہیکہٕ یِنہٕ والیَن وقتن منٛز یِمو توٲریخی کتابو سٟتی بہلہِ پایہٕ چین اردو زبٲنی ہندِ زنانہٕ اَدیبن تہٕ شاعرن حبہٕ خاتون ہنٛز بٲژ گژھتھ۔ حالانکہِ یتہٕ چھُ کیٚژن ہُنٛد خیال زِ زنانَن ہُنٛد بجر تہٕ تھزر پراوُن نہٕ چھُ مردَن پتھ کالہِ برداش گوٚمُت تہٕ نہٕ چھُک اَز برداش گژھان۔ شاید چھُ یتہٕ اکھ وجہ اوسمُت یِیمہِ کِنی حبہٕ خاتونِ ہُنٛد حسبہٕ نسب تہٕ شاعری غال کھاتس تراونہٕ چھہِ آمٕژ۔ بیٚیا کھ اکھ خاص سبب ہیکہِ یتہِ اَستھ زِ شہمیری تہٕ چک خاندانَن ہنٛدٮ۪ن زمانَن منٛز رُوٗد کاشرٮ۪ن ہُنٛد توجہہ تصوّف تہٕ عرفانس کُن۔ امہِ علاوٕہ چھُ یِمو منٛزٕ شہمیری دورِ کیٚن پادشاہن مذہبی ادبس کُن زیادٕ رجحان اوسمُت۔ ایران تہٕ وسطِ ایشیاپیٹھ یور آمتیٚن ساداتن منٛز اَسی عالِم، فاضل تہٕ صوفیائے کرام بیترِ تہِ شامِل۔ امہِ علاوٕ چھُ حضرت سید علی ہمدانیؒ سنٛزن تصنیفن ہُنٛد تہِ خاص اثر رُوٗدمُت، چنانچہ للہ عارفہ سنٛدٮ۪ن واکھن تہٕ شیخ نورالدین ولی رحمۃ اللہ علیہن ہنٛدٮ۪ن شروکیٚن منٛز کنوی ”فلسفہٕ حیات“ آسنہٕ کِنی چھُ یہِ اکہِ مِشنہٕ رٔنگی ژوپٲری پھہلیوٗمُت، دپان فارسی زبٲنی ہُنٛد چھُ تمن وقتن منٛز غلبہ رُوٗدمُت تِکیازِ اَتھی زبٲنی اوس چکن تہٕ موغلن

ہندِ بن دورِ حکومتن دوران سرکٲری زبانٕ ہُند درجہ دِنہٕ آمُت۔ لہٰذا اوس تمہٕ زمانہٕ کیٚن اُدیبن تہٕ شاعرن فارسی زبانِ منٛز مہارت حاصل کرٕنۍ پیوان۔ یتھٕ کٔنۍ چھِ تم کٲشُر زبانٕ ہندی کمی پہن مٲل خور رٕو دی متۍ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ امہِ زمانہٕ کیٚن کٲشِر زبانٕ ہندِ بن شاعرن ہُند تعداد چھُ یہِ ڈٲلِ زِ تہٕ نہ آسنس برابر اوسمُت۔ یتھوی یوت نہٕ بلکہ یمو گوٚنہٕ ماتو منٛز چھُنہٕ اکثرن ہُند کلامہٕ تہٕ تہندی حالاتِ زندگی کُنہِ جایہِ دٔستیاب ہیکیمتۍ گٔژھتی۔ البتہٕ یم کینٛہہ شاعر تمہِ وقتہٕ عام لُکن ہنٛزن نظرن منٛز آمتۍ چھِ اُسۍ متۍ تمن منٛز چھِ شہمیری خاندانٕکۍ زٕہ پادشاہ قطب الدین تہٕ زین العابدین (بڑشاہ) ناوہیٚنس لایق گوٚنہٕ مات مانٕنہٕ آسمتۍ یوان۔ یتھے کٔنۍ چھُ چک خاندانہٕ کیوٚ پادشاہو منٛزٕ یوسف شاہِ چک فارسی زبانٕ ہُند اکھ بوٚڈ گوٚنمات مانٕنہٕ اوسمُت یوان۔ بہرحال یمو چیزو باوجودتہِ چھِ کٔشیر ہندی حالات منتشر رٕو دی متۍ تکیا زِ یتہٕ چھُنہٕ کُنہِ تہِ طرفہٕ سیٚز راوسمُت لبنہٕ یوان۔ جاگیر دارن تہٕ قبیلہٕ ژٕھیٚن بیترِ چھِ پیٹھو ولی حاصل آسمژ۔ الغرض یتھس رَلہٕ مِلہٕ ولیکن دینداٗری ہندِس ماحولس منٛز اکس گامہٕ زنانہِ ہنٛز نوٚینے عشق و محبت تہٕ لولہٕ باتن ہنٛز شاعری کرٕنۍ تہٕ ساز واٮ۪ن بیٚیہ نغمہٕ گیوٚنۍ چھِ غالباً گوڈ گوڈ بے دِوتی تہٕ بے حیایی ہنٛز علامتہٕ سمجھنہٕ آمژ۔ پتہٕ یتھوی حبہٕ خاتون ہندِ بن باتن ہنٛز کرٕکھ گامن گٹھن تہٕ شہرن قصبن بیترِ منٛز گیہِ، لوکٹن، بڈِ بن گوٚیہِ زیوٚ پیٹھ ہیوٚن لایق کٲشُر مٲری موند کلامہٕ بوزن سبٹھاہ پسند۔

بڑٕن دۄہن خاص گٔرِتھ ماہِ رمضانَس تہٕ دون عیدَن پٮ۪ٹھ چھِ ماجہِ، بیٚنہِ تہٕ
کورِتنہٕ پٮ۪ٹھے یَمن بٲتن ہٕنز وکھنَے کران آمٕژ۔ سانٮ۪ن گیوٗن والیٚن تہٕ چھُ
أتھی کلامَس لہرِ مارنَس وبستاراوسمُت یوان۔ یُس وۄنہِ تہٕ جاری چھُ۔

وارِ وارِ رود حبہٕ خاتونہِ ہُندِ کلامُک گرٕز لۄکن ہُندٕن گھرن، کھہہ
ڈۄرٕن، کارخانَن، ہانٛزَن ہٕنزن شِکارٕن تہٕ ناوَن تہٕ بیٚیہِ طاۂیفہٕ درَن
ہُندٕن پٲتھروانَن منٛز وٕریہِ وادَو پٮ۪ٹھِ چلہٕ وون تہٕ اَز تہِ چھِ لۄکھ
کھاندرن کھُندرن، شُرٕن للہٕ وان نیٚنٛدرِ پاوَنَس تہٕ کٲری گر
کٲم کرنَس دوران، ہانٛز ناوِ چلاوَنَس تہٕ زٕمیندار کھہن تہٕ میوہ باغن منٛز
کٲم کرنَس دوران حبہٕ خاتونِ ہُندے بٲتھ زیادٕ پہن گیٚوان روزان۔
گُنہِ گُنہِ شایہِ چھِ وُنہِ تہِ زٕمینہِ ڈۄری تہٕ تھٕج نٲرِ گنڈنَس دوران تہٕ بیٚیہِ
نیٚنٛدٕ کرنَس دوران تِمے پرٲنی حبہٕ خاتون ہُندِ کلاٗمکی نیٚنٛدٕ بٲتھ گیوٗنہٕ یوان
یِم پتھ کالِہ پٮ۪ٹھے لۄکن زیٚو پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھ یادرۄدی متی چھِ۔ یِمہٕ مقصدٕ کتھن
ہناہ زٕچھر پیٚو دِیُون، باسان چھُم سُہ رۄدتوتہِ اَڈلیٚوکُے تاہم چھِ کتھِ
کتھے کتھ بنان۔ أخرس پٮ۪ٹھ چھُ مےٚ ناچیز سُندیہِ عرض زِ پٔننہِ کم علمی تہٕ
ناتجربہٕ کٲری کِنہٕ آسَن واریاہ کُمیہِ روزمٕژ تہٕ خبر کٲتیاہ وشفہٕ گاٚمتی تکیازِ
بندٕ چھُ بشر۔ بہرحال مےٚ چھِ توٲریخی موادن تہٕ ژٲری متین حوالن، تہٕ
بیٚیہِ اِشارو کنایو باوَنہٕ آمتین واقعن بیترِ عقلہِ ہُند بو پیٚمانو سرِ کھٔرِ کرنہٕ
رِکس بُنیادَس پٮ۪ٹھ حبہٕ خوتوٗنہِ ہٕنز زندگی ہُند سفر بروٛنٛہہ کُن پیش کرنٕچ

اکھ حقیر کوٗشش کرٕمژ۔ اُمید چھم زِ پرن واُلی خاص کٔرِتھ اَدیب تہٕ شاعرکرن میانہِ دٔسی گأمژن غلطین درگُزر۔ ووٚنی گوٚمے روزِ محقّقن تہٕ قلم کارَن ہندبن رِتبن مشورَن ہُندانتظار تہٕ تِمن ہنٛز رہنماییٔ دِیہِ مےٚ دوٚیمہِ پھرِ یہِ کتاب شایع کرنٕچ ہمت، یمہِ خأطرٕ بہٕ تِہنٛد احسان مند روزٕ۔

غلام حسن طالب
(ریٹائیرڈ کے اے ایس آفیسر)
نیوہ (پلوامہ) جنوبی کشمیر

# ۳۔ مالنٕ میانٕہ ارباب اَسی ......

## حبہٕ خوتۄن ہُنٛد خانہٕ واد

یُودوے زن حبہٕ خوتۄنِ متعلق پرٲنئن کیہوٚئیٚن توٲریخی تصنیفَن تہٕ تذکرن بیترِ منٛز وارِیاہ کینٛہہ لیکھنہٕ چھُ آمُت، اماپوٚز تِمن کینٛژھن خاص بیانَن کُن چھُ کمے پہن دِھیان دِنہٕ آمُت یِمن اندر موضوعکہِ لحاظہٕ بُنیٛادی تہٕ مُعتبر اِشارٕ تہٕ بیٚیہٕ حوالہٕ سیٚد سیٚو دمیلان چھِ۔ بہرحال یِمن سارِنٕے کتھن ہنٛد بُن بُنیادی نوکتن پورٕ پٲٹھی سام ہیٚنہٕ تہٕ پرکھاونہٕ سٟتی یِتھ نتیجَس پیٛٹھ مے واتنٕچ کوٗشِش چھِ کرٕمژ اُمید چھم تِمہٕ سٟتی گژھن حبہٕ خوتون ہنٛزِ زندگی تہٕ تہنٛدِس کلامَس متعلق وارِیاہ پٲدٕ کرنہٕ آمٕژ غلط فہمیہِ بیترِ دوٗر تہٕ یہِ رِوایتھ سازگونہٕ مات تہٕ کٲشرِ موسیقی ہنٛز ووستاد تہٕ ماہر فنکار ترٲوِ ادِ بکس آسمانس پیٛٹھ پھَل ژٕندرزونہٕ ہنٛدی پٲٹھی گاہ۔ خدا زانہِ بہترٕ زِ سانیٚو اکثر لِکھاریٚو کیازِ چھُنہٕ حبہٕ خوتون ہنٛدِ کلامہٕ منٛزٕ تِمن کینٛژھن شعرن پیٛٹھ غور کوٗرمُت ورنہٕ یِمن منٛز چھُ سیٚد سیٚو دٲہنٛدِ پتہٕ بڈٕ آسنٕچ ژٕینہٕ وَن میلان۔

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| مأیِلس ناو چھُم | سید البہار | ماجہِ | ناو | بدوالجمال |
| سید کوٗر چھس | پُرٕ کمالو | ووتھو | لالو | ژٕندرے |



مأ‌لی ماجہِ رٕچھنَس قندٕ کستورے　　دوٚدٕ ہتی أسِم تَن ناوان
مألنٕی میأنی ارباب أسی　　توٚے درام حبہٕ خوتۆن ناو



یار میوٚن جمالٹہ کمال تَس چھُم ناو
سُہ چھُم ییٚتہ بہٕ کس مٹہٕ اکہِ لٹہٕ ییہٕ ہم نا



دوہہ اکہِ مأ‌لی ماجہِ نگرٕ ہرشالیس　　شہرٕچ أستھ وأژس گام
کیاہ کرٕ پوٗشِس نہٕ لانٕی نیایَس　　بأ‌گنٕی آیَس کھندے تام



حبہٕ خوتون ہندِ بن یمن وژنَن ہُند حوالہٕ چھُ ''کأشُر زبان تہٕ ادبُک تواریخ'' ناوچہِ کتابہِ منٛز دِنہٕ آمُت۔ امہِ کتاب ہٕندی لیکھن وأ‌لی ناجی منور، شفیع شوق چھِ مختلف تأریخی تہٕ نیم تأریخی حوالن تہٕ بیٚیہِ داستانَن ہٕنٛزِ روشنی منٛز حبہٕ خوتون متعلق ترٛے رایہِ خاص توجہہ منگنَس لایق قرار دِوان۔ تاہم تریم رایہِ مُطابق چھُ تمو حبہٕ خوتون ہندِ کلامہٕ منٛزٕ پتھ کُن حوالہٕ دِنہٕ وأ‌لین بأتَن اندر تمی سنٛز مأ‌لس ماجہِ ہندٕ بوٗناوٕ وعلاوٕ تمی سُندٕ أکِس ریٖیسہٕ سٕنٛز کوٗر آسنٕچ ذکر کٔرمٕژ۔ تُہند مزید گُف چھُ ''اصل ناو اوُسُس حبیبہٕ تہٕ لوکچارے کوٗرِ ہس جمالٹہٕ (سرینگر) کمال ناوِ کس شخصس ہتی خاندر۔ مگر

ہشہِ تہٕ زاُم ٕستی آیس نہٕ برابری یِیمہٕ کٔنی تَس خُلا سپُد‘‘۔ حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛز سارنٕے برونٛٹھ ذکر کرن وول مُو رِخ چھُ عبدالوہاب شایَق او سمُت یِمس متعلق ناماوار مورخ تہٕ محقق غلام رسول بٹ چھُ پننہِ ’’حبہٕ خاتون تواریخ کے آئینے میں‘‘ ناوچہِ کتابہِ منٛز لیکھان زِ 1166 ہجری یَس منٛز یِیلہِ کٔشیرِ مغلن پتہٕ پٹھانَن ہنٛدِس قبضس منٛز آیہِ تہٕ 1167 ہجری یس منٛز آو سکھ جیُون یتیک گورنر بناونہٕ۔ تٔمی کٔرتمہِ وقتہٕ کٔنِس ناماوار گونہٕ ماتن فارسی زبانٔی منٛز کٔشیرِ ہُند تواریخ لیکھنٕچ فرمائش۔ یِمنے منٛز چھِ عبدالوہاب شایق 1174 ہجری یَس منٛز ’’شاہنامۂ کشمیر‘‘ ناوٕ کِس اَتھ توارتخس منٛز پنُن لیُو کھمُت منظوم حصہٕ شامِل کران۔ اتھ منٛز چھِ گوڈنکہِ پھِرِ حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛز ذکر کرنہٕ یوان۔ ’’تاریخ شایَق‘‘ ناوچہِ اَتھ کتابہِ چھُ دوٚیِم ناو ’’ریاض الاسلام‘‘ تھاونہٕ آمُت۔ حبہٕ خوتوٗنِ متعلق کینٛژھن کتھَن ہُند اِظہار چھُ یِمن شعرن منٛز کرنہٕ آمُت۔

| | |
|---|---|
| چو یوسف شاہ آمد سر تخت جاہ | بگردوں کلاہش رسیدہ چو ماہ |
| یکی مُطربہ داشت آں نامدار | کہ مِثلش نبودہ دریں روزگار |
| چو بودہ است خاتون حبیبہ بنام | یکی عارفہ بود صاحب مقام |
| سُخن ہائے خوش داشت آں نغمہ سنج | بہ ادشاہ مے داد ہر روز گنج |
| کلامش بہ سوز و گداز آشنا | ہمی داد با مردہ جاں از نوا |
| چوں آں عارفہ نظم گوہر فشاند | دُرِ شعر موزوں بہ کشمیر ماند |

سخن ہاے او پیش کشمیریاں　　بود مُشتہر زاں نگردد بیاں

بکشمیر ای سامع خوش سیر　　بود عیش یوسف شہی مُشتہر

یمن باتن منز حبہ خوتون ہنْد ''حبیبہ'' ناوٕچ اصلیت زانٕنۍ چھ غور طلب موضوع۔ اتھ پیٹھ چھےٚ سماجی زندگی ہُنْد وۄہارتہٕ تواریخی پسِ منظر نظرن تَل تھاوِتھ بوزٕ شوژ کرنٕچ کوٗشِش کَرمٕژ۔ بہرحال یہِ چھِ ساری زانان زِ سائنس سماجس اندر چھُ قسم وارذاژن ہُنْد پنٕنہِ پنٕنہِ طریقہٕ ناو کرنُک رِواج پتھ کالہِ پیٹھے چلان آمُت۔ یوتامتھ کشیرِ ہندٕ بن پیرن یا سیدَن ہُنْد تعلق چھُ یمن انْدرتہٕ چھِ خاندانَن ہنْدی بیٚون بیٚون قسم مثلَن ہمدانی، منطقی، بیہقی، گیلانی، اندرابی، رضوی، بخاری، کبروی بیترِ۔ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہُنْد ہتہٕ بدٕی سادات ٕستی ہتھ کشیرِ ینہٕ ٕستی آویتہِ اکھ نوٚو تہذیب بارَسس تہٕ چھیکرس پیٚو یتھ ''پیرواَر'' ناو۔ کتھ چھِ دراصل یتھٕ کنٕی زِ شُرٕ بن ہنْدی ناوکرٕنی تہٕ چھِ یمنے پیر صابن ہنْز ذمہٕ واری آسمٕژ۔ وُنہِ تہٕ چھِ گامَن گُٹھن ہنْدی اکثر لوٗکھ پیر صابن اَتھے پننٕہ نبن شُرٕ بن ہنْدی ناو کرناوان۔ نیٚتھوٚن یہوے ''حبیبہ'' ''بی بی حبیبہ'' ناو یُس سیّد کورٕ بن خاص پاٹھی زِ ہوان زوانے کرنہٕ یوان اوس۔ کشیرِ منز چھُ ''حبہ ناو بچس تہٕ بچی، دوشوٕنی کرنہٕ یوان۔ عام ذاژن سٕہ گو زمیندارَن تہٕ طائیفہٕ دارن منز خاص پاٹھی حبہٕ ناوٕ کس بچس بوٚڈ واتتھ حبیب اللہ تہٕ بچی حبلہ ونان یانے زِ حبلہٕ بانو یا حبلہٕ بیگم بیٚیہ پیرٕ خاندانن

تہٕ خاصکٔرتھ نیبرٕ پٔٹھ یور آمتین سید خاندانٔن اندر چھِ زیادٕ پہن شریفہٕ، آمنہٕ، سفیہ، ظریفہٕ، سعیدہ، فاطمہ بیترٕ ناوکران آسۍ متۍ، مردن اندر چھِ عام پأٹھۍ حبہ کاک، حبہٕ جوٗ، حبہٕ صأب تہٕ حبہٕ لالہٕ بیترِ ناو وۄستی کُنہٕ تہٕ ذأژ ہُند حبیب اللہ یاد کرنہٕ یوان۔ پتھ رود سوال کورٕ بن ہنٛد بن ناون ؤستی ''خوتون'' جوڑنُک، دپان سیّدن، رئیسن تہٕ خوجہٕ گھرن ہنٛد بن زاشُر بن خاص پأٹھۍ کوٗرٕبن آسۍ بڈٕتھی پانے شریفہ ہس شریفہٕ خوتۄن، سفیہ ہَس سفیہ خوتۄن، آمنہٕ ہس آمنہٕ خوتون تہٕ حبیبہ یا بی بی حبیبہٕ ہس حبہٕ خوتون ناو پیوان۔ دراصل چھُ یہ خوتون (خاتون) ترکی لفظ تہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھِس ''خوتن'' ونان۔ امیُک رواج چھُ برصغیرکین باقی مسلمانن اندر تہِ موجوٗد۔ خوتنِ ہنٛد معنے چھُ عزتہٕ وأجنۍ زنانہٕ۔ پتھ کالہِ چھ لوٗکھ مقدم بایہِ یا پیرٕ بایہ بیترٕ ''خوتن دید'' أسمتۍ ونان۔ سماجس منٛز چھِ یژھن مستوراتٔن سأری مردتہٕ زنانہ ذی عزت أسمتۍ مانان۔ اوے کِنۍ چھِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز یہ کتھ ''خوتن واژأیہ پلُن پننۍ گلن مُشس نہٕ'' وُنہٕ تہٕ وَننہٕ یوان۔ توأریخی حوالن منٛز تہِ چھِ واریاہَن سُلطانٔن تہٕ راجاہَن ہنٛد بن خاندانٔن ہنٛز ذِکر کرنَس دوران تہنٛزٕ ن بیگمَن بیترٕ ہنٛد بن ناون ؤستی خوتون کرام آمٕژ لیکھنہٕ۔ مثلن 1573 عیسوی منٛز گٔر کشتواڑ کی حکمران بہادر سِنگھن علی شاہِ چک سنٛدٕ حملہِ نِشہٕ بچنہٕ خأطرٕ پننۍ خاندار بن سلطان علی شاہ چکس تحفہٕ رٔنگۍ پیش یَس تمۍ پأنس ؤستی خاندر کرنہٕ پتہٕ ''فتح خوتون'' ناو

تھوٚو۔ خاص کتھ چھِ شہمیری خاندان کس أکس مشہور پادشاہ سلطان زین العابدین المعروف بڈشاہَس متعلق، أمی ٕسنٛز گوڈٕنچ خاندارٕن چھِ بیہقی بیگم أسمٕژ یوسہٕ حضرت سید میر حسن منطقی بیہقیؒ ٕسنٛدِس ماٗلِس حضرت سید نورالدینؒ سنٛز بیٛنہٕ تہٕ حضرت سید تاج الدینؒ سنٛز صاحبزادی أسمٕژ چھِ۔ بیہقی بیگم ناو آسنس ٕستی ٕستی چھِ یہٕ گاہے بی بی خوتون گاہے تاج خوتون تہٕ گاہے مخدومہ خوتون ناوٕ ٕستی یاد کرنہٕ أسمٕژ یوان۔ اماپوٚز خاندانی قبرستانَس منٛز چھُ أمی ٕسنٛز قبرِ ہنٛدِس پیٚرِس پیٹھ ''مخدومہٕ خوتون'' ناو لیکھنہٕ آمُت۔ تتھےٚ کٔنی چھِ بیہقی سیّدو منٛزٕ حضرت سیّد ناصر سُنٛد فرزند سید حسن بڈشاہ سُنٛد ذامتٕر اوسمُت۔ تَس أسی خداین ٕز اولاد عطا کٔری ٕمتی یمو منٛزٕ اکھ حیات خوتوٗن ناوٕچ کوٗر چھس أسی ٕمٕژ۔ مورخ جی ایم ڈی صوفین چھِ ٕپنٛنس انگریزی زبأنی منٛز لیکھی متِس تأریخ کشمیرس اندر خاص مستوراتن ہنٛز ذکر کرنس دوران حبہٕ خوتونِ علاوٕ بی بی تاج خوتون، لچھما خوتون تہٕ گل خوتون ژٕ وشوٕنی ہنٛز عظمتھ تہٕ خوبی بیان کٔرمٕژ۔

یوٚتام تھ حبیبہٕ ناوَس جایزٕ ہنٛگ تعلق چھُ، یہٕ دوٚتُس یتھ نتیجس پیٹھ ٕز سانیٚو لِکھاریو کوٗتاہ وقت چھُ اورٕ یورٕ چہ کتھِ لیکھٕنَس منٛز راوٕ رووٗمُت، ورنہٕ حبہٕ خوتوٗن ہنٛدِس کلامس منٛز یوسہٕ شیچھی خبر تہنٛدِس ماٗلِس ماجہٕ، خاندانَس تہٕ گوڈنِکس خاندارَس بیٚترِ متعلق میلان چھِ أسمٕژ، تتھ بُنیادَس پیٹھ آسہِ ہاکرتام تہنٛز زندگی ہنٛز اصلیت مزید ژھأنڈنہٕ ٕستی بروٚنہہ کُن اَننہٕ

آءمژ۔ پتھ گوحبیبہٕ ہَس نہ چھُ سلطان یوسف شاہ چک نٕے تہٕ نہ ولی اللہ حضرت مسعودؒ پانپورنٕے حبہٕ خوتۄن ناو تجویز کوٚرمُت۔ ''یہِ زَن بروٚنٛہہ بیان آو کرنہٕ اَکِس حبیبہ ناوچہِ سید کورِ چھ بوٚڈ وٕ اَتتھ پٲنٛی پانے حبیبہٕ بانو یا جبیبہ بیگم یا حبلہ بیگم نتہٕ حبہٕ خوتۄن ناو پیوان''۔ ''حبیبہ'' ناوس متعلق توٲریخی زانکٲری تہٕ وضاحت اَنٛد واتنٕس ہٕتی چھُ ییٚہٕ اکہِ قدیم قلمی نُسخک حوالہٕ دِیُون ضروری یُس محکمہ ریسرچ لایبریری منٛز ازتام موجود چھُ۔ لہٰذا چھِ محقق تہٕ مورخ غلام رسول بٹ ہٕنٛدی تِمے لفظیہِ نَس یوان دہراونہٕ یِم تِمی پننہِ اَکِس ''حبہ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' ناوِچہِ کتابِ منٛز بیان چھِ کٔرۍ مٕتۍ۔ ''پنڈت بیربل کاچرو کے والد پنڈت دیارام خوشدِلؔ فارسی زبان کے ادیب اور شاعر ہونے کے علاوہ بہت ساری تالیفات کا مصنف ہوا ہے۔ اُس نے موسیقی پر ''ترانہ سرود'' نام کی کتاب لکھی ہے جس کا قلمی نسخہ محکمہ ریسرچ لایبریری حال کشمیر یونیورسٹی میں موجود ہے۔ اس کے علاوہ اس کی ایک بڑی حجم والی بیاض بھی اسی ریسرچ لایبریری میں موجود ہے۔ پنڈت دیارام خوشؔ دِل نے اِس بیاض موسیقی کے بارے میں مختلف النوع راگ وغیرہ کے بارے میں تشریح کی ہے۔ اس نے موسیقی کی کتاب ''ترانہ سرود'' یوسف شاہ بادشاہ کے بارے میں لکھی ہے کہ وہ موسیقی کا دلدادہ تھا۔ پنڈت دیارام خوشدلؔ پٹھانوں کے عہد میں گزرا ہے اور وہ عبدالوہاب شائقؔ کا ہم عصر تھا۔ اس بیاض سے پہلے کا

تالیف شدہ موسیقی کا نسخہ محکمہ ریسرچ لائبریری میں تا حال موجود ہے جس کا نام ''نغمات اہلِ ہند'' ہے اور جو کسی دوسرے مولف کی تالیف ہے۔ اس میں حبہ خاتون کے کلام کے نمونے بھی درج ہیں جو حسبِ ضرورت موسیقی کے بحروں کے وزن کے مطابق درج کیئے گئے ہیں۔ ان میں سے ایک نظم یا غزل کے اشعار اس طرح ہیں''

سہ تالہ کشمیری

دوہ درِ یامت لوٗسِتھ گوٚ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ گِنڈِنےٚ دڑاہِس توٚرِ گیس رٕسِتھ

توٚے دڑام حبہٕ خوتوٗن ناو ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ مالِنٕز میانٕز ارباب أسی

بہر حال عبدلوہاب شایٓق مورخس پتہٕ چھُ سِکھ دورَس منٛز پنڈت بیربل کاچرون پننہِ ''مجموعہ التواریخ'' ناوچہِ کِتاب اندریوسہٕ 1825 عیسوی منٛز مکمل سپز، حبہٕ خوتون ہنٛزِ زندگی متعلق واریاہ کینٛہہ لیٚوکھمُت۔

أخرس چھُس یہٕ ییتھ کتھِ ہیٚیہِ پھیوٗر یرٛ شھان دیوٗن۔ زِ بقولِ محمد امین کأمل، ''محمد الدین فوٗقس مواد سوزنہٕ پتہٕ یُس مُسودٕ مہجوٗرن حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛز زندگی متعلق تیار کُرِتھ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس سیکریٹری محمد یوسف ٹینگس حوالہٕ اوس کوٚرمُت تہٕ یُس نہٕ پتہٕ زانٛہہ تہٕ تَس واپس دِنہٕ آمُت چھُ، تمیک کیازِ چھُنہٕ وونیک تام نیب نشانے کُنہِ درامُت۔ دپان یہِ مُسودٕ چھُ 194 صفن پیٹھ مشتمل۔ اَتھ اندر کیازن آسہِ لیکھنہٕ آمُت تمیُک حسرت روزِ باقی''۔

حبہٕ خوتونہِ ہِنٛدِس کلامَس منٛز تہنٛدِس حسبہٕ نَسبَس متعلق کینٛہہ بنیادی اِشارٕ نظرِ تَل رٹنہٕ تہٕ مورخ عبدالوہاب شایٖق سُنٛد سارِٕوے کھوتہٕ پرون حوالہٕ ''تاریخِ شایٖق'' سٕہ تہٕ خاص کٔرتھ مائی قبیلس ہِتی رلن وول زاشری ناو ''حبیبہ'' ویٚژھناونہٕ تہٕ ییٚنہٕ بقول امین کامل تہٕ غلا رسول بٹ، سارِٕنے پرٛون حبہٕ خوتونِ ہُنٛد پَے دِنہٕ وول نسخہٕ ''نغماتِ اہلِ ہند'' یتھ اندر شعرن ہُنٛد وزن بیترِ سرِٕ کھرٕ کرٕنِکس میٚژس مطابق حبہٕ خوتونِ ہند کلامکی نمونہٕ درج چھِ، بوزٕ شوژس منٛز اَنٛنہٕ پتہٕ چھُ کانٛسہِ تہِ ذی شعوٗر اِنسانہٕ سُنٛد امہِ معاملچ اصلیت تفصیلہٕ سان انٛنی اکھ فطری تقاضہٕ۔ یِہوے آرگور روزنہٕ کِنی پییٚہ پروفیسر بشٖر بشیر صابس حبہٕ خوتونہِ ہنٛز زندگی ہنٛز حقیقت بَدِ کڈنہٕ خاطرٕ کوٗشھ دِوناوٕنی تہٕ اَخرس گوٚسہٕ تِمَس متعلق سارِٕوے کھوتہٕ پرون تہٕ معتبر حوالہٕ ''گُلستانِ کشمیر'' ناوٕ کہِ تواریخُک قلمی نسخہٕ سیّد محمد انیس کاظمی صابس نِش حاصل کرنَس منٛز کامیاب۔ پروفیسر صابن گٔف چھُ زِ یہِ تواریخی دستاویز چھُ حبہٕ خوتونہِ پتہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پنٛژاہ وٕری لیکھنہٕ آمُت مگر ہِتی چھُن امیُک مُصنف معلوم نہ آسُن بیان کوٚرمُت۔ چنانچہ حبہٕ خوتونِ متعلق یہِ اِنکشاف اوس پروفیسر موصوفن پننہٕ نِس اَکِس مضمونَس منٛز ظاہر کوٚرمُت یُس کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس کاشر زبٲنی منٛز شایع سپدان ''شیرازہ'' ناوٕ کِس جلد

۱۹، شمارہ ۴ جریدس اندر شائع کرنہٕ آمت اوس۔ مضمون نِگارن اوس یتہِ وونمت زِ حبہٕ خوتونِ ہنزِ زندگی متعلق یُس حوالہٕ اَتھ نُسخَس منز میوٗلمُت چھُ، پرٕن وأٔلی ہیکن سہ پرٕتھ پانے جان فأصلہٕ کرٕتھ۔ بہرحال موجودٕ زمانس منز امہِ حوالہٕ لیکھنہٕ آمتین توأرِتخن تہٕ تذکرن ہنزِ ذکر کرنہٕ بروٗنہہ چھُ پروفیسر بشَر بشیر صأبُن، سید محمد انیس کاظمی صأبس نشہِ حأصل کری متہِ حوالُک سَرِ سأٹلم بیان یتہِ نَس پھِرُن ضروری تاکہ مختلف معلوماتی کتھن نیرِ واش تہٕ بیٚون بیٚون راین ہیکہِ دَل دِنہٕ یتی پھٕٹ کڈٕنہٕ یتھ، قلمی نُسخَس منز چھُ درج۔

''سیّد فخر الدینؒ و برادرش سیّد فرید الدینؒ در سالِ سَت وستین و سبعماۃ (۷۶۶ھ) ہمراہ خواہر زادہ میر سیّد علی ہمدانی رضوان اللہ علیہ اعنی میر سید حیدر الکبروی الموسوی بکشمیر آمدہ۔ سید فخر الدینؒ درنیوہ چھراٹ و سیّد فرید الدینؒ در جمالٹہ آسودہ'' (ترجمہ)

''766 ہجریس منز آئے سید فخر الدینؒ تہٕ تہنٛد بوئے سید فرید الدینؒ حضرت میر سید ہمدانیؒ صأبنس بنٛتھرٕ میر سید حیدر الکبروی صأبس یتی کشیر۔ سید فخر الدینؒ چھِ نیو چھراٹ تہٕ سید فرید الدینؒ جمالٹہِ (سرینگر) دفن''۔ امہِ پتہٕ چھُ یہنٛزن ژون پیرن ہُنٛد شجرٕ یتھٕ کنہِ ہاونہٕ آمت:

(۱)

سیّد فخرالدینؒ نیوہ چھراٹ

سیّد رُکن الدین نیوہ چھراٹ

سید بہاوالدینؒ عرف سید بہار شاہ نیوہ چھراٹ

سید جعفرؒ نیوہ چھراٹ

بی بی حبیبہ عرفِ حبہ خوتون
(ملکہ یوسف شاہِ چک ُسلطان کشمیرؒ)

شہزادہ حیدر چک

(۲)

سید فریدالدینؒ جمالٹہ سرینگر

سید باقرؒ جمالٹہ سرینگر

سید محمد جعفرؒ جمالٹہ سرینگر

بی بی بدیع الجمالؒ جمالٹہ سرینگر اہلیہ
سید بہاوالدین عرف سید بہار شاہؒ
(نیوہ چھراٹ)

مریم بیگمؒ جمالٹہ

سید کمال الدین جمالٹہ

”بی بی بدیع الجمال دررشتۂ از دواج سید بھاؤالدین عرف سیّد بھار شاہ منسلک بود وتَولدمن ھما ابنٌ واحدٌ وبنت المُسماۃ بہ حبیبہ الشھیرۃ بہ حبہ خاتون وماتت بدیع الجمال دھی نفسآء پس حبیبہ را کو کلتاش دھی عُبدی راتھر ژندہ ھار پرورش نمود کانت عندہٗ حتیٰ بلغَت دھی عالمۃٌ وشایقۃٌ الی الفنآء والفنون اللّطیفۃِ مناکحت وی ھمراہ سیّد کمال الدّین برادر خالو زاد انجام پذیر رفت ولکن مزاجِ مریم خواھر شوھرش بادموافق نیامد ومفارقت نمودند کما ذُکر آنِفاً، فنکحھا سُلطان نصیرالدین محمد یوسف وکانت فی عقدہ حتیٰ ماتت“

نشاط انصاری صأب چھِ پننِس تصنیف ”حبہ خاتون“ کِس أخرس پٹھ ”تازہ قلم“ عنوأنس تحت بیان کران۔ ”سید فخرالدین اور سید فریدالدین کا سلسلہ نسب تیس اُنتیس پیڑیاں اوپر جا کر نویں امام حضرت محمد تقی علیہ السلام تک جا پہنچتا ہے جس کا گراف یوں ہے۔

باہمہ تعالیٰ

ذکر بعض سادات رضویہ (بناء بروایت ”گلستان کشمیر“ مصنفہ ملا محمد حسین الملقب بہ حسام الدین سال تحریر 1146ھ مطابق 1736ء)


حضرت امام محمد التقی علیہ السلام
ابوالحسن علی التقی
ابواحمد موسیٰ برقع
ابواحمد حسین
ابوموسیٰ عمران
سید احمد۔ سید ابراہیم۔ سید محمد صالح۔ سید ابراہیم۔ سید اسماعیل۔ سید علاؤالدین
سیّد محمد۔ سید عبدالرزاق۔ سید فخرالدین۔ سید محمد ہاشم۔ سید عطاء اللہ۔ سید سلطان
سید فریدالدین صائم۔ سید مرسل۔ سید محسن۔ سید سلطان احمد۔ سید ضیاءالملک۔ سید اسماعیل
سید محمد اکبر۔ سید علاؤالدین۔ سید ابراہیم۔ سید محسن۔ سید جعفر۔ سید ابوالبقاء
سید ضیاءالدین راوندی۔ سید فخرالدین۔ سید رکن الدین۔ سید بہاءالدین عرف بہار شاہ
سید جعفر
اولادِ وے در نیوہ چھراٹ
بی بی حبیبہ
عرف حبہ خاتون ملکہ سلطان یوسف شاہ چک
شہزادہ حیدر چک
سید فریدالدین (مدفون در جمالٹہ سرینگر)
سید باقر
محمد جعفر
بی بی بدیع الجمال
بی بی مریم
سید کمال (مدفون در جمالٹہ سرینگر)

اَمہِ کو لاؤلی ہُند حوالہِ چھُ کشیرِ ہنٛدی اَکی ناماوار مورخ پروفیسر محمد حسنین صاٲبن تہٕ پننس انگریزی زبانٛی منٛز شایع کرنہٕ آمتس ''دِی کشمیر'' ناوِ کِس تصنیفس منٛز کۄرمُت۔

''بی بی بدیع الجمال اَس سیّد بہاوالدین عرف سید بہار شہس نِکھس منٛز۔ تمن زائے زٕ شُری، اکھ نیچُو تہٕ بیٚیہِ اکھ کوٗریس حبیہٕ ناواوس تہٕ پتہٕ یوسہٕ حبہ خوتون ناوٕ مشہور سپٕز۔ بدیع الجمال مویہِ لوسہٕ تاٚنس دورانے۔ لہٰذا رٕچھی سہٕ ژنٛد ہارِکی عبدی راتھرن تہٕ اتے سپٕز بالغ تہِ۔ حبیہٕ اَس عاٲلم تہٕ گوٚنُک تہٕ بیٚیہِ فنُک اَس شوقین، تَس کۄرُکھ جمالٹہِ کِس سید کمال الدینَس ستی کھانٛدر ریٚس تَس مامٕژ بوئے اوس۔ مگر تسٕنٛز زام یَس مریم بیگم ناواُوس، آونہٕ حبہِ خوتونِ ستی ہشَر ییٚمہِ کِنٛی تمن خُلاہ سپُد۔ پتہٕ کۄر تَس ستی کشیرِ ہنٛدی سلطان نصیرالدین محمد یوسف شاہ ژٕگن کھانٛدر''۔

حبہ خوتوٗن ہنٛزِ زندگی تہٕ شاعری متعلق توٲرِکھس تہٕ تذکرن بیترِ منٛز درج کرنہٕ آمژن کتھن مختصر سام ہیٚوان چھِ محمد امین کامِلؔ پننہِ ''کلیاتِ حبہ خوتون'' ناوچہِ کتاب اندر لیکھان ''انیسؔ کاظمی سُند سُورے گُف چھُ، میاٚنہِ داٲنِستہٕ اکھ منٕزاو افسانہِ ''گلستان شاہی'' (بروزنِ بہارستانِ شاہی) چھُنہِ کانٛہہ تہِ ویُودتواٲرِیخا۔ اَمی چھُ یہِ افسانہٕ دراصل ترٛے رِوایتی شعر، شاٲیقؔ سٕنٛدِس حبیبہٕ تہٕ فوقؔ سٕنٛدِس عبدی راتھرناون ستی رَلاٲوِتھ ترتیب دِیُتمُت۔

مائِلس ناو چھُم سیدُ البہار ماجہِ ناو بدول الجمال
یٔندرِ آنگن سونٛدرٕ کمالو یٔنٛدرٕ چھُ مالٔین میٚون
یار میٚون جمالٹہِ کمال تَس چھُم ناو

مُمکن چھُ میٚون یہِ سونٛچ مانٛیرٕ ''گُلستانِ شاہی''نٔی نیرٕ نہٕ پتہٕ غلط۔ مےٚ
لیچھایہِ اَتھ معاملس مُتعلق اُمس زٕ خط مگر جواب دِنٕک تُلُن نہٕ تکلیف۔
حالانکہِ دوست چھُم''۔ امین کامِل صأبن چھُ حأشیہِ ہس اندر یہِ تہِ
لیٚوکھمُت''مأج مرنہٕ روٗدُس نامالٔنی گرس منٛزٕ کہنی؟ اُمس اَسامأجی یأژ؟
عبدی راتھر گُس اوسُکھ تیٚمی یہِ لأزمَن لوٗکہٕ پانہٕ پٹھٕ پأج؟ ماجہِ قبیلَن یِمو
نوٗش تہِ بنأو، کونہٕ پرٕژھُس مأج مُرتھ؟ اِمکانٛچ کتھ چھِ وکھرٕ مگر اَسہِ چھُنہٕ
زانٛہہ تہِ بڈٕ بن شأعرن تہٕ روٗحأنی شخصن ہنٛز کولأولی یانےٚ شجرٕ نسب
رٔژھراونُک توفیق اوسمُت، خبر اُمی ہنٛز یہِ کولأولی رکتھٕ پأٹھی چھ اَمہِ
تکلفہٕ رٔژھراونہٕ اُمژ''۔ امین کامِل صأبن چھُ گوڈنٛتھےٚ دریافت گرٕمٕژ
تأریخی کتاب ہُنٛد ناو''گلستان کشمیر'' بُجایہِ''گُلستان شاہی'' بار بار
لیٚوکھمُت لہٰذا کتاب ہنٛدِس ناوس گوڈےٚ بُلی چُک گرٕھنہٕ رکنی چھُ تِمی سُنٛد
ژھانڈُن تہٕ پۆز زٕنی راوُن ناممکن بنیومُت۔ بہر حال یِم کینٛژھا بیانہٕ اَتھ
نوٗلیس تہٕ اَریخی دستاویزس متعلق وُنیک تام بروٗنہہ کُن آمٕتی چھِ تِمن اَندر
چھُنہٕ کانٛسہِ تہِ امہِ رکس آسنس متعلق کُنہٕ قِسمُک کانٛہہ عذُر پیش کوٚرمُت
البتہٕ امیُک نقل حاصِل گرٕھنہٕ پتہٕ چھِ یہِ محققن ہنٛز کأم زِ تِم تھاوَن امہِ

کتابِ ہُنٛد پےٚ پتاہ کڈنہٕ خاطرٕ ژھانٛڈنہِ آیہِ ینہٕ - تاہم چھُ یتہِ نِسۍ نشاط انصاری ہنٛز اردو زبٲنۍ منٛز ''حبہ خاتون'' ناوچہِ کتابِ ہنٛد حوالہٕ دِینُن ضروری تکیازِ امین کامل سنٛز ''کُلیاتِ حبہ خوتون'' شایع گژھنہٕ پتےٚ چھُ موصوفن پروفیسر بشر بشیر صاٮ۪بس نوٚ وشِیچھ خبر باوان وٲنِس سید محمد انیسؔ کاظمی صاٮ۪بس ستۍ سیدِ سیوٚ درابطہٕ کوٚر مُت یمیُک اوحال سُہ یتھٕ کٔنۍ لیکھان چھُ :

''چنانچہ ''کُلیاتِ حبہ خوتون'' کی اشاعت کے بعد میں نے انیسؔ کاظمی صاحب بصد مُشکل اس وقت کنٹیکٹ کرلیا جب وہ پچھلے سال بڈگام کے آغا سید محمد فضل اللہ صاحب کے ہمراہ میرے ایک قریبی ہمسایہ کے مہمان بن کر تشریف لائے تھے۔ حبہ خاتون کا سید گھرانے کی لڑکی ہونے سے متعلق سوال کے جواب میں انہوں نے تفصیلاً کہا کہ انہوں نے ''گلستان کشمیر'' نام کا ایک قلمی مسودہ آج سے 26 سال قبل 1390 ہجری میں اندرکوٹ (سُمبل) سوناواری کے سید مقبول حسین الموسوی (مرحوم) کے کُتب خانے میں دیکھ لیا تھا اور بچشمِ خود اس کا مطالعہ بھی کیا تھا اور وہاں ہی اِس قلمی نسخے کے ایک حصے کی نقل بھی اُتاری تھی''۔

امہِ پتہٕ کینٛہہ کال گژھی تھےٚ چھِ کاظمی صاٮ۪ب یمن کتابِ ہنٛدِ امہِ چھُسک نقلِ سوزان۔ بہرحال انیس کاظمی صاٮ۪بس ستۍ تفصیلی گفتگو کرنہٕ پتہٕ قلمی نُسخٕچ کاپی حاصِل سپدنہٕ پتہٕ بہ قولِ نشاط انصاری، چھُ سُہ پنُن تحقیق کرُن

جاری تھاوان۔ تھنٛد گُفت چھُ:

''انیسؔ کاظمی کے ساتھ تفصیلی باتیں کرنے کے بعد میں نے اندرکوٹ اور سرینگر جا کر سید مقبول حسین کے وارثوں کے ساتھ رابطہ قائم کرلیا کہ آیا اُن کے والد کے پاس ''گُلستانِ کشمیر'' نام کا کوئی قلمی نسخہ موجود تھا یا یونہی کوئی ہوائی اڑالی گئی ہے۔ مرحوم سید مقبول کے قرابت دروں اور ورثاء خاص کر اس کے فرزند نے جو آج کل سرینگر میں سکونت پذیر ہے، پورے اعتبار کے ساتھ کہا کہ ہاں یہ دُرست ہے کہ اُن کے کُتب خانے میں ''گلستان کشمیر'' کا قلمی نسخہ واقعی طور موجود تھا لیکن ستم ظریفی دیکھیئے کہ جب وہ اپنے والد کی وفات کے بعد حالات زمانہ سے مجبور ہو کر برسوں قبل سرینگر ہجرت کر گیئے تو اثاثۂ خانہ سرینگر مُنتقل کرنے کے دوران اس کے والد کا وہ قیمتی قلمی نُسخہ کہیں اِدھر اُدھر کھو گیا۔ سید مقبول کے فرزند کا کہنا ہے کہ وہ قلمی نسخہ اصل میں کشمیر میں سکونت پذیر سادات رضویہ کا شجرۂ نسب ہے جسے مُلا سیّد حسین المُلقب حسام الدین نے 1146ھ بمطابق 1736ء میں قلمبند کرلیا تھا''

بہرحال یِوٚ تامتھ کامِل صابُن اَتھ قلمی نُسخس وِیوٚدتوٗ اُریخ ہٕ ماہٕنٛگ تعلق چھُ مے باسان یہ چھُ قبل اَز وقت سوال تِکیازِ یُس قلمی نسخہ حال

حالے اَنٛز راونہٕ آمُت آسہِ سُہ ،کتھ پأٹھی تہٕ کَس أ کس ہیکہِ وٕنِس تل أستھ۔ بیٚیِس أ کس اعتراضس چھِ ،اگر بوزٕ وامین کامِل صأب پانے جواب دِوان ، ووٚنی گو بیٚیِس رنٛگس منٛز ، تہٕ زن گو یمن تریٚن حوالَن ترتیب دِنہٕ ستی حبہٕ خوتونِ ہنٛز اصلیت اَنٛی چھِ نیران تمن چھُک سوچنے سرنے افسانہٕ ناو دیُوتمُت ۔ بہر حال سارِنٕے ہنٛدٕ ن اعتراضن ہُنٛد جواب یِیہ بروٚنہہ کُن دِنہٕ تاکہِ دودتہٕ آب نیرِ الگ الگ۔ نشاط انصاری صأبن یمن مزید کتھن ہنٛز باوتھ پننہِ حبہٕ خوتون ناوچہِ لوکچہِ موکچہِ کتاب اندر کرٕمژ چھِ تمن ہنٛز ذِکر ٹلنہٕ بروٚنٹھ چھُس بہٕ یہِ گتھ زُور دِتھ یژھان کرٕنی زِ کینٛژھن موجودٕ زمانہِ کیٚن لِکھارٕ ن تہٕ بہلہِ پایہِ شاعرن چھُ پننہٕ نبن لیچھی مژن کِتابٕن تہٕ تذکرن اندر حبہٕ خوتون متعلق کرنہٕ آمتہِ نوٚ وِ اِنکشافٕک حوالہٕ دِیُن یہِ ذٕلِ زِ تہٕ کمی پھن وٕٹھیومُت ، بہتر روزِ اَتھ کتھِ ہناہ واش کڈُن ۔ یتہٕ ناجی منوّر، شفیع شوق نوٚ ''کاشرِ ادبُک توأریخ'' تہٕ ''کأشر زبان تہٕ ادبُک تواریخ'' دوشوٕنی کِتابٕن اندر حبہٕ خوتونِ متعلق پننہِ طرفہٕ دِنہٕ آمژن راین منٛز یتھ رایہِ ستی مُتفِق چھِ باسان زِ حبہٕ خوتون ہنٛدٕ ن وژٕنَن منٛز چھِ کینٛہہ شعر تِم یِم صاف ہاوان چھِ زِ سُہ اُس سید البہار ناوٕ کِس أ کس ریسہٕ سنٛز کوٗرِ تہٕ ماجہِ اوسُس ناو بدوالجمال'' تتہٕ کیازِ چھِ تمن بشر بشیر صأبن نوٚ و دریافت سپدٕ مُت قلمی نسخہ یہِ ذٕلِ زِ تہٕ أچھن تلے نہٕ آمُت ۔ حالانکہ انیس کاظمی صأبس نِش حأصل کرنہٕ آمتِس اتھ قلمی

نُسخس متعلق چھِ امین کامل تہٕ نِشاط انصاری صائبس علاوٕ بیٚیہٕ تہٕ کیٚنژھو مورخو تہٕ تذکرٕ نگارو پنٕنہٕ نٔبن تصنیفَن اندر تفصیلٕہ سان بحث کوٚرمُت۔ یِمن منٛز چھِ یِمہٕ ریاستکی ناماوار خطاط تہٕ محقق غلام رسول بٹ یِمس فارسی تہٕ عربی دوشوٚنی زبانٕن ہنٛز مہارت حاصِل چھِ اٗسمٕژ تہٕ بیٚیہٕ فنِ خطاطی ستی ستی چھِ تِمس ریسرچ لایبریری سرینگر تہٕ محکمہ آثارِ قدیمہ ہٕس ستی شامِل روزنٕہ کِنی تحقیقی دُنیاہس منٛز تھٔکِنی لایق کامہِ کرٕنکی موقعہ نصیبس آمتی۔ تہٕنٛزن تحقیقی کوششن ہنٛدِس اعترافس منٛز چھِ تِمس کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ تعریفی سنٛدٕ تہٕ دِنہٕ آمٕژ۔ یِتھوٚی یوت نہٕ بلکہ چھُ سُہ سنسکرت تہٕ پالی زبانٕن ہنٛز تہٕ کِم کاسہٕ واقفیت تھاوان اوسمُت۔ ملازمتچ کام تہٕ بیٚیہٕ امیک سُورے وقت غنیمت زانِتھ اوس تِمی تاریخ تہٕ تحقیق پٔنٕن ٹوٹھ موضوع ژورمُت۔ یِتھٕ کِنی چھُ تِمی پانس بروٚنٹھ کنہِ موجود کِتابہٕ ذخیرُک لاب تلُمُت تہٕ یِہوے وجہہ چھُ زِ تِہنٛدِ قلمہٕ دژایہِ نصف درجن کتابہٕ۔ بہرحال اٗہنٛز چھِ 2009 عیسویس منٛز "حبہ خاتون۔ تواریخ کے آئینے میں" کتاب شایع سپٕزمٕژ یتھ منٛز موضوعکہِ حوالہٕ قدیم تواریخس چھأنی چھِ دِنہٕ آمٕژ۔ اَتھ کتابِ اندر چھُ "گلستانِ کشمیر" موضوعس تحت سید محمد انیس کاظمی سٕنٛدِس قلمی نُسخس متعلق سنجید بحث تہٕ تحقیقی تبصرٕ کرنہٕ آمُت۔ مورخہ سُنٛد گوڈنیُک سوال چھُ انیس کاظمی سنٛدِ گھرُک پتاہ بیترِ زانُن تہٕ بیٚیہ "گلستانِ کشمیر" کِس مصنف سُنٛد ناو زانٔنس ستی امہِ کہِ تالیف سپدنُک تاریخ تہٕ زانُن

تاہم چھُن سوٗرے قلمی نسخہ پرنہٕ پتہٕ یمہِ رایہِ ہُنٛد اظہار کوٗر مُت:

''اِس قلمی نسخہ میں درج شدہ عبارت قریب قریب تاریخ کے آئینے میں بہت حد تک دُرست معلوم ہوتی ہے۔ مگر شجرہ نسب میں کسی حد تک تفاوت ہے کیونکہ قلمی نسخہ کے مطابق سید فخرالدینؒ 766 ہجری میں کشمیر آئے ہیں جبکہ جناب سید علی ہمدانیؒ کے ہمشیرہ زادہ میر سید حیدر الکبروی کشمیر تشریف لائے تھے۔ تواریخ کے مطالعہ سے یہ بات دُرست اور صیحح نہیں دکھائی دیتی ہے۔ کشمیر کی قدیم دستیاب فارسی تاریخ جس کا مصنف سیّد علی کشمیری بن سید محمد کشمیری ہے، سے واضح ہوتا ہے کہ سید فخرالدینؒ جن کا موضع نیوہ (چھراٹ) میں مدفن ہے، میر سید محمد ہمدانیؒ پسر ارجمند جناب سید علی ہمدانیؒ کے ساتھ سلطان سکندر کے آخری عہد میں کشمیر آئے ہیں اور وہ بڈشاہ کے عہد تک حیات تھے۔ مورخ سیّد علی کشمیری نے اپنی تاریخ میں اُن کا ذِکر ان الفاظ میں کیا ہے۔

''اسامی کہ جماعہٗ ہمراہ حضرات سیّد محمد ہمدانیؒ دریں دیار آمدہ سیّد فخرالدینؒ کہ در قریہ نیوہ (چھراٹ) مدفون است دراصل 766ھ بمطابق 1364ء میں کشمیر کا حکمران سلطان شہاب الدین تھا''

مورخ چھُ برونٛہہ کُن لیکھان (ترجمہٕ) سیّد علی کشمیری ہٕنٛدِس

توارٟخس منٛز چھُنہٕ سید فریدالدین رحمۃ اللہ علیہن متعلق کینٛہہ تہٕ لیکھنہٕ
آمُت۔ البتہٕ قلمی نُسخس ءستی شأمِل دوٚن سیّد برادرن ہنٛدِ شجرٕ نسبہٕ مطابق
ترٚین پیٖڑین ہنٛدِ گزرنہٕ پتہٕ ژورمہِ پیٖڑِ منٛز حبہٕ خوتوٗنِ ہُنٛد پاڈٕ سپدُن چھُ
توارٟخہٕ مطابق بالکل صحیح تہٕ درست۔ امہِ علاوٕ چھُس مختلف توٗأریخی حوالن
اندر سیّد فخرالدینؒ تہٕ سیّد فریدالدینؒ دوشوٕ وٕنی سیّد برادرن ہنٛدی
مزارِشریف أکی سُند نیوہ تہٕ دوٚیم سُند جمالٹہ سرینگرس منٛز موجود آسنٕ
ہاوٕنہٕ یِکنٕ قلمی نسخس ءستی شأمل شجرٕ نسب دُرست تہٕ صحیح باسیوٚمُت۔ چنانچہ
اَتھ سلسلس منٛز چھِ موصوفن واریاہن مورخن تہٕ تذکرٕ نویسن ہنٛدی حوالہٕ
مختصر پأٹھی پننہِ کتابِ اندر درج کٔری ءمتی۔ یِم توٗأریخی اقتباس لیکھنہٕ پتہٕ
چھُ مورخ بیا کھا اکھ معاملہ ویژھناوان تہٕ ونان:

''مصنف ''گلستان کشمیر'' نے اس قلمی نسخے میں لکھا ہے کہ حبہ
خاتون کے بطن سے حیدر خان پیدا ہوا ہے۔ راقم نے اس حیدر
خان کے بارے میں پہلے ہی بتایا ہے کہ یوسف شاہ چک کے ہم
عصر مورخ حیدر ملک چاڈورہ نے حیدر خان کے بارے میں اپنی
تاریخ میں لکھا ہے کہ حیدر خان چک، یوسف خان چک کا سب
سے چھوٹا لڑکا تھا جس کو اُس نے اکبر بادشاہ کے حضور میں تحائف
وسوغات کے ساتھ بھیجا تھا۔ اکبر بادشاہ کے اُس وقت کے مورخ
ابوالفضل نے بھی یوسف شاہ چک کے سب سے چھوٹے لڑکے

حیدر خان کا تحائف وسوغات لے کر اکبر بادشاہ کی خدمت میں حاضر ہونے کا ذکر ''اکبر نامہ'' میں کیا ہے۔ طاہر، مصنف ''بہارستانِ شاہی'' نے یعقوب چک اور اس کے بھائی ابراہیم چک کا ذکر اپنی تاریخ میں تو کیا ہے لیکن تیسرے بھائی حیدر چک کا کوئی ذکر نہیں کیا ہے کیونکہ وہ غالباً علی شاہ چک (والد یوسف شاہ چک) کی پہلی بیوی کی طرف سے نزدیکی رشتہ دار ہونے کے سبب اس کی دوسری شادیوں سے خوش نہیں تھا۔ بہر حال تواریخ کے مطالعہ سے صاف پتہ چلتا ہے کہ اس مورخ نے وہ کچھ حالات لکھنے سے گریز کیا جو اس کے نظریہ کے خلاف ہوتا تھا۔ تاہم اس کے حیدر خان کے بارے میں خاموشی اختیار کرنے سے یہ بات اور بھی عیاں ہو جاتی ہے کہ حیدر خان حبہ خاتون کے بطن سے پیدا ہوا ہوگا۔ اس کی تاریخ سے اِس بات کی بھی نشاندہی ہو جاتی ہے کہ یوسف شاہ چک اور حبہ خاتون نے بعد میں قاسم خان کو مُتبنّی لڑکا بنایا تھا۔ دراصل حبہ خاتون کے ہم عصر کشمیر کے دو مورخین گُزرے ہیں جو دونوں یوسف شاہ چک کے رشتہ دار تھے۔ ان دونوں مورخین نے مصلحتاً حبہ خاتون کا ذکر اپنی اپنی تواریخ میں نہیں کیا ہے۔ چک سلاطین کے کسی بھی بیگم کا نام ماسوائے دو بیگمات کے، ان مورخین نے اپنی اپنی تواریخ میں نہیں لکھا ہے۔

البتہ حیدر ملک چاڈورہ نے علی شاہ چک اور اس کے پوتے
یعقوب شاہ چک کی دو کشتواڑ والی بیگمات کے نام لکھے ہیں"

الغرض غلام رسول بٹ صأبن چھ پننہِ کتاب مٔز واریاہ موٗللی تأریخی
تہٕ تحقیقی معاملہٕ سوچہٕ سمجھکھ پیمانو گاشرأوی ہٕتی تہٕ ہیٚہٕ چھُن نٔوس دریافتس
پٔتھ قلم تُلنہٕ برونٛہہ ییٚمہِ آیہِ پٔنن بوس لۄ ژراوٗمت:

''حبہ خاتون کے بارے میں ہمارے سامنے صرف یہ بات تحقیق
طلب تھی کہ اُس کی زندگی کے آخری ایام کہاں اور کس طرح
گزرے اور ان کا مدفن کہاں ہے؟ کیونکہ حبہ خاتون کی حقیقت
سے انکار نہیں۔ کشمیر کے فارسی اور سنسکرت مورخین میں سے چند
لوگوں نے مبہم الفاظ میں کسی نائیکا (یوگنی) کو للہ دید سمجھ کر تاریخ
میں جگہ دی تھی لیکن سلطان زین العابدین بڈشاہ کے عہد میں
74-834/70-1430ء سے شروع ہو کر اکبر بادشاہ کے
کشمیر پر قبضہ 996ھ / 1588ء کرنے تک ان تمام سنسکرت
مورخین نے للہ دید کا کوئی ذکر تواریخ میں نہیں کیا ہے بلکہ کشمیر کے
پنڈتوں نے قریباً 1800ء کے بعد سے للہ دید کے بارے میں
اپنی طرف سے معلومات لکھنے شروع کئے۔ یہاں میں نے للہ
عارفہ کا ذکر بطورِ مثال پیش کیا ہے۔ان حوالہ جات کے پیش نظر
جب للہ دید کی حقیقت سے کسی کو انکار نہیں تو پھر حبہ خاتون کا ذکر

کشمیر کی تواریخ اور تذکروں میں ملتا ہے اور پھر اس کا کلام آج بھی لوگوں کی زبانوں پر ہے۔ پھر بھلا اُس کے وجود سے کیسے انکار کیا جاسکتا ہے۔ افسوس ہے کہ موجودہ دور کے چند ادیبوں، محققوں اور مورخوں نے حبہ خاتون کے بارے میں ایسی کہانیاں گھڑلی ہیں جو نہ صرف حقایق سے بعید بلکہ نادرست بھی ہیں“۔

بہرحال مورخ غلام رسول بٹ سُند تحقیق تہٕ بیٚیہِ تھٕزٕ کینٛژھن اہم معاملن پیٹھ رائے زنی دوشوے چھِ بوزٕ شوز کرنس لایق۔ تاہم یمن کتھن متعلق پنٕنہِ رائے ترائے ظاہر کرنہٕ برونٛٹھ روزِ فی الحال باقین مورخن تہٕ نقادن بیترِ ہندی حوالہٕ پیش کرٕنی مُناسِب۔ مئی، جون 1989 عیسوی ہِکس ”شیرازہ“ جریدس منز چھُ اکھ مضمون نگار الیس راضؔی وہاب لون شاعرس متعلق لیکھان زِ سُہ چھ پہلگامس منز پھوہر جایہِ روزان اوسمُت۔ تقریبن ڈوڈ ہتھ ؤری (1839 عیسوی) برونٛہہ أمی شاعرن چھِ ”سائل گاہ“ ناوٕ أکس نظمہِ منز اولیاہَن ہنٛزٕ ذِکر کرنس ستی حبہٕ خوتۄن تہٕ رلاوِمٕژ، تمیٚک مطلب گو زِ تَس متعلق چھُ عام گُمانہٕ پتھ کالہِ پیٹھے یہِ اوسمُت زِ سئیدانی آسنہٕ کنہِ چھِ سُہ خدادوست اُس مٕژ۔ امہِ علاوٕ چھِ امر سنگھ کالج سرینگرٕ کِس ”لالہ رُخ“ ناوٕ نیرن وٲلِس 1995 عیسوی کِس میگزینس منز شایع سپدیمتِس أکِس انگریزی مضمونس منز لیکھنہٕ آمُت (ترجمہٕ):

”تمام دستیاب تواریخی حوالوں کے تناظر میں حبہ خاتون کی زندگی

اور شاعری سے متعلق بحث اور اِس کے کلام میں داخلی شہادت کے بل پر یہ کہا گیا ہے کہ وہ نیوہ چھراٹ کے سید بہاؤالدینؒ المعروف سید بہار شاہ کی بیٹی تھی اور اس کی ماں بیٹی کے پیدا ہوتے ہی وفات پا گئی تھی۔ اس کے بعد اس کی پرورش چندہ ہار کے عبدی راتھر نے کی تھی۔ بچپن میں اس کا نام حبیبہ تھا۔ اس کی شادی، جمالٹہ سرینگر کے سید کمال الدینؒ جو اس کا چچیرا بھائی تھا، کے ساتھ ہوئی تھی۔۔۔"

یمہِ موضوع کِس اٲخرس پٮ۪ٹھ ہیٚمو مورخ پروفیسر فِدا حسنین ہٕنٛدِس انگریزی زبانۍ منٛز لکھنہٕ آمتِس "دی مسلم کشمیر" ناوِ کِس تواٲریخس جایِزٕ تِلکیا زِ امہِ کِس اَرداہمِس چپٹرس اندر چھ واریاہَن تواٲریخی شاہکارن ہنٛدی حوالہٕ دِنٕس ٲستی ٲستی پروفیسر بشؔر بشیر سُنٛد نوٚو دریافت کوٚرمُت "گُلستان کشمیرُک"، قلمی نسخہٕ تہٕ وٕژھناونہٕ آمُت۔ موصوف سُنٛد گُف چھ زِ بی بی حبیبہٕ عرف حبہٕ خوتون چھِ اکہِ تھدِ پایہِ کہِ سیّد خانداںٕچ کوٗرٲسمٕژ تہٕ تمہِ سُنٛد پیرِ وٕتُر یاٗنے کہِ شجرِ نسب چھُ اکِ کشیرِ ہنٛدی دانشورن وَنہِ کوٚڈمُت۔ لہٰذا چھُ پروفیسر موصوفن پرَن والین ہنٛد خاطرٕ اَتھ منٛز درج اوحال حرف بہ حرف پننہِ کتابِ اندر دہراۓ وُمت۔ البتہٕ چھُم باسان زِ یہِ کتھ چھٕن تاٲریخی حقیقتہٕ نیبر لیچھی ہٕژ زِ سید فخرالدینؒ چھِ میر سید علی ہمدانیؒ ہٕنٛدی خاص پاٲروکار ماننہٕ آسی ٲمتی یِوان تہٕ یٮ۪مہِ کِنۍ تِمو اوٚنتی پورگام پننہٕ نبن

تبلیغی سرگرمین ہُنٛد مرکز بنومُت اوس۔ أتھی ءستی چھُن یہِ تہٕ لیوٗکھمُت زِ
اتھ کامہِ انجام دِنس منٛز چھُ تمن پٔنٛن فرزند سید رُکن الدینؒ پلزان
اوسمُت۔ بہرحال ساداتن ہُنٛد چھُ اکھ الگ موضوع۔یتھ متعلق توأریخی
معلومات خاصکٔرتھ کشیر پیٚرٕ وأرناوٕ شہرت پراوٕنُک اوحال بیترٕ یِیہ
بروٗنٛہہ کُن بیان کرنہٕ۔ چنانچہِ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ تہنٛدِس
فرزند ارجمند حضرت میر محمد ہمدانی، غرض دوشوٗنی مأکی پٔترن ہمراہ
یوٚرآءمتین ساداتن بیترٕ ہُنٛد موضوعکہِ لحاظہٕ مختصر پأٹھی ذِکر کرنہٕ ءستی نیرِ
وارِیاہن کتھن واش تہٕ یتھٕ کُنی ہیکن کأشرِ توأریخہٕ نشہِ بےٚ زأنی لوٗکھ حبہٕ
خوتونِ ہنٛدِس پتہٕ بٔڈس خاندانَس خاصکٔرتھ تہنٛدِس بٔڈ بوڑی بب سید
فخرالدینؒ سُنٛد نیوہ تشریف انَس متعلق زأنی یاب سپدِتھ۔

یُدوے زَن "گُلستانِ کشمیر" اکھ پرون تہٕ اعتبارٕ وول توأریخ مانہٕ
چھُ یوان اماپوٚ زامہِ رِکس قلمی نسخس منٛز تہٕ آےنہٕ ژھٔنڈ ژٕلنی لایق معلومات
لبنہٕ۔ بہرحال حبہٕ خوتوٗن ہنٛدِس بٔڈ بُڈی بَب حضرت سید فخر الدینؒ
المعروف سلطان صأب ہِنٛدِس کشیر منٛز تشریف انہٕ نَس تہٕ نیوہ گامس منٛز
ٹھہرنس متعلق یہِ کینٛژھا توأریخَس تہٕ تذکرن منٛز لیکھنہٕ چھُ آمُت، تہٕ یِیہِ
بروٗنٛہہ کُن بیان کرنہٕ۔

بہرحال نۆٚہنہٕ اِنکشافہٕ ءستی دراو پزرنوٗن زِ کشیرِ ہنٛز مشہور زنانہٕ گونہٕ
مات تہٕ اکہِ وقتچ ملکہ کشمیر حبہ خوتون زاےِ نیوہ گامس منٛز۔ مألِس اُوسُس

سید بہاوالدین المعروف بہار شاہ ناوتہٕ ماجہِ اوٗسس بدیع الجمال۔ دٔپان زیٖنہٕ پتےٚ مولیس مأج تہٕ سورٕ پچھی پتہٕ ژندٕ ہارٕ یکی عبدی رأتھرن۔ چونکہ محمد امین کامل صاب چھُ پننہِ کتابہِ ''کلیات حبہٕ خوتوٗن'' کس ''زان پہچان'' عنوانس تحت نوٚمَن سوالن ہُنٛد جواب یژھان زانُن:

''مأج مرنہٕ رؤدُس نا مالنہٕ گرس منٛز کہنہٕ؟ أمس أس أمأجی یأژ؟ عبدی راتھرُس اوٗسکھ تیٖمی یہِ لأزمَن لوٚکہٕ پانہٕ پتہٕ پأج؟ ماجہِ قبیلَن یمو نوش تہِ بناوٕ کونہٕ پرٕژھاس مأج مُرتھ؟'' یہِ پھرِ یتہٕ نَس پرن والین ہُنٛد توجہ اکھ پتھ گُن لیکھنہٕ آمتِس کٔشیرِ ہنٛدِس توأریخی پوٚت منظرس گُن تہٕ دوٚیم تتھ پتھ کالہِ تری متِس مذہبی تہٕ تمدنی وراثتس گُن یمہٕ ستی أسی ووٚنتہِ پیٖر وارِ ہنٛدی وأسی مانہٕ چھِ یوان۔ چنانچہ تاریخ لیکھنَس متعلق چھُ أکس مورخ محمد الدین فوق سُنٛد یہِ گُف یتہٕ نَس پیٚہٕ پھرٕن لأزمی زیٖم واقعات گُنہِ کتاب بیترِ منٛز نقل چھِ کرِنی پیٚوان تم اگرٕھن گوڈٕ عقلہِ تہٕ ویٚژھنہٕ پیٚہٕ اگر تمن واقہن متعلق أکس پیٚیس نِش کینٛہہ بوزمُت آسہِ تمن کتھن ستی تہٕ گرٕھک ہشر آسُن۔ ووٚنی چھُ مطلب کتھ یہِ زِ کٔشیر یمہِ دوہہ پتہٕ پیٖر وأرناولوٚگ تتےٚ پتہٕ گیہِ پیٖر مریدی تہِ شروع۔ نیبرٕ پتہٕ آمتی سیدن ہنٛدی ذٔسی رُدیہِ نظام زورٕ شور سان چلان، اگرچہِ واریاہس حدس تام پیٖرلہِ ہُنٛد یہِ نظام ژھوکیوٚمُت چھُ مگر توتہِ چھُ ووٚنہِ گامن گُٹھن منٛز پیٖر مُریدی چلان۔

البتہٕ یِمن پیرن ہُند نوکرین لگنہٕ تہٕ کھٔلہِ سیاستَس منز اژنہٕ کِنۍ چھِہ پیرآزی منز کمی سپز مژ۔ یہِ زَن برونٛہہ بیان کرنہٕ چھ آمُت سیّدن یا پیرن ہنز کأم أس لوٗکن یانے مُریدن بیعت کرِنۍ تہٕ مریدن تہِ اُوس یِہند نے ہدایتَن پٔتھ پکُن آسان۔

امہِ علاوٕ أسی بیعاتی پیر مریدن ہُند بَن گھرن منز یوان، گژھان روزان۔ بیعاتی پیر آسُنک مطلب چھُ مریدَس بیعت کرن وول مُرشِد یا وَنوس رہبر تہٕ بیعت کرِنۍ گو مُریدسُند پیرٕ سنز کتھِ پٔتھ پکُنگ وعدٕ۔ بیعت کرنہٕ پتہٕ چھنہٕ مُریدس کانٛہہ تہِ کأم پیرٕ سنٛدِ اِجازتہٕ ورأے کرِنۍ آسان۔ پیرٕ سنز کتھ چھِ اکھ ؤظیفہٕ یُس مریدس کماون چھُ پیوان۔ پیر ژھارنہٕ خأطرٕ پیٚتَن خبر کوٗتاہ دوٗر تہٕ گژھُن اما پوٚزدِلس بہُن لایق گژھِ آسُن تکیاز پیرنہٕ بوٚڈ، یقین بوٚڈ۔ یمہِ کتھِ ہُند اظہار کرُن تہِ روزِ مُناسب زِ پرٛانہِ وقتہٕ اوس پیرٕ گھرن منز پورٕ اسلأمی کلچر نظرٕ گژھان۔ پیرٕ بایہِ آسہٕ پردٕ نشین آسان۔ کانٛہہ تہِ وو پر مردہیکہِ ہا نہٕ اِجازتہٕ ورأے پیر گھرس منز أژِتھ۔ پیرٕ بوگ، پیرٕ بل، پیرٕ پھوکھ، پیرٕ رأچھ، پیرٕ سُند عزت، پیرٕ وَر، پیرٕ گنڈ تہٕ پیرٕ خأریم چھِ تمہٕ کتھ یمو ہِتی سوٚد فکرتران چھُ زِ کٔشیرِ منز چھ ''پیرمریدی'' ہُند وبو ہار کمالس منز چلان اوسمُت تہٕ لوٗکھ تہِ چھِ بیعاتی پیرن ہنز بھرپور خدمت کرنَس منز پیش پیش روزان أسمٕتۍ۔ امہِ کِنۍ أسی مسلمان یِمن سیّد پیرن خدایہِ

ہِنٛدی ٹاٹھی بزرگ مانان، لہٰذا اوسنہٕ پیرن مُریدن درمیان کوٗر یانچو سُنٛد رِشتہٕ سپدان۔ گُلھم پاٹھی چھُنہٕ یمن پانہٕ وٲنی کُھنٛتہٕ رشتہٕ کرنُک رہواج اوسمُت۔ پیرَل یا پیرگی اوسنہٕ کانٛہہ معاوضہٕ مقرر بلکہ اَسی مُرید پننہٕ مرضی مطابق پیر صأبن ہدیہٕ تہٕ تحفہٕ پیش کران۔ چنانچہ ہدین تہٕ تحفن ہُنٛد دِیُن رٹُن چھُ جائیز۔ یِتھوی یوت نہٕ بلکہ اَسی مُرید پننہٕ نبن بیعاتی پیرن یا مُرشدن ہنٛزن بجبن بجبن کامبن منٛز مدد کران روزان، اِدسہ مکان آسہِ ہا بناوُن یا کھاندر بیترِ کرُن۔ بہر حال اَتھ تِتھس موضوعَس پیٹھ اگر لیکھنہِ بہو تیٛلہِ زیٛٹھ یہ۔ ووٗنی گومیٚون یتھ موضوعس گوڈٕ وضاحت کرنُس پتہٕ گنہِ چھُ میٚون خاص مقصد مراز چہٕ کورِ حبہٕ خوتونِ ہنٛز زندگی اَکس سیّد یا پیرٕ کورِ ہنٛدِ تصورٕ گاشہٕ راونی تہٕ لوکن بروٚنٛہہ کُن اَنٛنی تاکہِ اَمِس متعلق یِن نہٕ بروٚنٛہہ کُن بوستان وننہٕ تہٕ اپزٕ ے داستان تیار کرنہٕ۔

گوڈٕنتھے چھُ یہِ وٕنُن عقلہِ وہٕژان زِ ژندہٲری گامُک عبدی راتھر ما آسہِ ہا نیوٗکس سیّد بہاوالدینؒ عرف بہار شاہ صأبُن خاص مُرید رُودمُت۔ تمی سُنٛد شروع پیٛٹھے یہنٛدِس خاندانَس نزدیک روزنہٕ تہٕ بیٚیہٕ جان گزارٕ وول آسنہٕ سببہٕ آسہِ ہاسہٕ پیرٕ ہنٛزٕ پرٛتھ کُنہٕ کامہٕ منٛز اَتھ شیہلا وان رُودمُت۔ بہر حال پیرٕ بائے ہنٛد مرنہٕ پتے آسہِ ہاتَس معصوم حبیبہ رٕچھنہٕ خاطرٕ سُپرد کرنہٕ آمٕژ۔ اَہنٛدِس کھیٚنٛس چیٚنٛس تہٕ سبق بیترِ

پرنَس متعلق آسہِ ہا عبدی راتھرَس باضابطہ مشورٕ میلان۔ یِہوٗ سبب

چھُ زِ حبہ خوتوٗن آیہ دوٗدٕ تہٕ دانہٕ رَچھنہٕ تہٕ سیٚدٕ گھرن ہنٛدِ مزاژ تہٕ رِواجہٕ

مطابق تعلیم پرناونہٕ۔ محمد الدین فوق تہِ چھُ ''خواتینِ کشمیر'' تواریخس منٛز

أکِس جایہِ لیٚکھان:

''گامس منٛز نہ اوس کانٛہہ ژاٹہٕ ہال، نہ ہیٚکہِ ہے تِمن دوہَن کانٛہہ

شخص پننہِ کورِ پرناوُنٕک گُمانہٕ کٔرتھ۔ مگر عبدی راتھرن تژاو یہِ

أکِس گامہٕ ملَس نشہِ سبقس۔ امہِ پۆر گوڈٕ سواد پٲٹھی قرآن

شریف، گلستان، بوستان بیترِ۔ پتہٕ پۆرُن معنہِ پٲٹھی قرآن تہٕ

أتھی ستیٖ ستیٖ روٗزادب، اخلاق، دینی تہٕ علمی کتابن ہُنٛد تہِ مُطالعہ

کران، سُہ تہِ أکِس تِتھس گھرس اندر ییٚتہِ تنہٕ کٲنسہِ الف بے تہِ

پۆرمُت اوس''

یُوٚ تامَتھ تِمن دوہن ہنٛدِ ہن ژاٹہٕ ہالَن تہٕ ملَن ہنٛدِ پرناوُک تعلق

چھُ شُرہن أس زیادٕ پہن گھرِنے منٛز قرآن شریف تہٕ گُلستان، بوستان

بیترِ پرناوان۔ ووٗنی چھ سوال پٲدٕ سپدان زِ حبہٕ خوتونِ کتہِ اوس موسیقی

ہُنٛد یُوٚتاہ علم پۆرمُت تہٕ امیک وَرتُن ہیچھمُت زِ سُہ بنیٚیہِ موسیقی ہنٛز اُستاد

تہٕ ناماوار گونہٕ مات؟ دراصل چھُ بڈٕ وٲتتھ تَس عبدی راتھر مزید تعلیم تہٕ

فَن ہیچھنہٕ باپتھ ژٕند ہارِ پیٹھ کاکپور گامس منٛز انان نوان اُوسمُت۔ اتہِ

چھُ بڈٕ شاہ سٕندِ وقتہٕ پیٹھے اکھ مدرسہٕ چلان اُوسمُت، ییٚتھ منٛز دہن تہٕ

اخلاقیاتہٕ علاوٕ موسیقی ہُند فن ہیچھناونُک تہٕ اِنتظام اوسمُت چھُ۔ کاپور گامس متعلق حبہٕ خوتوٗن تہٕ یوسف شاہ چکہٕ ہِنٛدِ وٕنکی کینٛہہ تاریخی معلومات ہیٚن بروٚنٛہہ کُن بیان کرنہٕ۔ پتہٕ رٔودیہ سوال زِ حبیبہ بُجایہ کیازِ اوس اُمس ژٕنٛدٕ ہار عبدی راتھر سنٛدِس گرٛیسی گھرس منٛز "زون" ناو آمُت کرنہٕ۔ چونکہ اَتھ مسلس متعلق تہٕ چھ بروٚنٛہہ وضاحت آمٕژ کرنہٕ، تاہم چھِ یتہٕ نَس یہِ شرُوک یلہٕ کرُن ضروری۔ چونکہِ اتھ سوالَس پچھُ یمہِ نوکتہٕ منٛزٕ جواب نیران۔ "گرٛیسی تس نے فارسی توگ مارُن ماووت" دراصل ییٚلہِ نہٕ عبدی راتھر سنٛدٕ ہن گھر اٰژن تہٕ اٰندی پٔکی کٔبن ہمسایَن خاص گٔرتھ گرٛیسی باین حبیبہ ناو سہل پأٹھی زیٚون پٹھ ہیٚون یا پھرُن اوس تکان تَموتھوٗوُس زون ناو۔ گامن منٛز چھُنہٕ عمومن کورٕ ہن حبیبہ ناو تھاونُک رٕواج تِکیازِ یہِ چھُ دراصل حبیب اللہ ہُک ژھوٚٹ ناو۔ یتھِ کٔنی زَن حسنہٕ، سلامہٕ، قادرٕ، شعبانہٕ، عمہٕ، رحمانہٕ بیترِ حسن، سلام، قادر، شعبان، احمد تہٕ رحمان ناوٕن ہنٛدی ژھوٚٹی ناو چھِ۔

بہرحال حبہٕ خوتون ہنٛدِ بالغ سپدنہٕ بروٚنٛہہ آسہِ ہادوشوے خاندانو ژٕنٛدٕ ہارِ پٕتھے اُہنٛدِ رِشتہٕ گتھ تہٕ طے تھاوٕمٕژ گٔرتھ۔ یہِ زَن بروٚنٛہہ بیان چھُ آمُت کرنہٕ زِسیٚدَن ہنٛزَن کورٕ ہن ہُنٛد رِشتہٕ چھُ عمومن ہم ذأژنے ہنٛدٕ ہن گھرن منٛز طٔے کرنہٕ یوان، لہٰذا حبہٕ خوتونِ ہنٛد کأنسہِ عزیز لونس یا عادلَس ہتی کھاندر سپدُنُک چھنہٕ سوالے پأدٕ گژھان تہٕ نہ چھُ فوق سُنٛد

یہِ وُنن زِعبدی راتھرن کوٗرأمِس پننہٕ نِس أکِس أشناونو عمر لڑکس ہٕتی کھاندر، ہٹہٕ وسُن لایق۔ امہِ علاوٕ تہٕ چھ واریاہن مورخن ہنٛز وِچھنے واچھنے منہٕ ؤ زیمژ وکھوتہٕ اَپزٕ بوٗ داستانوٕ ہٕتی أکِس بیدار مغزٕ انسانس یہِ ڈٲپۍ زِ تہٕ وُتارِ یوان تِکیازِ یمہِ زمانکہِ حوالہٕ تمی لیکھان چھِ تمیٛک وِوہار چھُنہٕ یا تمن نظرِ تلے اوسمُت نتہٕ چھُک زأنتھ مأنتھ ملساوُمُت۔

یوٗ تامت حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛز زندگی ہنٛدٮ۪ن مرحلہٕ وارو واقعن ہُنٛد تعلق چھُ تمن ہُنٛد یہِ ڈٲپۍ زِ تہٕ ہوٚٹ لوٚٹ نہٕ آسنٕکی وجوہات چھِ گوڈے وۄنھناونہٕ آمٕتی ، البتہ حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛدِ پأدٕ گژھنہٕ پٹھ اِنتقال کرنس تام چھُنہٕ کانسہِ تہٕ مورخن یا تذکرٕ نگارن کُنہِ تہِ تہنٛزِ زندگی ہنٛدِ واقعہ ٹُک تاریخ یا سَنہٕ ہاوِمُت ، حتیٰ کہِ أہنٛدِس زینٛس تہٕ مرنٛس متعلق یمن تاریخن تہٕ سنَن ہنٛد اندراج چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ بیٚیہٕ اَتھ سِتھٕی وأنس چھِ ہاونہٕ آمژ ، تمن منٛز تہِ چھُ ئلی گبلہٕ لاینہٕ کِنی گرنٛز پھیٚر گوٚمُت۔ تاہم یہِ حقیقت چھِ پننہٕ شایہِ زِ نوٚس دریافت گأمتِس شجرٕ نَسبَس منٛز چھُ حیدر چک حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛد نیچُو ہاونہٕ آمُت یُس تَس یوسف شاہِ چکس ہٕتی کھانٛدر کرنہٕ پتہٕ زامُت اوس۔ محمد امین کامل ہٕنٛزِ کلیاتِ حبہٕ خوتون "کِتاب اندر چھُ یہِ یوسف شاہ سُنٛد دوٚیم نیچُو ہأونہٕ آمُت۔ بہر حال یوسف شاہِ چک ہٕنٛزِ زندگی ہُنٛد مفصل اوحال ییہِ بروٚنٛہہ کُن بیان کرنہٕ۔

کائژھا ڑھٹھ بأشی چھِ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛز زِندِگی گاشراوِنی زانہٕ ہأمِژ، دَپان حبہٕ خوتون ہُنٛد سوانح عمری بیٚیہٕ تہنٛدِ کلامُک ترجمہٕ تہٕ تشریح چھِ پرٛانہِ زمانہٕ رابندرناتھ ٹیگور سٕنٛزِ نگرأنی اندر شانتنکیتن ادارس منٛز شایع گرٛھنس تیار اوسمُت اماپوٚز محمد یوسف ٹینگ صأبنہِ قولہٕ مطابق چھنہٕ یہِ سوانح یا کلام حبہٕ خوتون شانتنکیتنہٕ پیٹھ شایع گرٛژھنۍ نو بتھے اأمِژ تِکیازِ یہِ چھُ شاید اکھ تِتھُوی منصوبہٕ اوسمُت یَتھ اَتھ کاوتراونہٕ چھُ آمُت۔

# ۴۔ کٔشیرِ منٛز بزرگان دیٖنَن ہُنٛد تَشریف

# اَنُن تہٕ سیّد سُلطان فخر الدین رح نیوہ

پروفیسر شمس الدین احمد مرحومہٕ ہٕنٛدی دٕسی ترجمہٕ کرنہٕ آمٕتس ''تاریخ کبیر'' کِس ''سادات کے ذکر میں'' عنوانہٕ کِس شروعس منٛز چھُ کینٛژھن شعرن ہُنٛد حوالہٕ دِنہٕ آمُت یِمٕوے منٛزٕ چھ نوٚم زٕ شعر پرن والین ہنٛدِ ملاحظہٕ کرنہٕ خاطرٕ۔

ز دیباچہ کردم سخن مختصر      و در ذکر سادات والا گہر

کنم وصف سادات والا تبار      کز ایشاں منور شدہ ایں دیار

یہٕ کتھ چھُ پرٛتھ اکھاہ زانان زِ کشیرِ منٛز دیٖنِ اسلامُک ٲنُن آو ساداتن ہنٛدِ دٕسی دِنہٕ۔ وسط ایشیاتہٕ ایران بیترِ ملکو پیٹھ آے یورٕ ٹوٗجگوٗ ٹوٗجگوٗ یہٕنٛدی قافلہٕ تہٕ بدلووُکھ یِتیٖک سورٕے نظام۔ یِمن سیّدن ہُنٛد یُن گژھُن روٗد ریہٕ وادَن جٲری تہٕ یِموٕ منٛزٕ یُدوے کینٛژھن واپس گژھنٕکی فوٗرمان تہٕ مِیلان روٗدی اماپوٚز توتہٕ آے اَنتھٕ روٗس سیّد شہرس تہٕ گامن گژھن ٲن بٲ گرِتھ سوزنہٕ۔ یتھٕ ٹٔنی بٔنیو تِہنٛد کشیرِ ہنٛزِ وادی منٛز لُسن بسُن

لازمی۔ چنانچہ یتھ خطس منز ژوپارٕ دین پھہلاونس ستی آو سیدن ہنز و
کوشش ستی اکھ نوٚو تہذیب تہٕ تمدن بارسس ییمہِ کنی شہرن تہٕ قصبن منز
ہونرمندی تہٕ تجارت پھبُن ممکن سپُد۔ یہوے وجہ چھُ زِ کشیرِ پیوٚو ''ایرانِ
صغیر''، یعنی لوکُٹ ایران ناو۔ دین پرناون، ہیچھناوُن تہٕ ستی ستی لوٚکھ امہِ
کہِ ورتاوٕنکی پابند بناوٕنی اُس نیبرِ من کیہو ییتہِ کبنٕ سیدن ہنز مٔتہِ
دٲری۔ یہوے وجہ چھُ زِ کشیر پیوٚو ''پیرِوار'' ناو۔ یمس بزرگ ہستی
ہنٛدِ ذریعہ دینگ یہِ مِشن پھاٲنپھلُن ممکن چھُ سپُد مُت تہنز ذِکر ییہِ بروٚنہہ
کُن کرنہٕ۔ البتہٕ سیّدن متعلق مکمل زانکٲری دِنہٕ بروٚنہہ رٕوز شاعرِ مشرق
علامہ اقبالہٕ سُند اُمس بزرگ ہستی ہنٛدِس خدمتس منز پیش کرنہٕ آمتہِ
نذرانٕک حوالہٕ دیُن موضوعکہِ لحاظہٕ مُناسب۔

| | |
|---|---|
| سیّدُ السادات سالارِ عجمؒ | دستِ اُو معمارِ تقدیرِ اُمم |
| تا غزالی درسِ اللہ ہو گرفت | ذِکر و فکر از دُودمانِ او گرفت |
| سیدِ آں کشورِ مینو نظیر | میر و درویش و سلاطین را مشیر |
| خط را آں شاہِ دریا آستین | داد علم و صنعت و تہذیب و دین |
| آفرید آں مردِ ایرانِ صغیر | با ہُنر ہایِ غریب و دِل پذیر |
| یک نگاہِ او گُشاید صد گرہ | خیز و تیرش را بہ دل راہی بدہ |

ساداتن متعلق چھُ یمہِ کتھِ ہُند اظہار کرُن ضروری زِ گوڈٕ گوڈٕ چھِ
یہنز کأم خدایہٕ سنٛز عبادت و ریاضت کرنس ستی ستی لوٚکن پرناوُن تہٕ

ہیچھناوُن آسمُت حالانکہ سانہِ کشیرِ منز چھِ وُنہِ تہِ واریاہَن علاقن منز پیرمریدی ہنز کأم جأری۔ اِبتداہس منز چھِ بیہقی سادات سیاست تہٕ حکومتہٕ کین معاملن منز دخل دِوان رؤدِمتی۔ چنانچہ سلطان قطب الدین ہٕندِس دورِحکومتَس منز چھِ حضرت سیّد تاج الدین بیہقیؒ ہٕندی فرزند سید محمد بیہقیؒ تہٕ سید مبارک خان بیہقیؒ سبٹھاہ ناماوار بنیمتی۔ سید محمد بیہقی ہٕنز دختر چھِ سلطان زین العابدین بڈشاہ ہٕندِس نِکحس منز آسمٕژ یمہِ ہُنٛد ناو تاج خوتون اُوس۔ چک پادشاہن ہنٛدِس زمانَس دوران چھِ حضرت سیّد مبارک خان بیہقیؒ صأبن سیاسی توأرِیخس منز سبٹھاہ بۄڈ ناوپرٛوومُت بلکہ روزِ یہِ وُنی مُناسِب زِ کینژھس کالس آسی تمے کشیرِ ہنٛدِ پادشاہتکی مألک۔ چنانچہ کشیرِ منز ینہٕ والین سیّدن منز چھِ اکھ ذات سو یتھ ''سادات فقیہ'' وننہٕ چھُ یوان تہٕ یم چھِ ییتہِ قاضی تہٕ مفتی عہدن پیٹھ کأم کران آسمتی۔ وۄنی یۄتام حضرت أمیرِ کبیر میر سید علی رحمۃ اللہ علیہن ستی ینہٕ والین سیّدن ہُنٛد تعلق چھُ تِمن چھُ ''علوی سادات'' یا ''ہمدانیہ سادات'' تہِ وننہٕ یوان اوسمُت۔ ''سلسلہٕ کبرویہ'' یُس یور حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صأبن اونمُت چھُ تتھ چھِ کشیرِ منز باقی سِلسلن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ مقبولیت حأصِل سپٕزمٕژ۔ اکثر صوفیائے کرام خاص کرِتھ کبروی سِلسِلس ستی واسطہِ تھون وألی صوفی سادات چھِ واریاہن اِسلامی ملکن ہُنٛد سفر کران رؤدی متی۔ الغرض نیبرِ پیٹھٕ یم تہِ سادات یور آمتی چھِ تِمن چھُ علمَس پیٹھ عبور تہٕ روحانیتَس منز

کمال اوسمت حاصل سپُد مُت یِمہٕ موجب تہند احترام تہٕ عزت کرُن چھُ ضروری بنان تِکیازِ فرمانِ رسول ﷺ مطابق چھِ تِمی تہندی جانشین آسنہٕ کِنی قائبل تعظیم۔ تاہم سیّدن ہنٛز ذاژیا وَنو کرامہٕ چھِ پیٚہ تہٕ واریاہ مثلن اندرابیہ، نقشبندیہ، رضویہ، گیلانیہ، سہروردیہ، قادریہ، رفاعیہ، دوارکیہ، بخاری، جلالی، یسوع علوی، قریشی، منطقی، ہمدانیہ، بیترِ وونی گوریشی سلسلہ چھُ چھرا کاشُر تِکیازِ امہِ سلسلکی بانی چھِ حضرت شیخ نورالدین ولی رحمۃ اللہ علیہ تہٕ یہنٛدس ریشیت کِس تحریکس چھِ کینژھن مورخن ہنٛدِ وننہٕ پھہلنٛچ ترائے ہمدانیہ ساداتن ہنٛدِ اسلامی مشنہٕ کھوتہٕ ہناہ زیادے پہن روٗزمژ۔ تاہم حضرت میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہُنٛد چھُ یہوے اکھ رُت تہٕ نتیجہ دِنہٕ وول مقصد اوسمت زِ مسلمانن ہنٛز سارے خاہشہٕ گژھن مذہبی حکمن تحت آسنہٕ مگر ہندو سادھون تہٕ مسلمان فقیرن ہنٛدی پاٹھی نہٕ اَند ہیتھے دبأونہٕ۔ مورخ مجب الحسن چھُ ''کشمیر سلاطین کے عہد میں'' کتابہِ منٛز لیکھان:

''ازمنہٗ وسطیٰ کے کشمیر میں صوفیہ کے چھ خاص سلسلے تھے، ان کے نام یہ ہیں قادریہ، سہروردیہ، کبرویہ، نقشبندیہ، نوربخشیہ اور رشی، ان میں سے پہلے پانچ ایران اور ترکستان سے آئے، البتہ رِشی سلسلہ خالص کشمیری تھا''

حضرت شاہِ ہمدان رحمۃ اللہ علیہن ہُنٛد خانقاہی نِظام روٗ دیتہٕ

کامیاب تِکیازِ یہِ اوس ہندوستان، ایران تہٕ ترکستان تریشونی ملکن منٛز ہیوٚرے۔ وۄنی یوٚ تام نیبرٕ میٚن سیٚدن ہنٛدِ یورِینک تعلق چھُ، دپان ہمدان تہٕ سمنان علاوٕ چھِ کٔشیرِ نومولکو پٮ۪ٹھ سادا تو تشریف اونمت تہٕ اٮ۪خرس چھِ تمی یتہٕ پٔچ میٚنٛز منٛز شُروٗ پیمتی۔

سیتان، خراسان، خوارزم، کرمان، مدینہ، ختلان، مکہ، سرخاب، بغداد، روم، شام، اندراب، ترکستان، بخارا، بلخ، قم، ہرات بیترِ۔ یہِ چھِ اکھ تواٗریخی حقیقت زِ کٔشیرِ منٛز لوٗگ تمے دوہ صُحبس اِسلامس کُن یلہِ رینچن شاہ سُنٛز نظر اٮ۪کس صاحبِ آگاہ درویش یانے خدا دوست سید عبدالرحمان شرف الدین المعروف بلبل شاہ صابس پٮ۪ٹھ پٮ۪یہِ تہٕ نظرِ ستی سپُد اِسلامہِ کِس داٗیرس منٛز داخل۔ یتھٕ کٕنی چھُ سُہ گوڈنیک مسلمان پادشاہ مانہٕ یوان تہٕ تمی سُند ناو آو سلطان صدرالدین تھاونہٕ۔ بہرحال امہِ پتہٕ چھُ یور سلطان علاء الدین سُندِس دورِ حکومتس منٛز حضرت شیخ جلال الدین مخدوم جہانیاں، جہاں گشت بخاریؒ یوان تہٕ اسلامُک پاٛغام لوٗکن تام واتناونس کُن لگان۔ تمن پتہٕ چھِ ساداتن ہنٛدِس امیر اعلیٰ حضرت اٮ۪میر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ صابن ہنٛدی زٕ پٔتری برادر حضرت سید تاج الدین سمنانیؒ تہٕ حضرت سید حسین سمنانیؒ کٔشیرِ ہنٛز سماجی حالت وُچھنہٕ تہٕ عبورٕ مُرورِ چہ وتہٕ بدِ کڈنہٕ خاطرٕ وارِ وارِ یور اٮ۪متی۔ چنانچہ چھِ بٮ۪یہِ تہِ وارِیاہ سادات ابتداہس منٛز کٔشیرِ کُن یوان گرشھان رۄدی متی۔

سیّد مسعودؒ یِم سید تاج الدین سمنانیؒ سُند یو دوستو منز اَسی مِتی چھِ تِمن متعلق چھِ توارِیخس منز لیکھنہٕ آمُت زِ پننِس مورشِد سُندِ فورمانہٕ کِنی پھیرِ تِمی مُلکن تہٕ شہرن تہٕ پھیران پھیران واَتی کشیرِ۔ دپان یِہند ے دُعایہِ خاطرٕ سٟتی بلیٚو وامہِ وقتہٕ کِس پادشاہ سلطان شہاب الدین سُند نیٚچو مرزا حسن ہٮ۪ٹ وُسر مرضہٕ نشہِ۔ سیّد مسعودؒ صابنہِ واپس گرٕھنہٕ پتہٕ چھُ حضرت سیّد تاج الدینؒ صابن کشیر منز تشریف اوٚنمُت۔ تِتھے کٔنی چھِ سیّد حسین سمنانیؒ صابن پتری برادر سیّد حیدرؒ تہِ یور بروٚنٹھے آمٕتی۔ یِمنے متعلق چھُ نوٚو سرِ دریافت گرِ مِتس ''گلستان کشمیر'' توارِیخ کِس قلمی نُسخس منز یہِ لیکھتھ زِ سید فخر الدینؒ تہٕ تِہند بوئے سید فرید الدینؒ آے میر سید علی ہمدانیؒ صابن ہندِس بنٛتھر میر سید حیدر الکبرویؒ صابن سٟتی کشیرِ۔ سید فخر الدینؒ چھِ نیوہ چھراٹہٕ تہٕ سید فرید الدینؒ جمالٹہٕ شہرِ دفن۔ مختصرِ توارِیخی حالات تہٕ اطلاعات کتابن منز درج آسنہٕ کِنی ہیکو نہٕ اَسی کُنہِ نتیجس پیٹھ واَتِتھ۔ یہِ تہِ چھُ ممکن زِ سید فخر الدینؒ تہٕ تِہند برادر دوشوے ما آسن میر سید حیدرؒ صابن ہمراہ یور آمٕتی تِکیازِ واریاہن سیدَن ہُند یورِ ین تہٕ گرٕھن چھُ مُرشدَن ہندِ ن فورمانَن مطابق سپدان روٗدمُت۔ ووٚنی گو کم قلیلاہ حالات تہٕ اطلاعات توارِیخی کتابن سُہ تہِ دون ترین اندر دسیاب آسنہٕ کِنی چھُ اصلیت زانٕنی سٮ۪ٹھاہ مُشکل۔ پروفیسر شمس الدین احمد چھُ ''شاہِ ہمدان۔ حیات اور کارنامے'' کتابِ

اندر لیکھان زِ خدایہ ہنزِ وتہ منز درامتین یمن سیّدن تہٕ مبلغن ہنْد ہن
کاروانَن متعلق مختصر واقفیت سہ تہِ اَڈِ نے ہنز چھِ گرٛژن تام کتابن
اندر میلان۔ یمن منز خواجہ محمد اعظم دیدمری سُنٛد توٲریخ ''واقعات کشمیر''
تہٕ پیر حسن شاہ کھویہامی سُنٛد ''تذکرۂ اولیائے کشمیر یعنی تاریخ حسن کا
تیسرا حصہ'' ذِکر کرنس لایق چھِ۔ یہ کتھ تہِ چھ حیٲرانی ہنز زِ نیبرٕ پیٹھٕ یور
آمتین اکثر سیدن، مبلغن تہٕ مشایخن ہنزٕ ووت یتہِ ہتہٕ بٔدیوٗ ورِیو
پیٹھ بسان مگر یہنزن اَکس دون پیرن ہُنٛد ذکر پیوٚژتاہ پیوٚژتاہ چھُ
توٲریخس تہٕ تذکرن منز کرنہٕ آمت۔ پتھ رود سوال سانین بڈٕ ہن
شاعرن تہٕ اَدیبَن منز پٔنن پٔنن پیرٕ ووٚتر (شجرٕ نسب) رٲژھرأونکہِ
رِواجک، مشاہدٕ کٔرِ، یُدوَے نہٕ شاعرن ہنزٕ منز یُتھ کانٛہہ وسیلہٕ رِواج
لبنہٕ یوان چھُ۔ اماپوٚز ساداتَن ہنزن مختلف ذٲژن اندر چھِ عام پٲٹھی
کولاٲلی رٲژھرانہٕ یوان۔ یٔتوی یوت نہٕ بلکہ چھِ یمن اندر خاص پاٹھی
سلسلہ وار شجرٕ نسب بچأوِتھ تھاونک تہٕ رِواج تہٕ زَن گو پننہٕ مَسلکہٕ مطابق
پٲروی کرنہٕ یِنہٕ والین اِمامن ہُنٛد تفصیل رٲژھراون چنانچہ ظاہری امامن
منز چھِ حضرت امام ابوحنیفہؒ، حضرت امام شافعیؒ، حضرت امام احمد بن
حنبلؒ تہٕ حضرت اِمام مالکؒ۔ یتھے کٔنہ چھِ باطنی اِمامن منز حضرت شیخ
عبدالقادر جیلانیؒ، حضرت شیخ شہاب الدین سہروردیؒ حضرت خواجہ
معین الدین چشتیؒ تہٕ حضرت بہاو الدین نقشبندیؒ۔ بہر حال ساداتن

ہندٕ بن خاندانٕن ہندی کولہٕ وۄ تریانے کہ شجرٕ نسب چھہِ اسلأمی تواریخن تہٕ تذکرن منٛز تہِ نظرن منٛز یوان۔ مثلن خواجہ محمد اعظم دیدہ مری ہٕندِس تواریخ واقعات کشمیرس منٛز چھُ حضرت أمیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہُنٛد شجرٕ نسب یتھٕ کٕنۍ درج:

''جناب أمیر کبیر میر سید علی ابن میر شہاب الدین ابن میر سید محمد ابن سید علی ابن سید یوسف ابن سید شرف الدین ابن سید محبّ اللہ ابن سید محمد ثانی'' تہٕ برونٛہہ کُن بیٚیہِ دٕہن پیرین ہندٕ بن ناون پتہٕ چھہِ أخرس۔ ابن الحسین السید الشہدؓ أصأبن ہُنٛد مُبارک اِسم یتھے کٕنۍ چھہِ تأریخ کبیرس اندر سید حسین منطقی صأبن ہُنٛد شجر نسب یتھ کٕنۍ درج ''آپ سید نورالدین کے فرزند تھے اور وہ تھے فرزند سید تاج الدین کے، وہ تھے فرزند سید احمد کے، وہ تھے فرزند سید علی کے، وہ تھے فرزند سید احمد کبیر کے، وہ تھے فرزند سید جلال الدین کے، وہ تھے فرزند سید علی کے، وہ تھے فرزند سید جعفر کے، وہ تھے فرزند سید محمد کے، وہ تھے فرزند سید محمود کے''۔ تہٕ برونٛہہ کُن باہن پیرین پتہٕ چھہِ أخرس حضرت امام حسین رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین صأبن ہُنٛد مبارک ناو۔

لہٰذا چھُ بڈٕ بن شاعرن منٛز تہِ زیادٕ پہن یِمنے سید یا پیر خاندانٕن سٕتی تعلق تھاون والین شاعرن منٛز حسبہٕ نسب (کولاولی) رٕژھراونک رِواج

چلان او سمُت ۔ شاعر کشمیر مہجوٗر سُنٛد حسبہٕ نسب چھُ تتھٕ پأٹھۍ ہاوَنہٕ آمُت ۔

(حسب)

محی الدین — عبداللہ — رسول — حمید — میر محمد

میر محمد: احمد شاہ — محمد شاہ — عبداللہ — گلہ شاہ

عبداللہ: غلام احمد مہجوٗر — مبارک

غلام احمد مہجوٗر: محمد امین

محمد امین: رشید — باری — ابدال — خالد — دختر ہا

تتھے کٕنۍ چھِ نسبہٕ چێن پیٛرھن ہنٛدۍ ناو داوِ پٹھ شروٗع گرتھ سعیدہ اہلیہ غلام احمد مہجوٗر سٕنٛدِس ناوس تام ہاوَنہٕ آمٕتۍ ۔

کٲشرِ منٛز دیٖنِ اسلام پھہلاوَنس تہٕ پھاپھلاوَنس منٛز یُس کردار نجیب الطرفین ساداتن اندر حضرت أمیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہُنٛد رُود مُت چھُ تَتھ چھِ پوٗرٕ عالمِ اسلامَس منٛز پذیرأیی حأصل سپٕز مٕژ ۔ یِہنٛد مِشن چھُ سانہِ باپتھ اکھ رول ماڈل بَنتھ تہٕ یِہوے چھُ سُون شوبہٕ وۄن تہٕ لُوبہٕ وۄن پتھ کال یُس نہٕ زانٛہہ مُشراون پزِ ۔ تِہنٛزِ زندگی ہِنٛدٕن کارنامَن ہُنٛد وٕژھناوُن چھُ سانہِ ازکالہٕ خأطرٕ تہٕ پگاہ تہٕ ضروری ۔ حضرت میر سید علی ہمدانی چھِ تھدِ پایہٕ عالمہِ دیٖن آسنہٕ باوجود تبلیغ کرنس دوران کشف و کراماتن زیادٕ پہن کأم ہیٚوان أسۍ ہیٚتۍ یِیمہِ کٕنۍ تِمن

ہنٛدِس مشنَس کامیأبی حأصل چھِ سپدان روزمٕژ۔ تِتھے کٔنی چھِ تٔمن پتہٕ تِہنٛدی فرزندِ ارجمند حضرت میر سید محمد ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ یور آمٕتی تہٕ حضرت شاہ ہمدانؒ صأبن ہُنٛد اڈلیوٗک مشن پورٕ کرنس ستی ستی بڈٕ بڈٕ خانقاہ مشیٖدہٕ بییہِ تہِ واریاہ اِسلأمی ادارٕ تعمیر کٔرمٕتی۔ تتھ وقتس منٛز چھُ تٔمن سُلطان سِکندر بت شِکن سُنٛد اتھ واس تہِ میوٗلمُت۔ چنانچہ حضرت میر سید محمد ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہنٛدِ یورٕ یِنٛچ خبر تِھوٗی حضرت شیخ العالم شیخ نورالدین ریشیؒ قدس سرہٗ بوٗزمٕژ چھِ تمو چھِ بےوایہِ پأٹھی کرٕیکھ لأیٔ مٕژ ''کأشرِ ہُنٛد پیر آو''۔

بہرحال یِمن دوشوٗنی صاحبن ستی آیٔ ہتہٕ بدٕ سادات کٔشیرِ تٔمن منٛز أسی کینٛہہ مشایخ تہٕ اولیاء یِم زبردست علمی تہٕ روٗحأنی ترقی ہنٛدی درجہٕ وأتی أسمٕتی چھِ۔ حضرت میر سید ہمدانی رحمۃ اللہ علیہن ہنٛدِس وقتس دوران یورٕ یِنہٕ والین سادأتن تہٕ مشایخن منٛز چھِ حضرت سید فخرالدینؒ خوارزم کیوٚ وبڈٕ بو بزرگ سادأتو منٛز أسمٕتی۔ یورٕ تِتھے چھُ یِمن پرگنہٕ چھرأٹس منٛز تبلیغ دین کرٕنٛچ کأم ذمہٕ تھونہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ خاطرٕ تٔمن امہٕ علاقہٕ کِس مرکزی اہمیت کِس نیوٗ گامس منٛز قیام کرنُک فوٚرمان دِنہٕ چھُ آمُت۔ یہِ کتھ ؤنٛی چھِ ضروٗری زِ تمہِ وقتُک پرگنہٕ چھُ اوسمُت موجوٗدٕ وقتہِ کِس أکِس اِنتظأمی ضِلعس برابر۔ لہٰذا چھُ حضرت سید فخرالدینؒ صأبُن تبلیغی کأم تہٕ پیر مُریدی ہنٛزٕ ذِمہٕ دأری أنٛزراونُک دأیرٕ کأفی وسیع

اوسمت۔ اَتھ پرگنس منز کینژھن بڈٛین گامن ہنٛدی ناو چھِ کریما آباد، گڈٛورہ، راہمو، گوسو، وہی بُگ، جڈٛورہ، کاکاپورہ، خامپور سرائے، وڈٛی پورہ، قاضی پورہ، چکہ سردار، لرو، کسری گام، ہکری پورہ، حسن وٗنی، واگام، ایندر، پاہو، پنگلنہ، گنڈٛی پورہ بیترِ۔ یمہِ کتھِ ہُنٛد تذکرہ کرُن چھُ ضروری زِ حضرت سید فخر الدینؒ صابن چھِ یتھ سأرٕسی پرگنس منز لوکھ حضرت سید سلطان فخر الدینؒ المعروف ''سلطان صاب'' ناوٕ ستی زانان مگر تواریخس منز چھُنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ تِمن ہنٛدِس ناوس ستی سُلطان لقب آسنٕچ شہادت میلان۔ البتہٕ یوٗ تامتھ حضرت محبوب العالم حضرت شیخ حمزہ مخدوم قدس سرہٗ رحمۃ اللہ علیہن ہنٛدِ سلطان آسنُک تعلق چھُ، تواریخس منز چھِ تِمن ہُنٛد تعارف ''حضرت محبوب العالمؒ سلطانؒ''، ''حضرت سلطان شیخ حمزہؒ مخدوم کشمیریؒ'' تہٕ بیٚیہ ''سلطان العارفینؒ'' ناوٕ ستی آمُت۔ یوٗ تامتھ زَن نشاط انصاری صابنہِ ''حبہٕ خوتونؒ'' ناوِ کِس تصنیفس منز قلمی نسخہ پیٚٹھ تارنہٕ آمتہٕ شجرٕ نسبُک تعلق چھُ تَتھ منز چھِ حضرت سیّد فخر الدین ہنٛدِ ہِن پتھ کُن گامژن پیرہِن اندر ''سیّد سلطان'' تہٕ ''سیّد سلطان احمد'' ناوِ کی زِ بزرگ گُزریمتی۔ بہرحال پنہٕ نِس طالب علمی ہنٛدِس زمانس منز ییٚلہِ مےٚ اَمِس وٕلی کأمِلس متعلق تمہِ وقتہٕ کِس جامع مشید ہنٛدِس امام و خطیب مرحوم مولوی ثنا اللہ شاہ صابس نِش زٕانی یاب گژھن یوٗ ژھ تِہنٛد فورماوُن اُوس زِ مےٚ چھُ پنہٕ نِس بابہٕ صأبس نِش بوٗزمُت زِ حضرت سید سلطان فخر الدینؒ

صاٰبن ہنٛدی فرزند چھِ دینی سبق پرنہٕ باپتھ کاکپور گرٛشھان أسمتۍ۔ دپان
اتھ گامس منٛز اوس بڈشاہن اِسلامی مدرسہ قاٰیم کوٗرمُت۔ اگرچہ
مرحوٗمس تہٕندِس فرزندٕ سُند اصل ناو معلوم اوسنہٕ اماپوٚز تِمی اوس پننہِ
بزرگن نش بوٗزمُت زِ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ چھُ یِہنٛد یہ فرزند لوٗکہس پٔٹھ سوار
گرٛھتھ کاکپور گرٛشھان وُچھمُت یِیمہِ موٗجب تہٕنٛد ناو شیر دین چھُ
پیوٚمُت۔ تِمن ہُنٛد اَستان چھُ تِتھی وقتس منٛز قبرستانس اکہِ طرفہٕ بناونہٕ
آمُت۔ مولوی مرحومہ سُنٛد مزید گف اوس زِ یَتھ گامس لرِلوٗر جہامہٕ ناوٕ
کِس گامس منٛز چھُ اکھ رٔیس روزان اوسمُت یمۍ سُنٛد ناو معلوم چھُنہٕ
سپُدمُت البتہ چھُس کُٹ راج آسنہٕ کِنۍ بڈشاہٕ سِندِس زمانس منٛز ''شاہِ
نیوہ'' خطاب دِنہٕ آمُت۔ أمۍ سنٛزِ قبرِ پٔٹھ تھاونہٕ آمُت بوٗڈ پیوٚر چھُ بیٚون
نوٚن۔ توارٖیخس منٛز چھُ یمن کُٹ راج یا کوٹے راجن متعلق لیکھنہٕ
آمُت زِیم چھِ دوٗن دوٗن ترٛہن ترٛہن گامن پٔٹھ راج کران أسمتۍ تہٕ بیٚیہٕ
چھِ کُنہ کُنہِ جایہِ یِہنٛدٕ ہن لوکٹٕن لوکٹٕن دارالخلافن ہنٛدِ قاٰیم آسنُک اِظہار
کرنہٕ آمُت۔ چنانچہ حضرت فخرالدین رحمتہ اللہ علیہن ہنٛزِ نگرأنی منٛز
چھنہٕ صرف نیوہ گامس منٛز سوزنہٕ آمتۍ عاٰلم تہٕ مشایخ یوت روٗدی متۍ بلکہ
چھِ أندی پٔکی گامن اَندر وأتی متین ساداتن تہٕ باقی بزرگانِ دینن پٔٹھ تہٕ
تہنٛز نظر روٗزمٕژ۔ پیر مُریدی ہنٛدِ ذریعہ گھر گھر دین واتناونہٕ تہٕ اسلامی
کیہو اخلاقی تعلیم پرناونہٕ کِس مشنَس چھِ تہنٛزِ سربراہی ہتۍ سبٹھاہ ووسا

میوٗلمُت۔ لہٰذا چھُ باسان زِ تِمن ماآسہٕ ہایمن مقامی ساداتن تہٕ بُزرگن

ہنٛز سربراہی کرنہٕ کِنٛہ وقتہٕ کِس پادشاہ یا پنہٕ نِس اُمیرٕ ہنٛدِ طرفہٕ سُلطان

سُنٛد خطاب دِنہٕ آمُت، تِتھٕ زانہِ خُدا، بہرحال یتھ عنوانَس طوالتھ دِنی چھِ

ضروری تِکیازِ حضرت سید فخرالدینؒ تہٕ بیٚیہ تِمن عالمن تہٕ مشائخن بیترِ

متعلق یم تہِ تواریخی معلومات میانہن نظرن منٛز آمتی چھِ تِمن ہُنٛد تِمنے

لفظن منٛز پرن والین تام واتناونہٕ ستی ہیکہِ پتھ گُن کرنہٕ آمٕژن کتھن

واش نیرتھ۔ تاہم کتھن زیچھر لگنَس چھُس معافی منگان۔

خواجہ محمد اعظم دیدہ مری صابنہِ ''واقعات کشمیر'' کِتابہِ منٛز:

''حضرت سیّد فخرالدینؒ بہت بڑے بزرگ تھے۔ سلطان سکندر کے عہد کے آخری ایام میں واردِ کشمیر ہوئے۔ پرگنہ چھراٹ کے موضع نیوہ میں آسودہ خاک ہیں۔ ان کی اولاد میں سے بھی اکثر صاحب کمال پیدا ہوئے''

حاجی محی الدین مسکین صابنہِ ترجمہ کرنہٕ آمتہِ ''تاریخ کبیرٕ'' منٛز:

''سید فخرالدین سلطان سکندر کے آخری زمانے میں کشمیر میں داخل ہوئے۔ عجائب حالات کے حامل تھے اور زمانے کے اولیاء میں مایہ افتخار، ۱۴ر ذی قعد کو رحلت فرمائی اور پرگنہ چھراٹ کے نیوہ گاؤں میں اولاد کے ہمراہ آسودہ ہیں''

حضرت سید ہاشمؒ چھِ کریما آباد گامس منٛز دفن تِمن متعلق چھِ یہِ

مورخ لیکھان:

''حضرت سید فخر الدینؒ نیوہ کے تابعین و منسوبین میں سے تھے اوران کی خدمت سے ظاہری و باطنی فیض حاصل کیا۔ ۱۷ر رجب ۸۹۶ھ میں رحلتِ آخرت باندھ لیا اور سرن گاؤں میں جسے اب کریما آباد کہتے ہیں آسودہ ہیں۔ یہ گاؤں حاجی کریم بابا کا جاگیر تھا اور اسی لیے کریما آباد کے نام سے مشہور ہے''

مورخ چھُ حضرت سید فخر الدینؒ سِندِس پترِس برادرس سیّد قاسم صائبس متعلق لیکھان:

''نیوہ کے سید فخر الدینؒ کے چچیرے بھائی سید قاسمؒ نے بھی اِن ہی سے فیوض حاصل کر کے مقاماتِ سلوک طے کیئے اور اِرشاد کے درجے تک پہنچ گیئے اور لوگوں کو فیض پہنچایا۔ کشف و کرامات میں مشہور و معروف تھے۔ آپ نے اپنی عمر تنہائی اور یگانگت میں گزاری۔ جب ارجعی کی آواز سُنی تو اس آواز پر ۱۵ر ربیع الاول ۹۶۸ ہجری میں لبیک کیا۔ آپ پرگنہ چھراٹ کے نوبوگ گاؤں میں مدفون ہیں اور آپ کے اقرباء بھی آپ کے احاطے میں آسودہ ہیں''

امہِ علاوِ چھُن میر محمد باقرؒ، میر فاضلؒ، میر سید رکن الدینؒ تہٕ سید فخر الدینؒ صائبن ہُنٛد ذِکرتہٕ کوٚرمُت:

''میر محمد باقرؒ میر مبارک خان بیہقی کی اولادوں میں سے تھے۔ روشن کرامات اور عمدہ حالات والے بزرگوار تھے۔ چھراٹ پرگنہ کے نیوہ گاؤں میں آسودہ ہیں۔ میر فاضلؒ اپنے والد بزرگوار میر محمد باقرؒ کے خلیفہ دلپسند تھے۔ ایامِ زندگی کے زوال پذیر ہونے کے بعد اپنے والد کے مزار میں مدفون ہوئے''

''تاریخ حسن''، مُترجم پروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد (فارسی تاریخ حسن کتابہِ ہُنٛد کاشُر ترجمہٕ)۔ ''سید فخر الدینؒ چھِ روشن دِل بزرگ تہٕ تھدِ درٕجکی سید اٰسی ٕمتی۔ چھراٹ پرگنس منٛز چھِ نیوہ گامس منٛز دفن''۔

''میر محمد باقر نقشبندیؒ چھِ سید مُبارک خان بیہقی ہٕنٛدِ بوٗ زُریو منٛز اٰسی ٕمتی تہٕ سیٹھاہ صاحبِ کمال تہٕ صاحبِ حال بزرگ اٰسی ٕمتی۔ چھراٹ پرگنہٕ کِس نیوہ گامس چھِ دفن، میر فاضلؒ اٰسی تِہٕنٛدی فرزند تہٕ خلیفہٕ تہِ۔ نیک سیرت تہٕ پاک پاکیزٕ صاحبِ حال بزرگ اٰسی۔ یِہٕنٛدی مُرید اٰسی تھدِ پایکی۔ نیوہ گامس منٛز چھِ دفن''۔

''شاہِ ہمدان حیات اور کارنامے'' مُصنف ڈاکٹر پروفیسر شمس الدین احمد چھِ حضرت سید فخر الدینؒ صأبن متعلق لیکھان:

''سلطان سکندر کے عہد میں واردِ کشمیر ہوئے۔ عالی شان اور بلند قدر بزرگ تھے اور کشمیر میں دینِ اسلام کی خدمت انجام دینے کے ساتھ ساتھ لوگوں کی راہِ سلوک کی طرف بھی راہنمائی کی۔ پرگنہ چھراٹ

میں واقع نیوہ گاؤں میں آپ کا مزار شریف محلِ فیوض و برکات ہے۔
آپ کی اولادِ امجاد بھی جو اکثر صاحبِ کمال اولیاء اللہ تھے اسی مزارِ
شریف میں آسودہ ہیں"

"تذکرۂ اولیاءِ کشمیر" تاریخ حسن کا تیسرا حصہ (اسرار الاخیار)
کِتابہِ ہُنٛد مصنف چھ پیر حسن شاہ کھویہامی تہٕ مترجم پیرزادہ عبدالخالق
طاہری اَتھ کِتابہ اندر چھُ واریاہن سیدن ہُنٛد اوحال ژھوٹ پأٹھی لیکھنہٕ
آمُت۔

نیوہ کِس حضرت سید فخرالدین رحمۃ اللہ علیہن ہُنٛد ذکر چھُ نۆمن
لفظن منٛز کرنہٕ آمُت:

"حضرت سید فخرالدینؒ بھی ایک بہت بڑے بزرگ تھے۔
آنجناب سلطان سکندر کے عہدِ آخر میں واردِ کشمیر ہو چکے تھے۔
آخر جب وفات پائی تھی تو موضع نیوہ میں دفن کیئے گئے تھے جو
پرگنہ ملہ چھراٹ میں ایک گاؤں ہے وہ کثیر الاولاد و امجاد تھے جو
سب کے سب باحال و کمال بزرگ تھے۔ ان کا ذِکر بھی اپنی جگہ
پر ہو گا"

نوٹ: تواریخس یا تذکرن منٛز چھنہٕ حضرت سید فخرالدین صأبس
پتہٕ چلہٕ وونِمن پیرین متعلق کانٛہہ تذکرِ نظرِ گژھان تہٕ نہ چھُ تھند بن پتہٕ
نِمن اولادن ہُنٛد پَے پتاہ اَتھِ یوان۔

مورخ چھِ أتھی توأرتخس أندر بێیس شایہِ حضرت سید فخرالدینؒ صائبن ہُند یتھ کُنیٚ ذِکر کران:

''حضرت سیّد فخرالدینؒ ان اعلیٰ کردار اور بلند مقام والے سیدوں میں شامل تھے جو بزرگوار، روشن دل، عالی قدر اور مرتاض تھے۔ شب و روز عبادت شاقہ کرتے ہوئے جب آخر وفات پائی تھی تو پرگنہ چھراٹ کے گاؤں موضع نیوہ میں سپرد خاک کیئے گیئے تھے''

چنانچہ چھراٹس منٛز یِنہٕ والین ساداتن متعلق توأریخی بیانن ہُند مطالعہ کرنہٕ ستی چھُ یمہِ حقیقتُک سیٚدِ سیٚو دپے لگان زِ نیوہ گام چھُ مشائخن تہٕ مورشدَن ہُند اکھ سُہ مرکز بنیٚومُت اوسمُت یتہِ أندۍ پکی گامن منٛز آمتین سیّدن ستی ستی مقامی لُوکن دینی تہٕ روحأنی تربیت أسمٕژ چھِ کرنہٕ یوان۔ بہرحال موضوع برونٛہہ کُن پکٕہ ناوِتھ چھُ یتہِ نَس أمی کتابہِ منٛز حضرت میر باقر نقشبندی رحمۃ اللہ علیہن متعلق یہِ مختصر بیان دُہراون ضروری:

''حضرت میر باقرؒ حضرت سیّد مبارک خان بیہقیؒ کے احفاد میں سے ایک بزرگ تھے۔ آنجناب صاحبِ حال اور بڑے باکمال خدادوست تھے۔ وہ عبادت اور ریاضت میں مشغول ہوا کرتے تھے اور رات دن ذِکر الٰہی میں محو رہتے تھے۔ آخر جب وفات پائی تھی تو پرگنہ چھراٹ کے ایک گاؤں موضع نیوہ میں ابدی نیند کے

لئے جگہ پائی۔ حضرت میر فاضل رحمۃ اللہ علیہ حضرت میر باقرؒ کے فرزند خورسند تھے۔ آنجناب اپنے ہی والد بزرگوار کے خلیفہ اور مُرید تھے۔ اچھے کردار اور پاکیزہ اطوار والے بزرگ تھے۔ ان کے کافی طالب اور شاگرد تھے جو ان کی تربیت سے برگزیدہ ہوگئے تھے۔ آخر جب وفات پائی تھی تو موضع نیوہ میں اپنے والد ماجد کے پاس دفن کئے گئے تھے۔ کاکاپورہ گاؤں کے حضرت مہدی ریشیؒ حضرت میر محمد باقر نقشبندیؒ کے خلیفۂ خاص تھے۔ انہوں نے حضرت سے طریقت کے اسباق اخذ کئے تھے اور پھر اِسی مُرشدِ کامل کی ہدایات کے مطابق چلے کاٹے اور مجاہدے کئے تھے"

امہِ علاوٕ چھُ مورخن حضرت مہدی ریشی کاکاپوری رحمۃ اللہ علیہن ہُندٕ ذِکر کران مزید معلومات۔ یتھٕ اندازس منز بیان کرِ مِتۍ:

"سیادت پناہ، حقائق آگاہ حضرت میر باقر نقشبندیؒ کے اجداد کرام سلطان زین العابدین کے عہدِ حکومت میں ولایت سے کشمیر میں آئے تھے۔ نیوہ کے لوگوں نے از راہِ اخلاص ان کو اپنے گاؤں میں لایا تھا اور پھر انہوں نے وہیں پر سکونت اختیار کی تھی۔ اسی گاؤں میں گھریلو زندگی بسر کرتے رہے۔ آج بھی ان کے کافی اولاد اِس قریہ میں آباد ہیں اور ان کا ایک فرزند صالح،

بزرگ اور خدارسیدہ ولی تھا۔ جس کا نام حضرت میر فاضل رحمۃ اللہ علیہ تھا اور جس نے کشمیر کے ممتاز عالم وفاضل حضرت ملا حیدر چرخی رحمۃ اللہ علیہ سے بھی کافی دینی علم طریقت کے اسباق پڑھے تھے۔ حضرت علی ریشیؒ جو کہ حضرت مہدی ریشیؒ کے بڑے بھائی تھے، نے بھی نیوہ کے حضرت میر باقر رحمۃ اللہ علیہ سے تربیت پائی تھی''

یِمن سادات متعلق چھِ پیرزادہ عبدالخالق طاہری ''تاریخ بزرگان کشمیر'' ناوِ چہِ کتابہِ اندر مختصر پأٹھی لیکھان:

''حضرت سیّد فخرالدین ایک بہت بڑے بزرگ تھے۔ وہ سلطان سکندر بُت شکن کی عہد حکومت کے آخری ایام میں نمودار ہوئے تھے۔ آنجناب علیہ الرحمہ موضع نیوہ میں آسودہ ہیں جو ایک گاؤں ہے اور وہ پرگنہ چھراٹ میں واقع ہے۔ ان کے اکثر اولاد اور امجاد بھی باکمال بزرگ گزرے ہیں جو اپنے وقت اہلِ کشمیر میں مشہور بھی تھے۔ اُن کا ذِکر بھی اسی کتاب میں آگے چل کر آئے گا''

یِوٚ تامتھ حضرت میر سید رکن الدینؒ تہِ سید فخرالدینؒ دوشوٕنی ہُند تعلق چھُ مورخن چھُ برابرتی لیوٚکھمُت یہِ وِوٚنیگتام باقی مورخن ہند بن بیانَن منز درج چھُ سپُد مُت۔ لہٰذا چھُنہٕ بار بار دہراونچ ضرورت۔ تِتھےٚ کُنی چھِ حضرت مہدی ریشی کاکاپوری رحمۃ اللہ علیہن ہُند ذِکرنس منز کانٛہہ نوٚ و

کتھاہ نظرِ گرٕ ھان البتہٕ چھُ تی آمُت بیان کرنہٕ یہٕ پتھ کُن تمن متعلق لیکھنہٕ آو۔ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری سُند تصنیف کوٚرمُت ''واقعات کشمیر'' یمیُک ترجمہٕ ظہور احمد شہداد ظہور صأبن کوٚر مُت چھُ تہٕ تمہِ کہِ حوالہٕ یُدوے بروٚنہی کینژھن سیّدن متعلق لیکھنہٕ چھُ آمُت اماپوٚز حضرت مہدی ریشی کاکاپوری رحمۃ اللہ علیہن متعلق لیکھنہٕ آمتہِ بیانہٕ منز چھِ کینٛہہ نوٚوِ کتھہٕ یتھ موضوعَس تحت اَننہِ ضروری۔ مورخ چھُ لیکھان:

''حضرت میر باقر نقشبندی رحمۃ اللہ کی شادی موضع نیوہ میں انجام پائی تھی اور وہ بال بچوں والے بھی ہو گئے تھے۔ حضرت مہدی ریشیؒ اپنے مُرشد حضرت میر باقر نقشبندیؒ کے بعد چالیس برس تک کاکاپورہ کی مسجد میں رہے تھے۔ اگرچہ انہوں نے طویل عمر پائی تھی لیکن ان کا زیادہ تر وقت گریہ وزاری اور سوز و گداز میں بسر ہوتا تھا کیونکہ وہ بہت ہی رقت آمیز دِل سے خدا کی یاد میں مصروف رہتے تھے۔ الغرض دونوں برادر حضرت مہدی ریشیؒ اور بڑے بھائی علی ریشیؒ حضرت میر باقر نقشبندیؒ کی تربیت سے اعلیٰ درجات حاصل کر چکے تھے''

موجودٕ دوٗرُک اکھ مصنف ولی محمد اسیرؔ کشتواڑی چھُنہ ''تاریخ اولیائے جموں و کشمیر'' ناوٕ چہِ کتابہِ اَندر حضرت سید فخر الدین رحمۃ اللہ علیہن متعلق کانٛہہ نوٚو کتھاہ لیکھان بلکہ چھِنہٕ فقط زٕ جملہ لیکھی مِتی۔ یتھے کٔنہِ چھُن لیکھنُک

طریقہٕ ہناہ بدلاؤ وِتھ حضرتِ میر سید رُکن الدینؒ تہٕ حضرت سید فخر الدینؒ دوشونی متعلق ہو بہوتی لیٚوکھمُت یہِ ''تذکرہ سالکین کشمیر'' کِتاب ورأے باقین توأریخی تصنیفَن منز تحریر چھُ سپُد مُت تہٕ یمیُک اندراج چلہ ووٗنِس موضوعس تحت تہِ کرنہٕ آو۔ حضرت مہدی ریشی رحمۃ اللہ علیہن متعلق تہِ چھُن تاریخ بزرگانِ کشمیر کِس مورخہٕ سُنڈ لیٚوکھمُت تِلتھ نیوٗمُت۔ ''حیات و تعلیمات حضرت میر سید ہمدانیؒ'' ناوچہِ کتابہٕ ہنٛدی مصنف محمد مشتاق جیلانی پوٗرنوی چھِ سید فخر الدینؒ صأبن متعلق لیکھان:

''سلطان سکندر کے عہد میں واردِ کشمیر ہوئے۔ عالی شان اور بلند قدر بزرگ تھے اور کشمیر میں دینِ اسلام کی خدمت انجام دینے کے ساتھ ساتھ لوگوں کی راہِ سلوک کی طرف بھی رہنمائی کی۔ پرگنہ چھراٹ کے نیوہ گاؤں میں آپ کا مزارِ شریف محلّہ فیض و برکات ہے۔ آپ کی اولادِ امجاد بھی، جو اکثر صاحبِ کمال اور اولیاء اللہ تھے، اسی مزارِ شریف میں آسودہ ہیں''

حأرانی ہُنٛد مقام چھُ زِ حضرت فخر الدین صأب ہٕنٛد بن اولادن بیترِ متعلق چھِنہٕ یمن توأریخن اندر کانٛہہ تہِ زأنیاب گژھنچ کتھاہ نظرن تل یوان۔

# ۵۔ حبہٕ خوتونہِ ہُنٛد کوڑنیُگ نکاح

یوٗ تام مَت زَن حبہٕ خوتوٗن ہنٛدِ کھانٛدرکرنُک تعلق چھُ، تتھ متعلق ہیکہِ نہٕ سہَل بَہل ووٗنِی کانٛسہِ تہٕ بیوٚن رائے آستھ تِکیازِ دوٚن خاندانن تہٕ عبدی راتھرنہِ پانہٕ وأنِی مشورٕ کرنہٕ پتہٕ اَس سُہ پنہٕ نِسی مامہٕ ترِس بأیِس باگنی اَمُت۔ ووٗنِی گوسوٗچنچ کتھ چھِ یہِ زِ اَکِس سیّد کورِ ہُنٛد پنہٕ نِس پیرٕ مریدی ماحولہِ کِس ماتامالس منٛز شأعری تہٕ موسیقی ہنٛدِ مزازٕ چ نوش بنٛتھ اَژُن کوٗتاہ کَڈُ رآسہِ تتھ زمانس منٛز تِمن پیوٚمُت۔ تِموٚک اندازٕ ہیکہِ کانٛہہ تہٕ سوٗچ سمجھہٕ وول اِنسان کٔرتھ۔ شریعتہٕ مطابق چھُنہٕ گیوٚن بوزُن جأیز قرار دِنہٕ آمُت۔ کوربن ہُنٛد زورٕ زورٕ بأتھ ونٛنی تہٕ قرآن مجیدٕ چ تِلاوت تھٔزِ لِیہ کرٕنی تہِ چھُ غأرشرعی مانہٕ یوان۔ بیٚیہٕ چھُنہٕ زنانہٕ ہُنٛد گیوٚن تہٕ نژُن سُہ تہِ وو پرمردَن ہنٛزِ جمأژ اندر جأیز آمُت قرار دِنہٕ۔ لہٰذا چھُ پرٛتھ حسابہٕ یِمن دوٚن بأژن ہُنٛد رلُن تہٕ نِباون ناممکن بنیوٚمُت۔ یِمہٕ وجہہ کِنی سید کمال الدینؒ صأبس رِشتُک لحاظ اوک طرف تراوِتھ حبہٕ خوتونِ موکجار دیوٗن پیوٚ۔ پزٕر چھُ یہِ زِ اَہنٛدِ امہِ موسیقی تہٕ شاعری ہُنٛدِ وہارُک اثر آسہِ ہَن سیّدِ سیٚو دسیّد صأبنہٕ پیر مریدی پٹھ پیوٚن ہیوٚتمُت۔ لہٰذا چھ حبہٕ خوتونِ وأریو

گھرس منز وقت گزرنس دوران بےٚ وأری رٕنٛز تہٕ مار کھیٚون تھنٛدِس مُقدرس لیکھتھ اُوسمت۔ بہرحال موسیقی ہُنٛد چسکہٕ اَژنس متعلق پیٚوم اکھ واقعہ یاد یمیُوک پھرُن یتہٕ نس مُنأسب روزِ۔ کشیرِ ہنٛدِس اِسلامی توأریخس منز چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ صأبن متعلق لیکھنہٕ آمُت زِ تمی چھِ سماعس یانے موسیقی ہٕستی لوے خوے تھاوان أسمتی۔ دَپان اَمے وجہ کِنی چھُ اکھ صاحب یہُنٛد ناو حضرت مولانا حسین جنازؒ چھُ اوسمُت تہُنٛد مُنکر بنیٚومُت۔ چنانچہ اَتھ موضوعس پٮ۪ٹھ چھُک کأتیاہ پھرِ خواجہ صأبسؒ ہٕستی بحث کوٚرمُت۔ یہِ معاملہ چھُ تھدٕ بن فورمن منزٕ تہٕ تُلنہٕ آمُت۔ اماپوٚز خواجہ صأبنؒ چھنہٕ امہِ نشہِ پوٚت ہیٚون مونمُت۔ پتو لاکن چھُ یہِ مسلہٕ عدالتس منز ووتمُت یتہٕ پٮ۪ٹھ اکھ ٹیم چھُ خواجہ صأبُنؒ گھرِ سوزنہٕ آمُت۔ اہلہِ کارَن ہنٛد اندراژ وونے چھِ ساز سنطور ربیترِ سامانہٕ بٮ۪یس کمرس اندر کھٕنٛتھ تھاونہٕ آمتی۔ دپان اہلہِ کارو یتھوی پرژھ گأر کرٕنی شروٗع کرٕمٕژ چھِ اندرٕ کمرِ منز چھِ ساز سنطور بجنٛج آواز دراٗمٕژ۔ سأری اہلہِ کار چھِ حأران سپدی ہٕتی اماپوٚز زیٚیلہِ تمو کمرس اندر دأخل گژھتھ ساز بجان وُچھ تم گئے زیادے حأران تہٕ یہے شٮ۪چھ واتناوکھ بڈٕس افسرس تام۔ یتھوی تمی یہنزِ کرامأژ ہنٛدِ چمتکارِچ خبر بوزٕ سہ آو پانے تہٕ ہیژن خواجہ صأبنؒ معأنی۔ یمن ہنزِ یہِ کرامت چھِ از تام لوٗکن منز مشہور۔ خواجہ صأبن ہنٛد یمہِ بأتچ زان تہِ چھِ بےشمار لوٗکن۔

ساز سنطور دہریئے در شریعت نو چھیے
عاشقن تی بس چھیئے یارٕ گرٛھوو دِویئے

حبہٕ خوتون ہنٛد یوسف شاہِ چکس ستی نِکاح سپد نہٕ پتہٕ دوشوٕنی ہنٛدی کارنامہٕ گاشراونہٕ بروٗنٛہہ روزِ کا کپور علاقچ اہمیت موضوعہ لحاظہٕ بیان کرٕنی مُناسب، لہٰذا پیٚیہِ أ سکس علاقِہٕ عنوانس تمیٚک تذکرٕ کرُن۔

# ٦۔ کاکپور گامچ توٲریخی اہمیت

پرگنہٕ چھراٹس منز چھُ کاکپور پتھ کالہِ خاص توٲریخی حیثیت تھاونہٕ
ءکنہ سبٹھاہ مشہور اوسمُت۔ تمہِ وقتہٕ چھُ یہِ اتھ مچھی پورہ تحصیلس منز تتھ پتہٕ
راجا اونتی ورمن ہٕندِس ناوِس پتھ اونتی پورہ ناوپیو، شاٲمل اوسمُت۔ تمہِ
پتہٕ چھُ یہِ بوٚڈ علاقہ پلوامہ تحصیلس ءستی رَلاونہٕ آمُت تہٕ کمی کینٛہہ کال
بروٚنہہ آو یہِ واریاہَن أندی پٔکی گامن ہُنٛد تحصیل صدر مقام بناونہٕ۔ پتھ
کالہٕ چھُ کاکپور دریائے جہلمہ کہِ برکتہٕ اکھ مشہور تجارتی مرکز مانتہٕ یوان
اوسمُت تکیازِ آبی ٹرانسپورٹ یانے ناون ہنٛدِ ذریعہ سفر کرُن تہٕ مال
سارُن چھ زیادٕ اپاری سپدان اوسمُت۔ نیوہ پپتھ چھُ کاکپور یہوے پانٛژ
شئے کلومیٹر دوٗر۔ ژٕندٕ ہورتہٕ پانپریُن گرشھُن تہِ چھُ سہل اُوسمُت تہِ زَن گو
ناوٕ تارٕ ستی اوس اکھ اِنسان دریاوٕ اَپور تٔرِتھ ہیٚکان۔ یمہِ بٹھِ ناوِ منز کھسنہٕ یا
تمہِ منزٕ وسنہٕ یوان اوس تتھ جایہ أسی کرناوبل ونان۔ کاکپورٕ دریاوس تار
دِتھ چھُ اَپارِ کنہ ٲلچہِ باغ گامہ مٔنزی پیدل پٔکتھ اکھ انسان سیدُوی کوننگ
وڈٕ رپٹھ واتان تہٕ تتھ کنی چھُ پانپرٕ تہٕ ژٕندٕ ہور بیترِ گامن منزٕ ینس گرشھُنس کمی
کال لگان اوسمُت۔ تُوارتخس اندر چھِ کاکپور گامس کاکپور شہرتہِ لکھنہٕ آمُت۔

زین العابدین بڈشاہ سٕندِس وقتس منٛز ییٚتہٕ واریاہن علاقن تہٕ گامَن زبردَس اہمیت حاصِل سپز مٕژ اَس تہٕ اوس کاکپورٕ تہِ اکھ اہم قصبہٕ قرار دِنہٕ آمُت۔ چنانچہ اسلامی تہٕ موسیقی ہنٛدی مدرسہٕ چھِ کاکپورٕ تہِ چلان آسمتی۔ محمد الدین فوق چھُ ''شباب کشمیر'' ناوِ کِس توارتخس منٛز لیکھان:

''ان مدارس میں سے چند ایک سرینگر ہی میں تھے اور گو ابوالفضل نے اور نہ صاحب تاریخ فرشتہ نے ان کا محل وقوع بتایا ہے تاہم قیاس یہ کہتا ہے کہ یہ مدارس نوشہرہ کے قرب وجوار میں ہوں گے''

ابوالفضلہ سٕندِ قولہٕ مطابق چھِ بادشاہ سٕندِس دربارس منٛز ایرانی تہٕ تورانی موسیقار تہِ موجود آسمتی یِمو منٛز کینٛژھو کٔشیرِ منٛز مدرسہٕ کھولنٕچ کام چھِ کٔرمٕژ۔ لہٰذا چھِ یہِ اکھ حقیقت زِ کاکپورس منٛز تہِ چھُ دینی مدرسہٕ علاوٕ موسیقی ہنٛدِ ہیچھناونُک مدرسہٕ چلان اوسمُت۔ حکومتن ہنٛدس لوٗکن تام واتنَس منٛز چھُ کاکپور تہِ اکھ اہم مرکز رودمُت۔ دریاوٕ یپارِ کیٛن لوٗکن ہنٛدِ خاطرٕ چھِ عوامی دربار کاکپورے لگان آسی مٕتۍ۔ اتھ علاقس متعلق مزید کتھ دریافت کرنَس دوران ییٚلہِ مےٚ پانپرٕکس اَکِس بہلہِ پایہِ ماہر تعلیم محمد منٛیر شاہ صابَس نشہِ ''نامہِ کاکپور'' گتھِ ہُنٛد موٗل زانُن یوٗژھ تمو کوٚر مےٚ کینٛہہ دوہہ گرٕھتھ پننٕہِ نِس اَکِس کاکپورٕکِس دوست عبدالرحیم بزازٕ سُنٛد سُہ خط حوالہٕ یُس تِمی کاکپورٕکِسے اَکِس ممتاز ماہر تعلیم غلام محی الدین پنڈت صاب مرحومہٕ سٕندِ حوالہٕ لیوٚکھمُت اوس تہٕ ییٚتھ اندر

کا کپوٗرُک پتھ کال مختصر پاٹھی ویژھناوِتھ اوس۔ امہِ خطچہِ عبارٔژ ہُند ترجمہٕ چھُ نومَن لفظن منٛز پیش۔

''چک حکومتس دوران ییلہِ کشیرِ اندر افراتفری ہُند ماحول پادٕ سپدان روٗد تہٕ منٛزی منٛزی وٕژھ شورِش تہِ، یمہِ کِنۍ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صابن ہنٛزِ سربراہی منٛز خاص نفرن ہندِس أکس وفدس اکبر بادشاہ ہٕندِس دہلی دربارس منٛز گژھُن پیو۔ توت وأتِتھ آو شہنشاہِ کشیر ہندٕ ین بدٕتر حالاتَن متعلق باخبر کرنہٕ۔ یتھٕ کِنۍ میجۍ بادشاہَس ہمت تہٕ روٗد کشیرِ پننِس قبضس منٛز اَنہٕ نچ کوٗشِش کران۔ أخرس ییلہِ یوسف شاہِ چک اکبر بادشاہَن پانَس نِش بُلأوِتھ نیو تہٕ گرفتار کوٗر، کشیرِ پیٹھ پوٗرٕ قبضہٕ جماونہٕ خأطرِ آو فوج سوزنہٕ۔ خامپور سرائے وٕڑ ریپٹھ آیہِ کاکپورس کُن توپھ چلاونہٕ تکیازِ تہِ چھُ پتہٕ وَتھ پیٹھے بادشاہَن ہنٛدی دربارگان أسۍ مٕتۍ یمہِ خأطرہ وارِیاہ سرکارٕ عمارٕژ کاکپورس منٛز بٕنِتھ چھِ أسمٕژ۔ یوسف شاہ چکن تہِ چھُ اَتہِ یہِ دپِ زِ تہٕ منی سیکریٹریٹ ہیوٚ دفتر سجأوِتھ اُوسمُت تہٕ أومت یتھ اندر عوأمی دربارگان چھِ أسمٕتۍ۔ لہٰذا یمنے سرکارٕ عمارٔژن بیترِ وڈاونہٕ خأطرِ أسۍ توپھن ہنٛدی دہانہٕ کاکپورس کُن پھِرنہٕ آمٕتۍ۔ دپان ییلہِ پتہٕ سِپہ سالارن نشہِ کاکپورکۍ حالات دریافت چھِ آمٕتۍ کرنہٕ تِہُند جواب چھِ اوسمُت ''حضور تتہِ رود فقط نامہِ کاکپور، تِمہِ گیہِ سأرۍ سۍ کھنڈر'' یتھ کتھِ ننہٕ کرُن روزِ مُناسب زِ حال حالے چھِ کاکپورٕ زمینہٕ ہنٛز کھدأیۍ

دوران واریاہ پرأنی تۄأریخی نِشانہٕ بیترِ ٔنی درأمتی یِمن منٛز بجہِ بجہِ کنہٕ تہٕ بیٚیہٕ اکھ مٔشید شأمل چھِ۔ محکمہ پولٹری ہنٛدِس فارمہٕ کِس صحنس منٛز چھِ مسجد شریف موجود تھاونہٕ أمٕژ۔ یۄ تامتھ خامپورسرائے گامُک تعلق چھُ نیوہ گامہٕ چہِ وڈرمٔنزی چھُ اَتو تھ تام الہٕ پلہٕ شٔبن کلومیٹرن ہُند فأصلہٕ۔ خامپور گام چھُ تحصیل چاڈورہ تہٕ ضلع بڈگامس منٛز شأمل۔ دَپان مغل بادشاہ جہانگیرن أس اَتھ گامس منٛز باہن کنالن زمینہٕ پیٹھ دوطرفہٕ سرائے تأمیر کرٕنأوہٕمٕژ یِمہٕ کِنٛ اَتھ خامپورہ سرائے وَننہٕ چھِ یوان۔ اَتھ سرائے ہٕستی چھِ اکھ لوکٹ موکٹ مسجدِ شریف تہٕ تأمیر أمٕژ کرنہٕ۔ اماپۄ زاز کل چھ سرائے تہٕ مٔشید دوشوے خستہٕ حالتس منٛز تراونہٕ أمتی۔ اَصل کتھ چھِ یہِ زِ خامپور سرائے گام چھُ کشمیر ہنٛد بن بادشاہن بیترِ نیبرِ پیٹھ یورینہٕ کِس سفرس دوران تِمن ہنٛدِ اِستقبالُک یا سفیرن تہٕ قأصدَن ہٕستی ملاقاتُک اکھ خاص تأریخی پڑاو رٕوٗدمُت۔

تۄأریخس منٛز چھُ ''خاندان بٹ کاکپوری'' موضوعس تحت بٹ قومہٕ کٕبن اہم شخصن ہُند ذِکر کرنہٕ آمُت۔ امہٕ قومُک گوڈنیُک حأکِم نوعیتُک شخص چھُ ہٕبہٕ بٹ عرف ملک سیف الدین بٹ اوسمُت یِمۍ سلطان سکندر ہٕنٛدِس زمانس منٛز اسلام اوس قبول کۄرمُت۔ یوسف شاہِ چک ہٕنٛدِس دورِ حکومتس منٛز چھِ زٕ ناماوار شخص محمد بٹ تہٕ حسین بٹ أسۍ مٕتی۔ محمد بٹ چھِ سپہ سالار اوسمُت۔ اَمی چھِ اکبر بادشاہَس کشیرِ پیٹھ گرٕ یِمتس

گوڈنکس حملس منز شکست دِژہ مژ۔ یہ چھُ کشیر ہُند وزیراعظم تہٕ رُ دمُت تہٕ اکبر بادشاہ سٕندِ یوسف شاہِ چک گرفتار کرنہٕ پتہٕ چہٕ وُژھ مژ شورش چھِ امی پننہِ اَثر رسوخہٕ سٟتی رفع دفع کرناوِ مژ۔ یُدوے بٹ خانداٗنکی لوٗکھ شہرِکین مختلف حِصن منز بسنہٕ باپتھ گامٕتی چھِ اماپوٚز یہندی آباو اجداد کاکپورکی آسنہٕ کِنی چھِ یم کاکپوری بٹ ناوٕ سٟتی مشہور۔ غلام محمد بٹ کاکپوری سُند زیُوٗٹھ فرزند نور محمد بٹ چھُ سرینگرکس مہاراج گنجس منز ''نور محمد تاجران کُتب'' ناوٕ سٟتی مشہور اوسمُت۔ دوٚیم فرزند غلام رسول چھُ امیرا کدلہٕ کس مایسمہٕ بازرس منز کتابن ہُند تجارت کران اوسمُت۔ ترٚیم فرزند غلام حسن اوس امیرا کدلس منز انڈین بوٹ ہاوسک مالِکھ تہٕ ژوٗرِم فرزند غلام جیلانی چھُ بھارت بوٹ ہاوس چلاوان اوسمُت۔

# ۷۔ حبہٕ خوتونِ ہُنٛد دوٛیم نکاح

حبہٕ خوتونہِ تہٕ یوسف شاہِ چک دوشونی ہنٛز ازدواجی زندگی متعلق تِمنے کتھن پھیوٚر دیُون یِمہٕ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ اندازٕ مختلف تواریخن منٛز لیکھنہٕ چھِ آمژٕ، روزنہٕ کُنہِ خاص آگرُک حوالہِ نہ آسنہٕ کِنۍ مُناسِب تِکیازِ پنہٕ نِس زمانس منٛز چھِ سہٕ مورخو تہٕ تذکرنویسو یہٕ ڈٔپی زِ تہٕ گال کھالتس ترأومژٕ۔ تہنٛزِ امہِ گُم نأمی ہُنٛد چھ ناجایز فایدٕ تُلنہٕ آمُت، یِمہٕ کِنۍ ڈٔلیلہٕ وٚنن والین تہٕ کتھِ گُتالین پننِن دِنا سیری تہٕ فتارتھ وِننٛک موقعہ میولُمت چھُ۔

بہرحال حبہٕ خوتون ہنٛد کٔشیرِ ہنٛز پادشا بائے بنٛنک بوٚڈ وجہہ چھُ أمِس خوتونہِ ہُنٛد پتہٕ بجبر۔ پروفیسر بشٓربشیر چھِ پنہٕ نِس تحقیقی مقالس منٛز اکھ شروپُن لایق تبصرٕ یِمہٕ اندازٕ منٛز پیش کران ”مختلف محقق تہٕ مورخ یُدوے یہٕ کتھ عام پأٹھی اِظہار چھِنہٕ کران مگر تہنٛدی تصنیف پٔرتھ چھُ یہِ سیٚو دنِنان زِ ذہنی طور کیاہ چھُ تِمی یہٕ کتھ مانٛس تیار زِ یوسف شاہچک کیاہ اَنہِ ہے کأنسہِ وتہِ پٔتھ چہٕ غریب کورِ تہٕ بناوِہس پننی مٔلی کأنۍ۔ سہٕ ہیکہِ ہے تَس پننی رأنی بناونہٕ روستے تہِ پننی کنیز بنأوِتھ۔ محض اکھ گون واجینٛز یا ژن واجینٛز زنانہٕ کیاہ ہیکہِ ہاتِتھس پادشاہ سنٛز رانی بٔنِتھ یِسنٛدی حالاتِ زندگی

پُرتھ اکھ خاص توٗثُر ووتلان چھُ، چھُنہٕ کُنہ تہٕ تحقیقی ذیٖہنس شروٗمُت۔

اَتھ برعکس چھُ حبہٕ خوتوٗنِ ہُنٛد سُہ خاندأنی بجر امہِ کتھِ ہنٛز ضمانتھ بنان

یُمہِ کنٛی یوسف شاہ چک تَس پننٛی رأنی چھُ بناوان۔ سُہ نہ ہیکہِ ہے تسنٛز کنیز

بنٛتھ نہ تسنٛز دائے۔ اتھ ستی ستی سپدنہٕ یوسف شاہَس اتھ سلسلس منٛز

کھنٛی مخالف، بلکہ آسہٕ ہن ضرور یوسف شہس امہِ ستی واریاہ سیأسی فایدٕ

وأتی متی یمیک اندازٕ میأنی پرن وألی پانے کرِتھ ہکن''۔ بہر حال مہجورن

تہٕ عبدالاحد آزادن چھُ پننٛن پننٛن شعرن منٛز حبہٕ خوتوٗنِ ہُنٛد اُخری

خودمختار بادشاہ محمد نصیرالدین یوسف شاہِ چک سنٛز ملِکأنی آسنُک اِظہار

یمہِ آیہِ کوٚرمُت۔

دوہہٕ اکہِ ژندہارِ گرٕیسی گرِ زایَس

بختن بناوُس بادشاہ بائے

تتھ شأہی منٛز تہٕ کھوژس خُدایس

یاوَن رایَس چھُنہٕ میأنی مائے

آزادن چھُ وونمُت۔

گرٕیسی کوٚر اُس ژندہارِچ زوٗن

شاہ یوسفنٛی معشوق حبہٕ خوتوٗن

گاٹہٕ جارَن گرِ سُہ نامدار ویٚسی ییے

نیری چھاونہِ گُل تہٕ گلزار ویٚسی ییے

البتہ چھُ رسولؔ میرس ژٔنڈ ہارِ چ زون وَننہٕ بجایہِ قندٕ ہارٕ چ زوٗن زیو پیٹھ آمُت، اگر ہناہ سوچوتیلہِ چھِ قندٕ ہار حبہٕ خوتوٗن ہنٛدِس بڑٕ بوڈی بَب سٕنٛدِس ماتامالس کُن اِشارٕ کران۔ باسان چھُم قندٕ ہارٕ چ زون تہٕ چھ أمِسے اُوسمُت وننہٕ یوان۔

گوڈنکس کھاندار سید کمال الدین صاٛب نِشہٕ موکلاوِتھ ینہٕ پتہٕ روز حبہٕ خوتون ژٔنڈ ہار کِسے گرِس منٛز تکیاہ زِ ماجہِ یتیم آسنہٕ کِنۍ أس تَس مالنۍ وِہڑھے گامٕژ تہٕ ییٚہ یمن کتھن پیٹھ تَس سورُوی ماتامال پۆکھ خاص گرتھ مامنۍ، ماہتر ییٚنہِ تہٕ پانہٕ تہنٛد کھانداریُس تِمس ماہتُر بوئے تہٕ اوس، بیزار أس سپدی ٕمتی تمیٚک وولٕتہٕ اثر اوس گوڈے تہنٛدِس مالنۍ گرس پیٹھ تہٕ پیٚوٗمُت۔ پننہِ گرٕی متہِ بےٚ بیم تہٕ گر رہواجہٕ نیبر وۄہارٕ چہ کتھِ بوزِتھ آسہِ ہا مأژس ماجہِ ہنٛدِس گھرس منٛز تہِ حبہٕ خوتونہِ خلاف نفرت بڈٕہمژ۔ چنانچہ یوسف شاہ چک بادشاہ سُنٛد دربارٕ یہٕ زَن بروٚنٹھے بیان آوکرنہٕ، چھُ کاکپورٕ تہِ لگان اوسمُت لہٰذا آسہِ ہاسہٕ أندی پٔکی کیٚو حالاتو نِشہٕ باخبر کرنہٕ یوان۔ باقی یہِ وُنُن چھ عانہِ بکواس زِ ''حبہٕ خوتون کیاہ أس پننہِ کونگ وارِژورڈ دوان تہٕ مقام عراقَس پیٹھ گیوان زِ یوسف شاہ دڑاواپارٕی۔ سہٕ گوأمِس پَتھ فلواتہٕ اَننوُون اوہند رٔون۔ تِمس دِتن پانژھ ساس دِرہم تہٕ طلاق دیاوِتھ گرِن پأنس نیتھری''، پٔننۍ شرم تِلتھ تھون والنبن چھُ بیاکھ اَکھ ڈلیلہِ گۄر حبہٕ خوتونہِ تہٕ یوسف شاہِ چکس پانہٕ وأنی جذبأتی شاعرانہٕ کلام کرٕناوان ''سوندرَ اچھِ

دزاہِ چھلِتھ تہٕ چھوٚکتھ رود ما وأللبس لونتہٕ لو۔ پادشاہ ہم دِل صاف تھأ و یو تاپھےٚ کرِ ہَس لونتہٕ لو‘‘ تمہ زمانچہِ أسنہٕ کتھے، ہرگاہ یِمہِ زمانہٕ تہٕ کاتھہ وَلہٕ ویریاؤ زیر کُنہِ گامہٕ کنٕز پکہٕ تہٕ پتہٕ پیٚیس کأنسہِ خوش شکل کورِ کُن نظر، اِد سُو أسی تن غریب کوری، گامہٕ واللبن پےٚ لگنچ چھیٚس تأر، تہٕ تھس حالتس منٛز اگر سہ ژٕلنچ کوٗشش کرِ تہٕ نَل اُستخان تھاونس پھُٹرأ وِتھ۔ سأری رَشادتھ وٕنٕز گرٕ ہس مُشتھ۔ لہٰذا أچھی مُچھ ٹُوٗتھ کأنسہِ ہُنٛد دامانہٕ چھلُن تہٕ چھ بوڈ گوٗ ناہ۔

عقلہِ کأم ہینہٕ سٟتی ہیٚکو أسی اصلیتھ نٕز کڈِتھ تہٕ زَن گوشرح مطأبق یِمس زنانہِ طلاق چھُ پیٚوان یا بیٚیہ کُنہٕ طریقہٕ نِکاح چھُ پھُٹان یا خاوند مٔرتھ گژھان چھُ، تِمن صورتن اندر چھُ تِمس زنانہٕ أکس گھرس منٛز اَکھ قلیل مُدت تہٕ تھ عدّت ونان چھِ، گُذارُن پیٚوان۔ امہِ حسابہٕ تہٕ تھوٗی تَس ترےٚ حیض ختم سپدَن تِمی سُنٛد نکاح بیٚیس مردس سٟتی کرُن چھُ جأیز مانہٕ یِوان۔ یوہے اصول نظرن تَل تھأ وِتھ تہٕ بیٚیہ پابندِ شرح سیّدن ہنٛد باہمی صلاح مشوٚرٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ حبہٕ خوتونہِ ہُنٛد نوٚ وِ نکاح کشیرِ ہٕنٛدِس سلطان محمد نصیرالدین یوسف شاہس سٟتی انجام دِنہٕ آمُت۔ ووٚنی یوٚ تامتھ یِمن دون ہنٛز امہِ وقتہٕ وأنس آسنٛگ تعلق چھُ، محمد الدین فوقؔ چھُ پنٕنہٕ نِس تصنیف ’’خواتین کشمیرس‘‘ منٛز یوسف شاہ سٕنٛز وأنس ۲۸ تہٕ حبہٕ خوتونہِ ہنٛز ۱۸ اپٕھٹھ ۱۹ اؤری لیکھان۔ اَتھ أہندِس وأنس وٕنِس منٛز چھِ بوزوےٚ تہٕ صداقتھے

باسان تہٕ زَن گوٚتھ کُنہِ زِشرح مطابق یتھوٚی نێچوٚ اَرداہوٗ ہرتہٕ کوٗرژوداہ وٗرِش سپدِ، کھاندر چھُک کرُن۔ سیّد خاندانٕچ کور آسنہٕ کنہٕ آسہ ہاحبہٕ خوتونِ ہنٛز وأنس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕشراہ وٗری یێلہِ تَس پنٛنس ماموٚرِس بأیس سید کمال الدینسؒ ستی نِکاح سپدُمت اوس۔ أکس دوٚن وٗرین آسہِ پانہٕ وأنی خاندانی رِشتہٕ آسنہٕ کنہٕ دوشوٚے طرفو صبرس کأم ہێنہٕ أمٕژ۔ فوٚق چھُ ونان زِامہِ پتہٕ گر حبہٕ خوتونِ ژوداہن وٗرین شاہانہٕ زندگی بسر۔ بہرحال یتہِ یوسف شاہِ چک بہٕ قولِ قاضی ظہورالحسن ناظم (بحوالہٕ نگارستانِ کشمیر) دیوانگی منٛز رحمتہِ حق سپُد تہٕ ڈاکٹر صابر آفاقی (بحوالہٕ تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں) تہٕ بێیہِ بہٕ قولِ محبّ الحسن (بحوالہٕ کشمیر سلاطین کے عہد میں) تِمس حبہٕ خوتونِ ہنٛز جدأیی تہٕ پنٛنہِ مأری مُندِ وطنٕک دوربرستیچہٕ ٹلان روٗد سُہ سپُد حواس باختہ تہٕ دراوأتھی حالتس منٛز 1592 عیسوی کِس وٗریس منٛز یمہِ دُنیاہہٕ، اکہِ اندازٕ مُطابق چھِ امہِ وِزِ تسنٛز وأنس پانٛژاہ وٗری علاوہ أسمٕژ۔ ملکہ حبہٕ خوتون تہِ چھِ اٹہٕ سٹہٕ پانٛژٕ وٗنزاہ وٗری وأنس گزارِتھ رحمتِ حق سپٕزمٕژ۔

چنانچہِ ئوس دریافت گری متِس "گلستان کشمیر" ناوِکِس توأرِکھس منٛز چھُ حیدر چک حبہٕ خوتونِ ہُند نێچوٚ ہاونہٕ آمُت۔ البتہ کینٛژھن مورخن ہندِ ونٕنہٕ مطابق چھُ یہِ یوسف شاہِ چک سُند دوٚیم نێچوٚ۔ پتھ روٗدی یوسف شاہِ چک سنٛدی ترٛے نێچوٚی یعقوب شاہ، ابراہیم شاہ تہٕ قاسم شاہ یمن متعلق

توأرتخس اندر یہِ ڈٲپِ زِ تہِ اِنتشار چھ پاۍ د آمُت کرنہٕ تہٕ زَن گواکھ پرَن وول چھُ یہِ وَننہٕ خاطرٕ مجبور گژھان زِ ییٚلہِ نہٕ یم تریٚشوٚے اکھأ کس کہنٛ واتن تیٚلہِ کُس کسُند چھُ۔ بہر حال کتھن ہُند نبر کرنہٕ ورأے چھِ اصلیتھ زانٛنۍ سبٹھاہ دُشوار۔ حبہٕ خوتوٗن ہنٛز زندگی تہٕ شُرہن بأژن متعلق تفصیلہٕ سان بیان چھُنہٕ تمہِ وقتہٕ کِہن توارتخن تہٕ تذکرن اَندر کُنہِ جایہِ نظرے گژھان۔ لہٰذا چھِ پیوان تمہ کینٛہہ کتھِ غنیمتھ زانٛنہِ یمن ہُند اِظہار ''گلستان کشمیر'' کہِ حوالہِ پتھ کُن کرنہٕ آو تہٕ بیٚیہِ اَتھ ستی شأمل کٔرۍ متِس شجرٕ نسبَس منٛز یم تہِ انکشافات درج چھِ تمن ہنٛز رأچھی کرٕنۍ تہٕ تم رٔژھرأوِتھ تھاوٕنۍ چھُ سون فرض، چونکہ یوسف شاہ چک تہٕ حبہٕ خوتون دوشونۍ ہُند کٲشیرِ پیٹھ راجتھ کرنَس ستی شاعری تہٕ موسیقی ہنٛزِ فنکأری منٛز اکھأکی ہندِ کھوتہٕ ووستاد بنُن تہِ چھُ اکھ سُہ موضوع یتھ پیٹھ وکھرٕ پأٹھی مختصر وضاحت کرٕنۍ روزِ مناسب۔

# ۸۔ دوٚن بأژن ہنٛز بادشاہت تہٕ شاعری

یوٗتامتھ یوسف شاہ چک سُنٛد تعلق چھ سُہ اوسنہٕ فقط اکھ مہذب پادشاہ ییٚمۍ سُنٛد دِل صاف تہٕ شفاف چھُ اوسمُت بلکہ اوس سُہ اکھ عالم، شاعر تہٕ موسیقی ہُنٛد ماہر تہِ۔ پننہِ پادشاہتُک اعلان کوٚر تٔمۍ نصیرالدین محمد یوسف بادشاہ غازی لقبہٕ سٟتۍ۔ سُہ اوس عاشق مزاژ، اماپوٚز تیوٗتاہ نہٕ کینٛہہ یوٗتاہ مغل بادشاہ خاص کٔرتھ جہانگیر تہٕ شاہجہان آسۍ مٟتۍ چھِ۔ اکھ خوب صورت زنانہٕ مہرالنساء پننہِ شاہی محلچ رأنی بناونہٕ خاطرٕ مارناو جہانگیرن تِہنٛد خاندار شیر افگن یُس بنگالُک گورنر اوس۔ یوسف شاہ چک سنٛدِس ذاتس خلاف چھِ تِتھ زمانس منٛز زبردست مُہم چلاونہٕ آمٕژ، مغل حکمرانن تہٕ بیٚیہٕ تِہنٛد بن وفادار مورخن تہٕ تذکرٕ نویسن ہنٛز کأم آس تِمس ناوکڈٕنۍ تہٕ سُہ یوٗتاہ پلہٕ تیوٗتھاہ لوٗکن منٛز بدنام کرُن۔ یہے وجہ چھُ زِ تِہنٛدِ دورٕچن حقیقژن چھُنہٕ زأنتھ مأنتھ نَنہٕ کرنہٕ آمُت تِلکیاوِ زِ تہٕ کرنہٕ سٟتۍ لگہِ ہاتِہنٛدِس اَتھ اپزس دھچکہٕ۔ چنانچہ "واقعاتِ کشمیر" کتاب اَندر چھِ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری اکہِ لڑایہِ ہُنٛد حال بیان کرنہٕ سٟتۍ تِہنٛدِ بہادر حکمران تہٕ لوٗکن ہُنٛد ہردل عزیز آسنُک ثبوت پیش کران۔ امہِ لڑایہِ ہنٛدِ انجامُک خلاصہٕ

چھ یمن لفظن منز لیکھنہٕ آمت:

''اس طرح یوسف شاہ نے دوسری مرتبہ شاہی طبل بجایا اور سرینگر کا رُخ کیا جو پایۂ تخت تھا۔ جب وہ موضع ہارہ تب جواب ہارہ ترٹھ کے نام سے مشہور ہے، پہنچا تو اسے معلوم ہوا کہ گوہر شاہ، یوسف شاہ کے راستے کے بارے میں پوچھ گچھ کر رہا ہے۔ آخر یوسف شاہ موضع برتھنہ پہنچا۔ شہر سرینگر کے لوگ کیا چھوٹے، کیا بڑے، کیا پیر، کیا جوان، جوق در جوق یوسف شاہ کے استقبال کے لیے آنے لگے۔ اس سے قبل ملا محمد امین مستغنی ''لسان الغیب'' نام کے دیوانِ حافظؔ سے فال نکال چکا تھا اور یہ مصرعہ برآمد ہوا تھا۔

یوسف گم گشتہ باز آید بہ کنعان غم مخور

اس کا دوسرا مصرعہ ہے

کلبۂ خزان روزے گلستان غم مخور''

محبّ الحسن چھِ پننہِ ''کشمیر سلاطین کے عہد میں'' ناوچہِ کتابہِ اندر لیکھان زِ شاہمیر تہٕ چک خاندانٔن ہنٛد بو ساریوے حکمرانو اوس پننہٕ ننن ناون ہتی 'سلطان' لقب اختیار کوٚرمت۔ یوسف شاہِ چکس متعلق چھُ یہِ مورخ لیکھان زِ سُہ اوس تمام سلطانن ہنٛدِ زمانہٕ کِبن حکمرانن منٛز سائری وے کھوتہٕ زیادٕ مذاقہِ وول، سُہ اوس سیٹھاہ خوبصورت آسنہٕ علاوٕ موسیقی ہنٛدِ

فنگ ماہرتہٕ بیٚیہٕ اکھ نامہٕ ور گونہٕ ماتھ تہٕ۔ سُہ چھ گیون والین، گونہٕ ماتن تہٕ عالمن ہُند سرپرست تہٕ رُدمُت۔ شاعری ہندِس ماحولس منز چھِ چک خاندانس ہِتی تعلق تھون والیو پادشاہو منزٕ حسین شاہ تہٕ یوسف شاہ دوشوے بہلہٕ پایکی شاعر ماننہٕ آمتی۔ یوسف شاہ چک چھُ اکھ خوش گُفتار شاعر تہٕ فنکار آسنہٕ علاوٕ مختلف زبانہٕ زانان اُوسمُت۔

محمد الدین فوق چھ "تاریخِ بڈشاہی" ناوِکس تصنیفس اندر لیکھان:

"چک خاندان کے بادشاہوں میں یوں تو سب اہل علم تھے لیکن چند ایک ان میں شاعر بھی گزرے ہیں۔ حسن شاہ چک (وفات 977ہجری) کے دوشعر حسبِ ذیل ہیں۔

حماں کردہ تیغ و بستہ خنجر یار مے آید
دلا برخیز کارے کن کہ جان در کار مے آید

آں ترک آل پوش سوار سمند شد
یاراں حذر کنید کہ آتش بلند شد

یوسف شاہ چک (986ہجری) فارسی و کشمیری دونوں زبانوں کا شاعر تھا"

اکبر بادشاہٕ سندِس دربارس ہِتی تعلق تھونہٕ کہِ وجہہٕ کنی چھُ ممکن زِ تس آسہِ ہاہندی زبانٕی منز باتھ ونہٕ ہنٛز دلچسپی پأدٕ سپزٕمژٕ۔ شاہمیری تہٕ چک خاندانٕنِ ہنزٕن حکومژن دوران رُود کأشرِن ہُند زیادٕ پہن توجہہ تصوف

تہٕ مأری فنس کُن ۔ یِمنے وقتن منٛز چھِ کشیرِ اندر حضرت مخدوم حمزہؒ، حضرت
بابا داوٗد خاکیؒ، حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ، حضرت بابا علی رینہ شیخ احمد چاگلیؒ
تہٕ بیٚیہٕ حضرت خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ ہوٚی بزرگانِ دین حیاتی منٛز موجوٗد
اٲسمتؠ ۔ ابوالفضل مورخہٕ سُند گف چھُ:

''مکاتب موسیقی ایران وتوران کے موسیقی دانوں کے وسیلہ سے
کشمیر میں متعارف ہوئے۔ سلطان زین العابدین کے عہد میں ملّا عودی
خراسانی کشمیر آیا اوراس نے ایرانی موسیقی کی تعلیم دی۔ وہ زبردست ماہر
موسیقی تھا''

چونکہ کٔشیرِ منٛز چھِ اِسلام واتنہٕ بروٚنٛہہ سنسکرت زبان رأئج اٲسمٕژ
ییٚلہِ زن پتہٕ فارسی زبان عام بول چال کرنُک ذریعہ چھِ بنیمٕژ ۔ یِمن دوٚن
زبانٔہن ہٕنٛدِ رلہِ مِلہٕ گرٛھنہٕ ٲسی چھِ بیا کھا اکھ زبان وجوٗدس آمٕژ ۔ تتھ کأشر
زبان ناو چھ پیٚومُت ۔ چنانچہ سنسکرت زبأنؠ منٛز لیچھمٕژن کِتابن سٕپُد
فارسی زبأنؠ منٛز ترجمہٕ تہٕ امہِ زبأنؠ ہُنٛد ادب پوٚک واریاہ بروٚنٛہہ ۔ حسام
الدین راشدی چھِ ''تذکرۂ شعرائے کشمیر'' ناوِ کِس تصنیفس اَندر لیٚکھان:

''فارسی ادب میں اِس خوش قسمت خطے کے متعلق جتنا کچھ کہا گیا
ہے اور جتنا کچھ اس کو سراہا گیا ہے۔ جہاں تک راقم کی معلومات
ہیں کسی اور سرزمین یا ملک کے لیے نہیں کیا گیا ہے۔ کم از کم فارسی
ادب میں یہ مرتبہ اور مقام کسی اور ملک کو حاصل نہیں ہوسکا ہے۔

کشمیر پر کہی ہوئی تمام منظومات کو اگر یکجا کیا جائے تو یہ ذخیرہ حجم
کے لحاظ سے حضرت سعدی کی پوری ادبی تخلیق اور اثاثے سے
یقیناً دوگنا ہو جائے گا''

چونکہِ یِیمہِ حقیقتُک چھُ گوڈے اِظہار کرنۂ آمُت زِ چک خاندانک
پادشاہ یوسف چک چھ حسین شاہ چکس پتۂ دوٕیم مشہور شاعر مانۂ آمُت
یُس مختلف زبانۂ زانان چھُ اوسمُت۔ پیر غلام حسن کھویہامی سُنڈ گُف چھُ
''طبعے موزون داشت، اشعار فارسی و ہندی و کشمیری بدلیہ می گفت'' محمد
الدین فوق چھِ ''تاریخ کشمیر'' ناوِ کس پنۂ نِس تصنیفس اندر نومن دون
بأتَن ہُنڈ حوالہِ دِوان ونان ''خود بھی موزون طبع رکھتا تھا اور عموماً فی
البدیہہ اشعار کہتا۔ فارسی۔ کشمیری دونوں زبانوں کا اچھا خاصہ شاعر تھا۔
یہ اشعار اسی کے طبع زاد ہیں'' ۔

دل پر درد من جاناں بسان غنچہ پر خون است
چہ بے رحمی نہ پرسیدی کہ احوال دِلت چوں است



لیلیٰ حمارہ را بر مجنون بہ خود نہ راند　　زور کمند جذبہ معجز نمائی اوست

یوسف شاہِ چک سُنڈ لوہر چک سنزِ بغأوژ ہنڈِس موقعس پیٹھ ابدال
بٹ نِس بوے سندِس خطس بأتن منز جواب چھ تہنز شاعری ہنزِ نمونۂ رنگی
پیش ۔

چہ می گوئی اے گرگ ابدال رنگ
بہ ترسانی از آب دریا نہنگ

غضنفر بصد فر بر آورد سر
حذر کن نہ روباہ بازی گزر

تو بودی کشا ورز آبائے تن
کشا ورز را کے سزد جائے من

بشمیر و ترکش ترانیست کار
کشاور را با دلیری چہ کار

نژادہ منم دیگراں زیر دست
بہ پور علی شاہ کہ آرد شکست

تو از مکر خود سید بادشاہ
در انداختی ہمچو رستم بچاہ

پئے حربِ من لشکر آراستی
شبِ خون کناں سوئے من تاختی

تو گر ہوشیاری نہ من بے خودم
ہماں ہوشیارم ہماں بخردم

من آنگہ عنان باز پیچم زراہ
کہ یا سرد ہم یا ستانم کلاہ

در اندازہ من غلط بودئ
کہ بازوئے جنگم نہ پیمودئ

خدا وند ملکم بہ پیوند خویش
مشو حامی اندر خداوند خویش

تو کہ برگ ساکن کنی بادرا
ہراسانی از صید فولاد را

کسے کو زند برمن ابرگرہ
کفن بہ کہ پوشد بجائے زرہ

زکہ دان خود سر برافراختی
بمیدان مردان قرس تاختی

بداں تا ہم برزنی جائے من
ستانی زمن ملک آبائے من

تو از من چہ نرم آئینے دیدی
کہ فولاد خود را پسندیدی

ترا آنچہ بایست گفتم تمام
تو دانی دگر بعد ازیں والسلام

چنانچہ یتھوی سید مبارک خان بیھؤ صائبس اِقتدارس مثر روزن

ناپسند گوٚمُت سوٚزداوٗد میرنہٕ ذریعہ یوسف شاہِ چکس یہِ خط:

شہا فقر و غنا از ما و ملک و عز و جاہ از تو

کہ دُنیا را وفائے نیست خواہ از ماو خواہ از تو

''دنیا ناپایدار است و ایام دنیا عذار، اگر دیدار یک دیگر حاصل شود، موجب صلاح و فلاح جانبین است''

یوسف شاہ چک تہٕ گو صلاح صفائی کرنس آمادٕ تہٕ پَننٮ۪ زٕ نچو یعقوب خان تہٕ ابراہیم خان داوٗد میرس ستی سید مبارک خان بیہقی صاٮ۪بس نِش سوزنس پٮ۪ٹھ سپُد تیار تہٕ پانہٕ تہٕ تمن پتہٕ پتہٕ گژھنُک کوٚرُن اراد، اماپوٚز ابدال بٹَن دیُوتُس نہٕ تہٕ کرنُک مشورٕ، لہٰذا یوسف شاہِ چکن گر پنہٕ نبن دربارٮ۪ن ہندِس وننس پٮ۪ٹھ عمل تہٕ داوٗد میر کوٚرُن باتن منز لیکھتی جوابی خط ہیتھ واپس سید صاٮ۪بس کُن روانہٕ۔

کہ خان را ندانیم ازین گفتگو | چہ باشد غرض باشد صلح جو

بما از ضرورت صفا مے کند | نہ از مہر بل از دغا مے کند

بہ بیند اگر سیف مارا بخواب | شود زہرہ اش آب از اضطراب

مورخ خلیل مرجان پوری سُند ''تاریخ کشمیر'' چھ ڈوگرٕ حکومتس منز تالیف سپُد مُت یتھ اندر حبہ خوتوٗن تہٕ یوسف شاہَس متعلق واریاہ دلیلہٕ لیکھنہٕ چھِ آمژٕ۔ حبہٕ خوتوٗن متعلق چھُ مورخن اکہِ واقعُک بیان کران لیو کھمُت زِ تَس تہٕ یوسف شاہَس درمیان سپز اکہِ دوہ

مُشکری تہٕ حبہٕ خوتوِنِ ترٲو یوسف شاہس ہِتی کتھ کرٕنی۔ یوسف شاہ دراو تارسر تہٕ مارسر وُچھنہٕ خاطرٕ دربارٕ نیبر۔ اماپوٚز توت وٲتِتھ یُدوے تَس دلکش تہٕ خوبصورت نظارٕ وُچھِتھ دِلس خوشی سپز مگر حبہٕ خوتوٗن پانس نشہِ دوٗر آسنہٕ کہِ سببہٕ رُودسہ اُداسی ہندِس حالتس منٛز تِمس بے قراری سان یاد کران۔ مورخن چھِ امیُک اوحال یِتھہٕ کٕنۍ لیوٗکھمُت:

''نقل است کہ از آنجا کہ پیوستہ ناز را بانیاز از راہِ غرور گفتگوئی لازم است، باری حبہ خاتون از یوسف شاہ مکدر شدہ ترکِ ملازمت نمودہ بود، دراں روزہا یوسف شاہ راہوسِ سیر کوہستان پہاک بخاطر افتادہ، چوں در مرغزار تارسر و مارسر کہ نام دو چشمہ سار متصل یکدیگر است رسید بمشاہدہ گل وریاحین خوشدل شدہ آغاز زمزم نمود دراں وقت یاد حبہ خاتون خار خاری بدنس انداختہ گریاں شُد و ایں شعر فراقیہ موزون کرد۔ بیت

بریادِ دو زُلفِ بُتِ کشمیر نژادی
شُد تار و مارسر از گریہ دو چشم

گاہے بسیر تالابِ ڈل و مُشاہدہ گُلزار، مست شراب و کباب و نواختن رود درباب با حبہ خاتون می بود و بسیار بار آغازِ فصلِ بہار بآن پری رخسار از شہر برآمدہ برنگی مشغول سیر و شکار و مشاہدہ گلشن و سبزہ زار و تماشای

جوئے بارو چشمہ سارمی شُد کہ بعد دیدن شگوفۂ زعفران داخل دارالامارہ می گردید۔ القصہ نبوعی دادِ عیش و عشرت داد کہ ازان باز الٰی ہذالایام "عیشِ یوسف شاہی" و "سرودِ حبہ خاتون" زبانِ زدِ عوام است۔

یُتھ تامتھ فنِ موسیقی فروغ دِنک تعلق چھُ، چکن ہندِس زمانس منز ہاو اَتھ فنس کُن سلطان یوسف شاہِ چکن خاص دلچسپی، تِکیازِ تسہ اوس پانہٕ تہِ موسیقی زانان تہٕ بیٚیہ امہِ فنک ووستاد مانٕنہٕ یوان۔ دپان اکبر ہٕندِس دربارس منز اوس تسہ موسیقی بوزنہٕ کہِ شوقہٕ اکثر گژھان، یوان روزان۔ یہِ کتھ چھِ تواریخس منز سٮ۪ٹھاہ مشہور سپز ہٕز زِ اکہِ دوہ اوس تسہ تان سین سنز کوسہٕ تام راگ غورٕ سان بوزانٕ۔ تِمس اوس باسیوٚمُت زِ تان سین چھُ غلط طریقہٕ راگ گیٚوان۔ لہٰذا کوٚر تمی فنِ موسیقی پٮ۪ٹھ ووستادِل آسنکہِ سببہٕ تھدِ جذبہٕ سان راگ غلط طریقہٕ گیونک اعتراض ظاہر۔ تان سینن یتھوی یہِ کتھ بُوز گوڑٕ وبسریو تسہ حبسہٕ تہٕ گوحٲران مگر پتہٕ پیوٚس حبس تہٕ کرن پننہٕ غلطی تسلیم۔ چنانچہ اتھ متعلق چھُ "تاریخ رشیدی" کتاب منز یہِ بیانہٕ درج سپدمُت:

"یوسف شاہ مجلس ساز نغمہ و فن موسیقی بے نظیر بود چنانچہ یک مرتبہ نادرِ زماں میان تان سین را کہ در یکے مقامات غلط کرد بود۔ یوسف شاہ تعلیم کردو تان سین مذکور قبول داشت"

مورخ حیدر ملک چاڈورہن تہِ چھُ یوسف شاہِ چک پادشاہ موسیقی

ہنٛدِ فنک عاشق تہٕ ماہر ووستاد آسنکہِ ثبوتہٕ پٮ۪ہو ے قصہٕ یمن لفظن منٛز بیان کۆرمُت:

''چوں یوسف شاہِ چک بخدمت خاقان باستحقاق پادشاہ غازی جلال الدین اکبر رفت۔ مورد مراحم گردید، ودر خلوت اکثر اوقات طلبیدہ، تفقد احوالش مے فرمودند ودر مجلسِ ساز ونغمہ کہ موسیقی بے نظیر بود۔ پادشاہ با او صحبت میداشت۔ چنانچہ یک مرتبہ نادر الزمان میان تان سین کلاونت را کہ در یکی از مقامات غلط کردہ بود یوسف شاہ تعلیم کردہ وتان سین مذکور قبول داشت''

کشیرِ منٛز موسیقی ہُنٛد وٕہار آسنٕس متعلق چھُ ڈاکٹر صابر آفاقی پنہ نِس تصنیف ''تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں'' کِس ٲخرس پٮ۪ٹھ ''مغل اور پٹھان حکمرانوں کے دور میں حالات'' عنوانس تحت لیکھان:

''کشمیر میں مشکل سے کوئی گھر ایسا ہوگا جس میں کوئی لڑکی یا لڑکا موسیقی کے فن لطیف سے نوازا نہ گیا ہو۔ یہاں تک کہ ان کے بعض بادشاہ بھی موسیقار اور شاعر پیدا ہوئے تھے۔ زین العابدین ایک اچھا شاعر تھا۔ موسیقی کا شائق اور موسیقاروں کا سرپرست بھی تھا۔ کئی موسیقار اور گانے والے اس کے عہد میں ایران، سمرقند، خراساں، کابل اور برصغیر سے یہاں آگئے تھے۔ اُن دنوں امیروں کے پسندیدہ آلات موسیقی اور تنبور تھے اور

تُنبک ناڑی پر گا کر عام طور سے عورتیں وقت گزارا کرتی تھیں۔
حسن شاہ (۱۴۷۲۔۸۴ء) کمپوزر بھی تھا اور شاعر بھی۔ وہ کشمیری گیتوں کا رسیا تھا۔ یوسف شاہِ چک (۱۵۷۹۔۸۶ء) حسن فطرت اور گیتوں کا رسیا تھا۔ وہ آواز اور ساز دونوں کا دل دادہ تھا۔ اس نے حبہ خاتون سے شادی کی، جو بے حد ذہین اور حسین خاتون تھی۔ اس نے اپنے گیتوں کے ذریعے شہرت دوام پالی ہے۔ مغلوں اور پٹھانوں نے موسیقی اور گانے کے فن کی حوصلہ افزائی نہیں کی۔ اس کی وجہ یہ ہوسکتی ہے کہ وہ کشمیری زبان نہیں جانتے تھے۔ ویسے ان کے پاس اتنا وقت بھی تو نہ تھا"۔

امہِ علاوٕ ہ روزِ یتہٕ نَس پرٛن والین ہندِ خاطرِ آلاتِ موسیقی تہٕ گوٚنچھن لہرٛن متعلق معلومات بیان کرٕنی تہٕ مُنأسِب۔ "تاریخِ بڈشاہی" ِکتاب اندر چھ "علم موسیقی اور بڈشاہ" عنوانَس تحت مصنف محمد الدین فوقؔ لیٚکھان:

"کشمیری سازندے طوطی اور شہنائی بجانے میں بڑے ماہر تھے۔ لیکن ان کے بڑے بڑے آلات موسیقی جو بڈشاہ کے زمانہ سے اب تک چلے آتے ہیں حسب ذیل ہیں: گیچک جو ہندی سارنگی سے مشابہت رکھتا ہے لیکن اس سے ذرا بڑا ہے۔ اسے ایک کمان سے بجاتے ہیں۔ ستار جو ہندی ستار سے چھوٹی ہوتی ہے۔ یہ

نہایت نفیس ساز ہے اور جب جب بجایا جاتا ہے تو چنگ کی سی آواز دیتا ہے۔ ایرانی راگنیاں جو کشمیر کے سازندوں اور مطربوں نے اختیار کرلیں حسب ذیل بتائی جاتی ہیں۔ ساگا، راست، کشمیری راست، چراغ، عراق، نوا، ریحائی، شاہ نواز، نوروز، نے ریزاور ذنگور"

بہر حال یتھ سانہِ وادی منز رُود فنِ موسیقی مختلف زمانٔن اندر مختلف منازل طے کران تہٕ برونٹھ پکان۔ اَتھ موضوعس پٹھ چھِ واریاہ کِتابہٕ تہِ لیکھنہٕ آمژٕ۔ اوتار کرشن رازدانَن چھِ پنہٕ نِس اَکس مضمونس یمیُک عنوان "کشمیر میں فنِ موسیقی...... تاریخی پسِ منظر" چھُ باقی کتھو علاوٕ لیو کھمُت:

"کشمیر میں فنِ موسیقی کے اس تاریخی پس منظر سے ہم اِس نتیجے پر پہنچتے ہیں کہ ہمارے ہاں فن موسیقی کی شاندار روایات زمانہ قدیم سے ہی چلی آرہی ہیں اور آج کل جو موسیقی ہمارے ہاں رائج ہے اس کو ہم چار حصوں میں تقسیم کرسکتے ہیں۔ (۱) صوفیانہ موسیقی (۲) ہلکی پھلکی موسیقی (۳) لوک موسیقی (۴) شاستریہ سنگیت۔

برونٹھ کُن چھِ رازدان صاب لیکھان زِ یوسف شاہ سٕنز ملکہ حبہٕ خوتون اَس نہٕ صرف فنِ موسیقی ستی زَبر تہٕ خاص دلچسپی تھاوان بلکہ اَس تَس تہِ امہِ فنچ ووستادِل حاصل سپز مژ۔ صوفیانہٕ موسیقی منز گوو نہٕ یِنہٕ وول مقام

راست کشمیری چھِ تہندٕ وی دیۆت، رازدانٕ سُنٛد مزید گُف چھُ:

"صوفیانہ موسیقی کے مقامات بے حد رسیلے اور مدھر ہیں۔ کہا جاتا ہے کہ "حسینی" سے بدن کی گرمی جاتی رہتی ہے۔ جبکہ "نوا" سے ذہن کو سکون ملتا ہے۔ بعض مقام صبح، بعض بعد دوپہر اور بعض شام کو گائے جاتے ہیں۔ مقامات کے بارے میں کچھ موسیقاروں میں اختلاف رائے پایا جاتا ہے۔ ان میں سے کچھ چھتیس مقامات کو، کچھ پچاس مقامات کو اور کچھ چوون مقامات کو صحیح مانتے ہیں۔ بہرحال اس میں تحقیق کی کافی گنجائش ہے۔
صوفیانہ کلام جن تالوں پر گایا جاتا ہے، اُن کی بنیاد ایرانی ہے اور اُنکے نام یوں ہیں: ایک تال، دو یکہ تال، دوروئی، نیم ثقیل، سمادی، چپ انداز، نیم دوروئی، چمبر، مخمس، تُرکی ضرب فاختہ، دورخش، دُرشاہی، روالی وغیرہ"

فنِ موسیقی متعلق کینژھن کتھن ہُنٛد اِظہار کرنہٕ پتہٕ چھُ حضرت علامہ شیخ بابا داوٗد خاکیؒ کشمیریؒ سٕنٛدِ منظوم "قصیدہ غُسلیۂ یوسف شاہی" منزٕ یوسف شاہ چکس پٹھ لیکھنہٕ آمتین باتن ہُنٛد حوالہٕ دِیُن ضروری تاکہٕ حبہٕ خوتونہٕ ستی ستی ییٚن کشیرِ ہنٛدِس اٰمِس آخری پادشاہ سٕنٛزٕ زندگی ہنٛدی ساری پہلوٗنٛژ راونہٕ۔ مورخ تہٕ سکالر غلام رسول بٹ صاب چھُ محکمہٕ لایبریری ریسرچ و پبلی کیشن جموں و کشمیر کہِ طرفہٕ شایع سپدی متہٕ امہٕ

رسالکی ترتیب کارتہٕ موٗلف رۄدی ٲسی ۔

حضرت بابا داوٗد خاکیؒ صاٲبن چھُ رسالہٕ ''غسلیہ یوسف شاہی''
سلطان یوسف شاہ چک ہٕنٛدِس عہدِ حکومت ۹۸۸ ہجری مطابق
۱۵۸۰ عیسویس منٛز تألیف کوٚرمُت ۔ تحقیق کرنہٕ ستی چھِ یہِ گتھ ثابت
سپزٕمٕژ زِ حضرت بابا داوٗد خاکیؒ صاٲبن چھِ سلطان یوسف شاہِ شک ہٕنٛدِ
دوٕیمہِ پھِرِ 988 ہجری لیس دوران پادشاہ بننہٕ کِس وقتس منٛز رسالہٕ
''غسلیہ یوسف شاہی'' تالیف کوٚرمُت ۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھِ تہنٛدِ ن
نوٚمن شعرن ہُنٛد حوالہٕ دیُن ضروری ۔

نام ایں منظوم من غسلی یوسف شاہی است
چوں بفرخ دور یوسف شاہ آمد در خیال
نامور شاہے کہ بار دیگر از لطف حقش
گشتہ حاصل تخت و بخت و تاج و باج و ملک و مال

حضرت بابا داوٗد خاکیؒ صاٲبن کوٚر أتھی دورِ حکومتس منٛز پٔنُن دوٕیم
تألیف ''قصیدہ لامیہ (ریٚشی نامہ) تہٕ مکمل یمیُک ذِکر یتھ شعرس منٛز کرنہٕ
چھُ آمُت ۔

از پے تحریر ایں نسخہ غریب ناتوان
گفت ''ذِکر زاہدان'' اولی بود تاریخ سال

اَتھ قصیدس منٛز چھُ حضرت بابا داوٗد خاکیؒ صاٲبن یوسف شاہِ چک

ہِندِس مائِلِس سلطان علی شاہ چک تہٕ بیٚیہ یوسف شاہِ چک تہٕ تہنٛد بن
فرزندن ہنٛدی زبردست تارٖیف گرٕمتہٕ

والیٔ دوران علی شاہ دوستدار صالحان
پُور او شہزادہ یوسف شاہ باجاہ و جلال

ہر دو ایشان صحبت ایں پیر را دریافتند
ہر دو کر دندے دعائے خیر خود ازوی سوال

او دعا گفتے و ایشان را مبارک آمدے
ہمدرین اشفاق ایشان کرد از نیجا ارتحال

از دُعاے روح این پیر و دعائے پیر وانش
این شہ و شہزادہ عالی بادو مقبول انفعال

یارب ایشان را ز فضل خویشتن انعام کن
صحت ایمان وتن توفیق عدل اصلاح بال

یا الٰہی آنچہ نیک آید از ایشان کن قبول
بر ذنوب شان ز عفو خویش کن صب سجال

بادیگر جملگی اولاد و ہم احفاد شان
نیک بختان دور دار از بخشش باری تعالیٰ

''ذکرِ زاہدان'' اصطلاحکبن حرفن چھِ ابجدِ حسابہٕ ۹۸۸ بنان یانے زِ
قصیدہ لامیہ چھِ جناب بابا داوٗد خاکی صاٮ۪بن ۹۸۸ ہجری یَس منٛز تالیف

کوٚرمُت۔

یِتہٕ نَس پتھٕ کنہٕ لیکھنہٕ آمتین شعرن ہنٛدِ حوالہٕ چھُ یہِ وَنُن ضرۆری زِ سلطان علی شاہ چک تہٕ یوسف شاہِ چک تہٕ زَن گودوشوے مالٕی پۆتھر چھِ ننہٕ وأری بابا ہردی ریشیؒ یانے زِ ریشی مالٕی صابنس آستانس منٛز عقیدٕ سان حاضر سَپدنہٕ باپتھ گژھان یوان آسۍ متۍ۔ یتھۍ یوت نہٕ بلکہ آسۍ یِم دوشوے مالٕی پۆتھر حضرت محبوب العالم شیخ حمزہؒ تہٕ بێیہٕ سیّد مبارک خان بیہقیؒ ہنٛدِس خدمتَس منٛز تہٕ حأضر گژھان روزان۔ چنانچہ ییٚلہِ دویمہِ لٹہِ یوسف شاہِ چک تختَس بیوٚٹھ تمۍ سُنٛد توجہ روٗد کشیرِ ہنٛدِس نظم ونسق ٹھیک کرنس کُن۔ سُہ روٗد خانقاہن منٛز تہِ گژھان تہٕ فقیرن بێیہٕ خدادوستن ہنٛز خدمت خلوصہٕ دِلہٕ سان کران۔ سیّد مبارک خان بیہقی صأبن لٕش چھُ یورے سمکھنہٕ گژھان اُوسمُت تہٕ تہنٛد آشرواد حأصل کران رودمُت۔

دَپان سلطان علی شاہ چکن چھُ باضابطہٕ پأٹھۍ پننہٕ پادشاہی ہُنٛد آغاز شہرچہِ جامع مسجدِ منٛز کوٚرمُت ییٚلہِ تمۍ أکِس لوکہٕ ہجومَس بروٚنہہ کنہٕ پنٕن تعارف کرنہٕ علاوٕ یہِ واد کوٚر زِ سُہ روزِ أکِس محبہٕ وطن ہنٛدِ حیثیتہٕ حکومت کران تہٕ کانٛہہ تہِ مذہبی تعصب بنہِ نہٕ تہنٛدٮ۪ن حکومتی فرضن ہنٛدِس انجام دِنس منٛز رُکاوٹھ۔ یہِ کتھ باوٕنۍ تہٕ چھِ ضرۆری زِ حضرت بابا داوٗد خاکیؒ صأبن چھِ بروٚنہہ کُن ییمہٕ حقیقژ ہنٛد اعتراف کوٚرمُت زِ وقتہٕ کِس پادشاہس ستۍ محبت تہٕ اخلاص ورتاوُنک حق ادا کرُن چھُ ضرۆری۔ اِو

موکھ آسی تمن وٕتکس پادشاہ سلطان نصیرالدین محمد یوسف شاہ چک سٕندِس دورَس منز رِسالہٕ ''غسلیہ یوسف شاہی'' تالیف کرنچ خاہش پاد سپز ہرث۔ حضرت بابا داود خاکیؒ صابُن فوٗرماوُن چھُ:

''ملاحظہ حق محبت واحسان سلطانِ وقت و پادشاہِ جوان مرد وجوان بخت، محُبِ علم وعلماء ومعتقد زہاد وصلحا نصیرالدین محمد یوسف شاہ غازی سلمہٗ اللہ تعالیٰ واصلح شانہٗ باعث آن شد کہ بتقریب آنکہ ایں رسالہٗ غسلیہ نادرہٗ چون بدور ہمایوں ووقت میمون او در خیال ایں داعی افتادہ وبزودی باتمام رسیدہ خطاب او ''غسلیہ یوسف شاہی'' کردہ آمد تابدین تقریب نام نیک انجام واسمِ سعادت فرجام او تادیرگاہ ماند''

حضرت بابا داود خاکیؒ صابُن چھُ رسالہٕ ''غسلیہ یوسف شاہی'' کِس فارسی پاٹھی لیکھنہٕ آمتس منظوم عبارتَس منز یوسف شاہ چک پادشاہ سٕندی تأریف کٔری متی۔ پادشاہ سٕنز سیرت تہٕ صورت گاشراونہٕ علاوٕ چھُن تہُنٛد عدل وانصاف تہٕ بیٚیہٕ عاشقِ رسول تہٕ عاشقِ اہلِ بیعت تہٕ اصحاب آسُن ظاہر کوٚرمُت۔ غرض پادشاہ سٕندِ بن قابلِ تأریف شرفن ہنٛز ذکر کرنس دوران چھِ حضرت بابا داود خاکیؒ یوسف شاہ چک سٕندِ بن علمی، ادبی تہٕ شاعرانہٕ کمالاتن ہنٛز ذکر کران تہٕ فنِ موسیقی منز مہارت تأریفی کلماتو سٕتی وبڑھناوان۔

ڈاکٹر محمد تنویر حیات مدیر اعلیٰ ریتہٕ وار ''المصباح'' چھِ پننہٕ نِس أکِس مضمون یمیک عنوان ''شیخ حمزہ مخدومؒ: عقیدت اور تاریخ کے مابین'' چھُ، انیس کاظمی سُنٛد حوالہٕ دِتھ لیکھان:

''یوسف شاہ چک نے حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ کی وفات کے چھ سال بعد یعنی ۹۹۰ ہجری یا ۱۵۸۲ عیسوی میں ان کے برادر ملا علی رینہؒ کو ان کی جائداد کا وارث ہونے کا اعلان کیا اور انہیں آستانہِ عالیہ کی دیکھ ریکھ کا کام سپرد کردیا گیا اور اس جائداد پر تمام محصولات معاف کیئے۔ اس کی پوری تفصیلات جاننے کے لیے دیکھیے سرینگر ٹائمز کا شمارہ 10 / جون 1978 عیسوی، شاہی حکم نامہ از انیس کاظمی''

یوسف شاہِ چک پادشاہ سٕنٛدِس شانس منٛز تأریفی شعرن ہُنٛد تعداد چھ شیٹھ (60) یمو منٛزٕ نو من کینٛژھن شعرن ہُنٛد یتہٕ نِس پیش کرُن روزِ مناسِب۔

نام ایں منظوم من غسلی یوسف شاہی است

چوں بفرّخ دور یوسف شاہ آمد در خیال

نامور شاہے کہ بار دگر از لطفِ حقش

گشتہ حاصل تخت و بخت و تاج و باج و ملک و مال

حاصلش گشتہ ز فضل حق بہ تقسیم ازل

سیرت و صورت مزیں بانکوئی و جمال

دوستدارِ مصطفیٰ واہلِ بیت و صحب اوست
مذہب مقبول دارد این شہ نیکو مآل

طالب علم و شریعت ہست خوانائے کتب
از مسائل عالمانہ را می کنند اکثر سوال

بشنود از عالمان معنی تفسیر و حدیث
فکر و دخلے می تواند کردن اندر ما یقال

در جماعت خانہ وقتے خود امامت مے کند
سورہ خواندگہ قصار وگہ زِ اوساط و طوال

بہرہؑ دارد ز علم اصطلاح صرفیاں
مے شناسد وزن و صرفِ افتعال و انفعال

تیز فہمی و سوادے دارد اندر نظم و شعر
وز معما داند استخراج اعمال و مثال

خواہش علم تصوف نیز دردل دارد او
فہمد از قول مجازی رمزہای اہلِ حال

بر لغت ہا واقف است و در ہنر ہا ذوفنون
حُسنِ خطے نیز دارد ایں شہِ فرخندہ فال

اہلِ حرفست و سخندان باشناسائی شعر
طبع موزون نیز دارد این شہ نیکو خصال

علم موسیقی رساندہ بحدِ انتہا
ہر مقامے نیک داند چون حسینیؔ و غزالؔ

قاضیاں و مفتیاں را بہر عدل خلق ماند
تا کسے ظلمے نخواہد کرد بریک بیوہ زال

از پئے تادیب اہل معصیت در شہرو دہ
ماند جمعے محتسب بادرۂ چرم و دوال

جمعے از زہاد و مرتاض از حقِ احسان او
در دعائش بعد ورد خویش دارند اشتغال

این خطیبانِ مساجد ہم دعائے خیر او
بر سر منبر ہمے گویند بے ہیچ احتمال

ہم دریں شہرش مدرسہا ست در ہر گوشہ
از پئے تعلیم در مخطور و مکروہ و حلال

شہسوارے آنچان کز ہر طرف وہ وہ کنند
چوں سواری میکنند بر تازی بندہ بال

چوں بہ ہندوستان دوان براسپ تیرا نداختہ
مردم آنجا شدہ دروصفِ او حیران ولال

یارب این شہ راز فضل خویشتن انعام کُن
صحت ایمان وتن توفیق عدل اصلاح بال

بار دیگر جملگی اولادِ ہم احفادِ او

نیک بختان دوستدار از بخشش باری تعال

ہست زِ اولادش کلان مرزا لقب یعقوب خان

آنکہ عقل کاملان دارد بنو عہدی بسال

دیگر ابراہیم میرزا نیک و خوش شہزادہ ایست

صاحبِ اقبال وجود و حشمت و جاہ و جلال

در دُعا فرصت بر مردم بہ قول مصطفےٰ

بہر ایمان یک دعا دیگر پئے سلطان حال

جز فسانہ خسروان از نماند نیک کُن

تابماند نیک نامی از تو بعد از اِنتقال

بودہ از ہجرت گزشتہ نہصد و ہشتاد و ہشت ۹۸۸ھ

بہرایں تصنیف اگر خواہش کنی تاریخِ سال

یوٚ تامتھ حبہ خوتونِ ہُند تعلق چھُ سو چھنہٕ اِمہٕ موکھ کُنہِ تعارفٕچ موحتاج تکیاز ِتہندی لولہٕ ہُری چھِ ازتہٕ گامن گُٹھن منز کھاندر کھنڈرن ہنٛد بن موقعن پیٹھ گیوٚنہٕ یِوان۔ بلکہ موسیقی ہنٛز فنکاری منز تہٕ چھُ تہنٛدی ناوٚن سبٹھاہ تھزٕرتہٕ بجر پرأومُت۔ بحیثیت مُلی کأنی چھنہٕ مورخن ہندی ذٕسی ترٛتھ کانہہ خاص کتھاہ حبہٕ خوتون متعلق لیکھنہٕ أمٕژ یمہٕ ستی یوسف شاہ چک سُندِس راجتھ کرنس منز أمِس راجہ رینٛی ہُند باج وٕٹس منز اژُن

نۆن ہیکہِ نیرِتھی۔ کأشرِ زبأنی ہندی سارِوے کھوتہٕ پرأنی زِ بہلہِ پایہِ گوٚنہٕ مات چھِ للہٕ دیدٕ تہٕ شیخ نورالدین ریشیؒ المعروف علمدارِ کشمیر مانٕنہٕ آمٕتی۔ چک خاندانٕنہِ ہندِس عہدِ حکومتس منٛز چھِ اکھ مشہور شاعرہ حبہ خوتۆن کأشر لولہٕ بأتھ وَنان روزمٕژ، مگر فارسی زبأنی ہُنٛد دَبدبہٕ تہٕ تمہِ وقتٕچ کیٛن مورخن ہنٛزٕ طرفداری، کنہِ چھِنہٕ تہٕندِس کلامَس قدٕر کرنہٕ آمٕژ۔ مشعل سلطان پوری صأبن چھُ پننہِ ''ترقی پسند کشمیری ادب'' ناوِچہِ کتابہٕ اندر لیٛوکھمُت:

''چکوں اور مغلوں کے دور میں سرکاری زبان چونکہ فارسی تھی اس لئے کشمیر کے ادیبوں اور شاعروں نے بھی اِس زبان میں مہارت حاصل کرنا باعثِ فضیلت سمجھا اور کشمیری زبان کی طرف بہت کم توجہ دی۔ یہی وجہ ہے کہ اس دور میں کشمیری زبان کے شعراء کی تعداد بہت قلیل رہی ہے۔ اس دور کے کشمیری شعراء کا کلام اور ان کے حالات زندگی بھی مکمل طور پر دستیاب نہیں۔ ان شعراء کا جو کچھ کلام دستیاب ہے اس سے معلوم ہوتا ہے کہ اس زمانے میں کشمیری شاعری میں دو رجحانات پائے جاتے تھے۔ تصوف اور عشق و محبت، اس دور کے متصوفانہ کشمیری شاعری کا ترقی پسند پہلو یہ ہے کہ اس میں انسان دوستی کی تعلیم دی جاتی تھی۔ عشق و محبت کے موضوع کی حامل کشمیری شاعری میں ماورائیت کی جگہ ذاتی واردات و کیفیات پائے جاتے ہیں جس کی نمائندگی حبہ خاتون

کے کلام سے ہوتی ہے۔حبہ خاتون نے شاعری سے ذاتی رنج والم بیان کرنے کا کام لیا"۔

پزٕر چھ ای زِ حبہ خوتونہِ ہُنٛد کلامہٕ چھُ زیادٕ پہن تمن گامہٕ نوشن ہنٛزِ ن ازدُواجی زندگین ہنزٕ مرٕ ثی پیش کران یمن وأربو گھرن اندر پھاٹ وَن وادٕ تہٕ زبردَس وونٛدٕ مزٕ رٕ تُلن پیوان اوس۔ییمہِ کِنی تمن ہُنٛد منٛزی منٛزی پھاگے شوٗنگُن تہٕ بیٚیہٕ دوہس راتس وُنگُن اکھ معمول بنیوٗمُت چھُ اوسمُت۔

گامَن اندر ہَشن زأمن ہنٛدِ ڈٔسی نوشَن مَس لوٗٹھس یالنگس تھپھ کٔرِتھ کھکھر دِنٛک تہٕ تمن چارپاسٕ نظر کٔرِتھ شلکھ کرنُک رِواج چھُ گٔرشتامے وٗری بروٗنٹھ پأنی پانے ختم سپدٕ مُت۔یہِ یاد پاوُن چھُ ضروری زِ سارِنے گرِ بأژن منٛز أس پرانہِ زمانہٕ اکھ نوش نوکرأنی یِوان مانٕنہٕ تہٕ تَس اوس پیٚوان یہِ ڈٔپِ زِ تہِ گٔرِی گرُک دایہِ تون کرُن۔ وونی یِمس نوشہِ تکنیٚارَس منٛز اکھ پیوٗٹتا غلطی گرژھِ ہا اول أسی تَس ہشہِ ستی زأم تہٕ بٔے کاٗکِنی بیترِ ہنٛزٕ بے وأری پیٚوان رٕٹنٛی تہٕ دوم پامَن لگُن پیٚوان۔امہِ تہٕ نوشَن چوب پیٚنٛی تہٕ تمن ہُنٛد مار کھیٚتھ چانٛچہِ نور کرُن اوس اکھ معمول بنیوٗمُت۔یتھِ کٔنی أس یہِ ہَشن نوشن ہنٛز ہرِ ہَر کرٕنی اورِ یورِ کی تماشہِ گیٚر ژھوپہِ دَم کٔرِتھ وُچھان روزان۔ چونکہ حبہٕ خوتون آسہِ ہاژنٛدٕ ہأرِس منٛز لوکٕٹہِ پیٹھے یم نظارٕ دھیان دِتھ تہٕ اِنسأنی ہمدردی سان وُچھان روزمٕژ تِکیازِ تَس تہِ اوس پانَس گُدریوٗمُت۔ لہٰذا چھُ یِہوے صورتِ حال

تہنٛد بن زیادٕ پہن بأتن ہُنٛد آگُر بنیوٗمُت۔ وونؠ گو وقتہٕ وقتے چھِ گُل پھولان۔ حبہٕ خوتونِ ہُنٛد یہٕ کلامہٕ ووت وارٕ وارٕ گامہٕ گوم۔ کھانٛدرن، کھلن، ناوٕ گاٹھن، ژاژہٕ ہالن تہٕ کارخانن بیترِ منٛز، لولہٕ بوٗرُت یہٕ کلامہٕ کوٚرلوکو پسنٛد، نوشوتہٕ کوٚر ریوزیادے پہن تِکیازِ حبہٕ خوتونِ ہنٛد بن بأتن منٛز چھِ زنانن ہنٛدی باروتہٕ ستم جان پاٹھؠ وہستارنہٕ آمتؠ۔ یہوے وجہ چھُ زِ گامہٕ شہر سپُد یہٕ کلامہٕ مقبول تہٕ زٔنبن خاصکرِتھ نوشن پیوٚ پھیکہٕ پھیکہٕ دواہ۔ بہرحال حبہٕ خوتوٗن ہنٛزٕ شاعری ہُنٛد سو باوتہٕ گون چھِ زیوٚ پیٹھ ہینٛؠ لایق، تہٕ زَن گوأہنٛد بن بأتن منٛز چھنہٕ وو پرأزی ہنٛز لے بلکہ چھُ اَتھ منٛز مرأزی زیوٚ ہنٛد بن لفظن ہُنٛد میچھرتہٕ ڈٔچھنؠ کھورٕ نظارن ہُنٛد جسر۔ یہوے وجہ چھُ زِ حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛزٕ لولہٕ شأعری یتھ اندر حُسن تہٕ عشقکؠ معاملات تہٕ بیٚیہٕ زندگی ہنٛدؠ وبداکھ پھٔرِنؠ خاص رنٛگس منٛز گنزرنہٕ یوان چھِ، چھِ ازتہٕ کأشرِ بن بالکل تِتھے پاٹھؠ ٹاٹھؠ تہٕ پسنٛد یتھ پاٹھؠ یہٕ پتمہٕ زمانہٕ کِین لوٗکن اُسمژ چھِ۔ چنانچہ اَتھ سِلسِلس منٛز روزِ مورخ محب الحسن ہنٛز ''کشمیر سلاطین کے عہد میں'' ناوچہ کتابہٕ ہُنٛد حوالہٕ دِیُن مُنأسِب۔ ''ثقافتی سرگرمیاں''، عنوانس تحت چھِ باقی کتھو علاوٕ حبہٕ خوتونِ ہُنٛد ذِکرتتھ اندازس منٛز کرنہٕ آمُت یِیمہٕ ستؠ پتھ کُن بیان کٔری مژن کتھن ہُنٛد تصدیق سپدان چھُ، ملاحظہٕ کٔریو:

''خاندان چک کے عہدِ حکومت میں ایک مشہور شاعرہ حبہ خاتون

تھی، وہ یوسف شاہ کی ملکہ تھی۔ کشمیری شاعری میں لول (محبت، آرزو) یا عشقیہ شاعری کی اِبتداء اسی نے کی تھی اور ایک صوفی بزرگ سیّد مبارکؒ کے مشورہ پر اس نے فارسی عروض استعمال کئے جبکہ للہ دید اور شیخ نوالدین ریشیؒ کی نظمیں عارفانہ اور ناصحانہ ہیں۔ حبہ خاتون کے نغموں میں اِنسانی محبت، اس کی نا امیدیاں، اس کی تڑپ، اس کی کامیابی کا ذکر ہے۔ ان میں جذبات کی فراوانی موسیقی اور نغمگی ہوتی ہے اور آج بھی دست کار، کسان اور ملاح اس کو گا کر لطف اندوز ہوتے ہیں"

امہِ علاوٕ چھِ مورخن موسیقی متعلق بیٚیہِ تہِ واریاہ کتھہِ بیان کرِمٕژ۔ لیکھان چھِ:

"سلاطین موسیقی کے دل دادہ تھے اور ان کے دربار میں ہندوستان کے مختلف حصوں، وسطِ ایشیا اور ایران کے موسیقاروں کا جم گٹھا تھا۔ ازمنۂ وسطیٰ کے تمام کشمیری حکمرانوں میں یوسف شاہ کو موسیقی کے سب سے بڑے مرّبی اور ماہر فن ہونے کا فخر حاصل ہے۔ اس کی ملکہ حبہ خاتون ایک عظیم موسیقار تھی اور "راست کشمیری" راگ اسی کی ایجاد ہے۔ خاندان چک کے زوال کے بعد دربار کی سرپرستی کے فقدان کی وجہ سے کشمیری موسیقی کی ترقی مسدود ہوگئی۔ کشمیری کی کلاسیکی موسیقی "صوفیہ

کلام' کے نام سے مشہور ہے، جو فارسی موسیقی سے مستعار ہے، اس میں ۵۴ سُر ہیں۔ راجاؤں کے زمانے میں سنسکرت ثقافت کی زبان تھی لیکن سلاطین کے عہد میں اس کا مقام فارسی نے لے لیا لیکن کشمیری معتد بہ اکثریت کی مادری زبان رہی، فارسی کے اثر سے یہ اور پھلی پھولی اور سلاطین کی سرپرستی سے اس کا اپنا موقر شعری ادب پیدا ہو سکا"۔

مشعل سلطانپوری ہِندِس ''ترقی پسند کشمیری ادب'' ناوِ مُرتب کُری مِتِس تصنیفَس منز چھُ ''بیسویں صدی کے اوائل تک کشمیری ادب کے ترقی پسند رجحانات'' عنوانس تحت لیکھنہ آمُت:

''مغلوں کے کشمیر پر قبضہ کرنے کے نتیجہ میں جب حبہ خاتون یوسف شاہ سے جدا ہوئی تو اسے زندگی کی جن تلخیوں کا سامنا کرنا پڑا، اُن کا بیان اس کے گیتوں میں مِلتا ہے۔ اس کے کلام میں اپنے محبوب سے جُدائی کا جو درد و کرب اور اس سے ملنے کے لیے جو بے قراری اور اضطراب پایا جاتا ہے، اس کی شدّت حبہ خاتون کے گیتوں کے ایک ایک مصرعے سے ٹپکتی ہے۔ اس کا محبوب صرف یوسف شاہ ہی نہیں، خود کشمیر کی آزادی بھی ہے۔ اِس لیے اس کی فریاد کو کشمیری لوگوں کی اجتماعی فریاد سمجھنا مناسب ہوگا۔ حبہ خاتون کی ان فریادوں میں اصلی دُکھ درد کے ساتھ ساتھ مقامی

رنگ بھی پایا جاتا ہے"

بہرحال حبہ خوتونِ یتہٕ پنہٕ نِس محبوب یوسف شاہ چک تہٕ ٹاٹھِ وٕطنچہِ آزادی ہنٛدی وبدا کھ پنٕنِس کلامس منٛز دِتیٛ متی چھِ تتہِ چھِ تہنٛدی یِم بارٕ دِنی تِمن نوشن کورٕ بن پنہٕ نبن پنہٕ نبن واریوگھرن منٛز رنگہٕ رنگہٕ سپدیٔ متی یا سپدان ظلم وٕ ستمن خلاف آواز بُلند کرنٕک حوصلہٕ بخشان روٛدیٔ متی ۔ اَوے موکھ ما آسہِ ہا حبہٕ خوتوٗن تہِ یتھ ہیٚو حسب حال گرٛشھنِس دوران منٛزی منٛزی پانتہٕ چھوکھ ییٚوان گرٛشھان روزٕمٕژ تکیازِ ییٚلہِ یوسف شاہ اکبر بادشاہن گلہ وِتھ نیٚو یانے گرفتار کٔرتھ آونیبر رٕنہٕ، حبہٕ خوتوٗن دژایہِ گرٕ منٛز تہٕ گٔیہ پننِس پرأنِس ماٛنٹھس یانے پانتہٕ چھوکھ ۔ تتہِ پیٚٹھٕ اٚکِس جایہِ پہرِ اندر رتہٕ لوٗگن الگ پاٛٹھی خُدایہِ خُدایہِ کرُن ۔ "کُلیات حبہٕ خوتوٗن" کِتاب ہُنٛد مصنف امین کأمل تہِ چھُ لیکھان:

"دِپان ییٚلہِ یوٗسف شاہ گرفتار کٔرتھ نیٚو کھ خوتوٗن وٗژھ تہٕ گٔیہ پانتہٕ چھوکھ۔ تتہِ کٔرن اٚکِس پہرِ اندر گوشہِ نشینی اختیار۔ سُہ کیازِ گٔیہ اتھ جایہِ؟ ییٚہِ کُنہِ جایہِ کونہٕ ژٕجی یا گٔیہ روزنہِ؟ اَتھ بستی ہتی کیا تعلق اوس اُمس؟ امہِ کیازِ اوس ۱۶۷۹ عیسوی اندر شاہی ہنٛد بن اَیامَن لوکہِ سہوٗلژ خاطرِ اپاٚرِ وٕتھ کٔدلہٕ تار بناونہٕ مُت۔ ۱۸۳۹ عیسوی ڈوڈ ہتھ وٕری برونٛہہ اکھ شاعر وہاب لون چھُ "ساٗل گاہ" ناوی اٚکِس باٚتس منٛز ونان۔

ناو تُمۍ تھاوِنم پانٛدرِ تھنے      پانتہٕ چھوکھ خوتوٗنہِ نشہِ پچھام

کتھ اوس کران اتھِ واجنے      تنہٕ چھُس وُچھان کورِ سنہٕ گوم

چنانچہ سائنس یتھ پرگنس منز چھِ واریاہن گامن متعلق کہاوژِ وَننہٕ آمژٕ یِمن ہندِس وَنن وألِس متعلق کانٛہہ توأریخی شہادت لبنۍ مے مُمکن ہیوٚک نہٕ سپدِتھ۔ حالانکہ مرحوم محی الدین حاجنی صأبنۍ کتاب تہِ آیم نہٕ أتھۍ۔ تاہم کینٛژھن بزرگن ہُندِ وَنُن چھُ زِ یِمہٕ کہاوژ چھِ حضرت شیخ العالمؒ شیخ نورالدین ریشی صأبن ستی منسوب کرنہٕ آمژٕ۔

خاص پُلوأمی قصبس تہٕ اَتھ ستی لرِلوٚر شأمل ترٛہن گامن (پرٛیوٚژھ، ڈانگرپور تہٕ وَشہ بُگ) متعلق چھِ یِمہٕ کہاوژا کثر پھرنہٕ یوان:

"پُلہ ووم وُڈھ موڈُر تہٕ دِلہٕ اوم" تہٕ بیاکھ کہاوت چھِ "پرٛیژھِ پریژھنے نہٕ، پُلہٕ وامہِ روزِ زِنہٕ تہٕ وَشہ بگہ، ڈانگرپورِ نیری زِنہٕ"

تِتھے کٕنۍ چھِ پانتہٕ چھوکھ گامس متعلق یہِ کہاوت سُہ تہِ زیادٕ پہن بُزرگ مَردن تہٕ زنانن ہُنزِ زبٲنۍ پٹھ آسان "پانتہٕ چھوکھ، ہشن دوکھ، نوشن سوکھ" پرٛزنوٚن نیرنہٕ خأطرٕ ییلہِ مے یِمن کہاوژن ہُندِ پرٛخاش تُلن شُروع کوٚر تہٕ واریاہن بزرگن تہٕ نیبرٕ دژاولوکن سمکھیوٚس، تِہندِ گُف اوس زِیمہٕ کہاوژ چھِ سرکھرٕ کٔرِتھ صحی لبنہٕ آمژٕ۔ وۄپر گامس یانے پانتہٕ چھوکھس متعلق کُنہِ وِزِ زبٲنۍ پٹھ ہیٚنۍ لایق یہِ کہاوت چھِ شاید حبہ خوتوٗنِ ہندِس تورِ گژھنس، اپأرۍ جہلم دریاوس کٔدلہٕ تارِ تھاوِناونس تہٕ بیٚیہِ أتھۍ

علاقس منز مشید بناوُس ستی کیاہتام تعلق تھاوان، یتہٕ چھُ ممکن زِ خوتوٗن آسہِ ہا "نوشن سوکھ" وأرِس اَتھ گامَس منز آنندٕ سان وَق گُزران، نتہٕ ما چھُس یہِ پتہٕ نِس مورشدٕ سُند دوپ اوسمُت، تکیازِ "متین ہُند دوپ چھے بلایَن تھوٗپ" چھِ اکھ پرٕانی کہاوت۔ بہرحال موضوعَس متعلق لیکھنس دوران پیوٚ مے حبہٕ خوتونِ ہُند پانٕہٕ چھوکھ گامَس ستی لوئے خوئے آسُن تہِ وبستارُن تہٕ بروٗنہہ کُن انُن تِکیازِ اَہنز گوشہِ نشینی اختیار کرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ کلاماہ تیُوتھ نظرن تل یوان یُس امہِ اَتھ وقتَس دوران ووٚنمُت آسہِ۔ اَخرس پانتہٕ چھوکھ پُہرِ منز اَکھ مجذوبہٕ بَنتھ آسہِ ہا حبہٕ خوتونِ بے حال گرٕھتھ شاعری تام ترأوٕمٕژ۔ بقولِ شاعر؎

امیری کی کہ ایسی کی کہ اپنا گھر لٹا بیٹھے
فقیری کی کہ ایسی کہ کہ خدا کے گھر میں جا بیٹھے

موضوٗعَس بروٗنہہ پکہٕ ناوان کرٕ بہٕ یِمہِ خیالک تہٕ اظہار زِ للہ عارفہ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ صأبن ہندِ کلامہٕ پتہٕ اگر کانٛسہِ شاعرٕ سِندِس کلامَس مقبولیت حأصل سپز تہٕ لوٚکن روٗدی تہندی یِم بأتھ یادسہٕ چھ حبہٕ خوتوٗن یِمس متعلق منظور عازم صأبن "آج کل" میگزیٖنس منز "کشمیری شاعرات" عنوانس تحت یِمہِ کتھِ ہُند اعتراف کوٚرمُت چھُ زِ کأشرِ زبأنی منز چھِ للہٕ دیدٕ پتہٕ لوٚکن زنانہٕ شاعر حبہٕ خوتون ہُند ناو یا تہندی بأتھ یاد۔ لیکھان چھُ "حبہ خاتون نہ صرف ایک پُردرد و پُرسوز شاعرہ تھی بلکہ ایک

اعلیٰ پایہ کی موسیقار بھی تھی''۔ عبدلاحد آزاد مرحومہ سنز کتاب ''کشمیری زبان اور شاعری'' ہُند حوالہ تہ چھُن دیُوتمت۔ مرحوم آزادن چھُ وونمت ''اِس خاتون نے دیہاتی گیتوں کو مرتب کرنے کے علاوہ اپنی ملکی زبان کی جو خدمت کی وہ تاریخ میں آبِ زر سے لکھنے کے قابل ہے''۔ منظور عازم صائبُن مزید گُف چھُ ''حبہ خوتون ہی وہ عورت اور کشمیر کی پہلی شاعرہ ہے جس نے ایرانی نمونہ پر غزل لکھی اور کشمیری زبان میں غزل لکھنے کی روایت قائم کی، اس کے کلام کی بنیاد جذبات نگاری، اظہار فطرت اور واقعیت پر ہے۔ حبہ خاتون ملکہ بننے کے بعد موسیقی اور ادب کی سرپرستی کرنے لگی۔ اِس خاتون نے کشمیری میں فارسی موسیقی کو مرتب کیا۔ اس میں راست فارسی کے مقابلے میں راست کشمیری کے نام سے ایک مقام باندھا۔ للہ عارفہ اور حبہ خاتون کے بعد اگر عوام میں کسی خاتون شاعرہ کا نام یا کلام مقبول ہے تو وہ ارنہِ مال ہے۔ یہ شاعرہ بھی حبہ خاتون کی طرح اعلیٰ دماغ اور اعلیٰ فن کی مالکہ تھی''۔

یتھ کتھِ ستی چھُ سارِنے ہُند اتفاق زِ حبہ خوتون چھِ کاشُر زبانٔی ہنز سُہ زنانہ گونہ مات مانہ آمژ ییمہ کاشرِس ادبس اکھ نوٚ وانہار عطا چھُ کوٚرمُت۔ پتوی یوت نہ، بلکہ اَمہِ علاوٕ یُس نوٚ وطرزتہ نوٚ وی لَے بروٗنہہ گُن آیہِ تمے ستی گیہِ لوٚکھ عشقیہ شاعری نشہٕ زأنی یاب، پروفیسر بشر بشیر سُنڈ گف چھ زِ بہار کبن دوہن منز چھُ اکہِ دوہِ مہجور صبحٔ گرِ نیر تھ دودھ گنگا

بھٔڈ بھٔڈ پکان آبٕچ روٲنی تہٕ خوبصورت نظارن ہُند لُطف تُلان اوسمت،
دپان أتھی منٛز گَیس کینٛژھن گامہٕ زنانَن ہنٛز مودرٕ گیوٗن لہرٕ کنَن۔ تمہٕ آسہٕ
زِیُن سوٗمبراوان سوٗمبراوان حبہٕ خوتوٗن ہُند یہِ بٲتھ گیوان۔

گوشن منٛز ہا ووتھ راوے ولو میانہِ پوشے مدنو

مہجورَس گو مودرٕ بوٗٹیو یہِ دلکش نغمہٕ گیوٗنُک گرٛزبوٗ زِتھ تیوٗتاہ اثر زِ تٔمی کوٗر
حبہٕ خوتوٗن ہُند سائلم کلامہٕ حاصِل کٔرتھ تمیوٗک مطالعہٕ شروع، تہٕ یہِ کلامہٕ
پران پرانے لیچھنٕ أتھی طرزَس پیٹھ اکھ غزل یمیُک مطلع چھُ۔

ژولہما روشے پوشے متہِ جانانو

ماہِ دسمبر ۱۹۳۶ عیسوی کِس ''پرتاپ میگزینَس'' منٛز چھِ ایڈیٹر
پنڈت نندلال امبار دار سوپوری أکِس جایہِ لیکھان:

''صرف حبہ خاتون، مسز بھوانی داس، پرمانند اور شیخ ولی کا کلام ہی
لایقِ اشاعت ہے۔ آج سے ساڑھے تین سو سال پیشتر
حبہ خاتون نے موجودہ کشمیری غزل کی بنیاد قائم کی۔ مہجور نے
''ییہِ تھاوے برٕ مارٕ ماریے'' لکھکر اپنی جان کی قربانی کے
بجائے محبوب کو بھیڑ کی قربانی پیش کی۔ لیکن اس خیال کو حبہ خاتون
نے صدہا برس قبل نظم میں باندھا ہے جس کی شاعرانہ قابلیت کا
اعتراف ادب نواز حضرات کو ہے۔

اژتم برٕ مارے برٕ کریو پوشن انبرٕ

دراصل اوس نندلال امبار دارن مہجورٕ سنٛزِ شاعری متعلق اکھ تنقیدی مضمون لیٛوکھمُت۔ یتھ اندر تٔمۍ واریاہ اعتراض تُلۍ مِتۍ آسۍ۔ یِمن اعتراضن متعلق چھُ مہجورن پانے جواب اوسمُت دِیُتمُت تہٕ معاملہٕ صاف کوٗرمُت۔ اگرچہِ تنقید نگارن حبہٕ خوتونِ ہنٛدِس کلامَس اندر تصوفکۍ آثار مشکلی سان لبنہٕ چھِ آمتۍ، اما پوٗز تہنٛزِ شاعری ستۍ پیٛیہٕ اکھ نوٚو تحریک تھنہٕ تہٕ اِنسانی مسلن ہُند پرٛ خاش ووتھُن گوشروع۔ روحانتیس زیر دِنہٕ ورأے چھِ حبہٕ خوتونِ دوہ دِشہِ چہِ زندگی ہنٛدِ بن معاملن پیٹھ اثر دار بأتھ وٗنۍ مِتۍ۔

للہٕ عارفہٕ ہٕن چھ پننِس کلامس اندر زٕ لفظ واکھ تہٕ وژُن اِستعمال گٔرۍ مِتۍ۔ وژُن چھ اکھ بأتہٕ صِنف تہٕ اَتھ متعلق چھُ کیٚشن ادیبن ہُند خیال زِ یہِ صِنف چھِ للہٕ واکھ تہٕ شیخہٕ شُرکو برونٛہم تہٕ للہٕ دیدِ ہنٛدِس زمانَس تام آیہِ یہِ سوران تہٕ چھیٚکرس سپز نابود۔ یہِ صنف آیہِ دوبارٕ حبہٕ خوتونِ ہنٛد بو اَتھو وجودَس منٛز۔ ووٚنۍ گوواریاہَن ادبَن ہنٛدِ ونٛہٕ کَنۍ چھِ اَتھ کتھِ متعلق تہنٛزٕ بیٚون بیٚون رایہِ برونٛہہ کُن آمٕژ یِمن ہُند جایزٕ ہیٚون تنقید نگارن ہنٛز کأم چھِ۔ سلطان الحق شہیدی ہنٛدی یِم منظوم تأثرات چھ حبہٕ خوتونِ ہنٛدِ بن وژنَن ہنٛدی تأریف برونٛہہ کُن انان

حبہ خاتون جس نے گیتوں کو دیا نقشِ دوام

گیت جن میں لوچ ہے رَس ہے تاثر بے پناہ



اہلِ بینش گوشِ دِل سے سُن سکیں گے آج بھی
ہے فضائے بیخودی جس کی حقیقت پر گواہ

چنانچہ حبہٕ خوتون ہُنٛد یوسف شاہِ چک پادشاہ ہنٛز آشنی بننہٕ پتہٕ آو تس کشیرِ ہنٛز نور جہاں تہِ ناو دِنہٕ۔ اگرچہِ اَتھ وقتس دوران تہنٛزِ شاعری پھانٛپھلنٛگ تہٕ تہنٛزن صلاحیژن ووتہٕ بولبنٛگ موقہ میوٚل مگر زمانٕکبن تہٕ یارٕ ہنٛدبن غمن ہنٛدِ اُڈرنہٕ ستی دژایہِ تہنٛز لولہٕ شاعری ٲنٛز تہٕ امیٛگ چرچہٕ گو سارسِی وادی منٛز۔ اردو زبٲنی ہنٛدِس اَکس شاعر رفعت سروش سُنٛد شعر چھُ۔

ملکہ خطۂ کشمیر تھی وہ مہہ لقا!
تھی وہ ایک شاعرہ شوخ بیان شوخ ادا



اس کے نغموں کے لبوں پہ تھی نوائے فریاد
دِل کے دامن میں تھی ایک درد کی دنیا آباد



مۓ عرفان محبت کا تھا آنکھوں میں سرور
تلخیٔ زیست نے بخشا ہے اُسے جینے کا شعور

''لکہٕ بٲتھ'' عنوانس تحت چھِ ناجی منور، شفیع شوق پننس تصنیف

""کأشر زبان تہٕ ادبُک تواریخ""، کِس تریمس بابَس منٛز لیکھان:

""لکہٕ بأتن ہنز اُس اکأے ہیت، وژُن۔ وژُن اوس للہ دید ہنٛدِ وقتہٕ تہٕ مروج تہٕ تمہِ چھِ یہِ لفظ ورتومُت تہٕ ""سُے مےٚ للہِ گوواکھ تہٕ وژُن""۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سنٛدِس کلامَس منٛز چھِ وژنکہ نموٗنہ تہٕ میلان یِمن منٛز کینٛہہ واکھ کُنے موضوٗع تہٕ کُنے ووج آسنہٕ کِنۍ جوٗرتھ چھِ، یِمن وژنَن منٛز اُس بعضے نوزُک خیأل تہٕ پند گویی تہٕ سپدان۔ مگر وقتس ستۍ ستۍ گو وژُن فنی زاوِجارٕ بجایہِ موسیقیہ کُن پھیران تہٕ یہِ آو جذباتن ہنٛدِ بےٚ پھریک ورتاوٕ باپتھے ورتاونہٕ۔ وژنَس منٛز چھُ سازُت شاعرسُند بُنیادی مُدعا۔ اکہِ لکہٕ بأتچ یہِ مثال چھےٚ اتھ کتھِ ثأبت کرنہٕ خأطرٕ سیٹھاہ۔

| | |
|---|---|
| ہےَ وٚیسی یارس کیاہ گےٚ وٕنِنے | ینہٕ گوم نیرتھ تنہٕ نےَ آم |
| تِتھ پأٹھی ننٛہ چھُم تتھ پہٕ پنہٕ نے | تنہٕ نے، تنہٕ نے، تنہٕ نےَ آم |

لکہٕ لیہِ منٛز چھِ گرٛتامے شأعر معروٗف تہٕ یِمن ستۍ چھِ کینٛہہ بأتھ منسوٗب، یِمن شأعرن منٛز چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ تابناک تہٕ روایت ساز شأعر حبہٕ خوتون۔ تمۍ سنٛدِ کلامُک سارِوٕے کھوتہٕ پرٛون نُسخہٕ چھُ ""نغماتِ اہلِ ہند""، یُس کشمیر یونیورسٹی منٛز قأیم ریسرچ لایبریری منٛز موجود چھُ۔ اَتھ منٛز چھِ فارسی شأعرن ہنٛدِس کلامَس ستۍ ستۍ کأشری بأتھ تہٕ درج۔ امکۍ چھِ ژور نُسخہ۔ حبہٕ خوتونِ ہنٛدی بأتھ چھِ صوفیانہٕ موسیقی ہندہِ مختلف

نُسخن منز تہِ درج۔

"کأشر زبان تہٕ ادبُک توأریخ" ناوِ کس تصنیفس اندر چھ ناجی منور، شفیع شوق "راوی متی زمانہ" بابس تحت لیکھان:

"۱۹۴۷ پتہٕ آو حبہ خاتونہِ ہُند کلام تحریرس منز أنتھ شایع کرنہٕ تہٕ ووِن آو یہ کُلیات چہِ شکلہ منز تہِ ترتیب دِنہٕ۔ کُس ہیکہِ وُنتھ زِ امہِ کلامہِ منز کوتاہ چھُ پزی حبہٕ خاتونہِ ہُند تہٕ کوتاہ آو یورٕ ے أمِس پُشراونہٕ۔ یتہِ چھُ ممکن زِ تسندی واریاہ وژن آسن لُکہ بأتن منز شأمل گمتی۔ نسوأنی جذبن ہنز باوتھ کرن وألی واراہ 'لُکہٕ بأتھ' چھِ حبہ خاتونہ ہندین وژنن ستی رلونی"

واریاہن مورخن تہٕ تنقید نگارن ہُند مانُن چھ زِ حبہٕ خوتون چھِ کُنہِ شکہٕ و شُبہہ ورأے کأشر زبأنی ہنز اکھ زمانہٕ ساز گونہٕ مات، تکیازِ تہنزِ شأعری اندر یمہِ اندازٕ لول تہٕ مائے وہژھناونہٕ چھِ آمتی سہ کوٚر برونٹھہ کُن آمتو شاعرو کُنہِ رُکاوٹہٕ ورأے پننہِ خأطرٕ اختیار۔ حبہٕ خوتونِ رٹ لُکن ہنز کأشر زبان، نہ زِ کُنہِ مدرسہٕ یا دربارٕچ، یہ چھےٚ ورتاوٕچ زبان۔ دربارٕک ہاو باو، حشمت تہٕ آداب وتکلف پانہٕ وُچھتھ تہِ کوٚرنہٕ تمہِ پنُن دیہأتی لہجہ ترک، یارٕبل، پوٚت وَن، وڈٕر، ریٚتہٕ کول، ہردواو، ماسہِ ہُند گرٕ، ترٚٹ تہٕ مالہٕ، دودِ ہَر، باغہٕ ببر، یندرٕ گبھ گبھ، یارٕ دود، نینٛدرِ مٔش، دودمُت سپنہٕ شہلاوُن، ریٚتہٕ کول سورُن، دأن پوش تہٕ ہی، اچھ پوش برٕ گژھنی، دأن

پوش چھاوٕنی ،شراوُنن شین گلُن ہو مودری اصطلاحی لفظ تہٕندس کلامس منٛز موجود آسنٕی چھُ تمیُک ٹاکارٕ ثبوت۔ بشری لولُک برگُہ اظہار چھُ پرانہٕ کاشُرِ شاعریہِ منٛز سبٹھاہ کم یاب تہٕ حبہٕ خوتونہٕ ہنٛزِ شاعریہِ منٛز امیُک آسُن چھُ اَز معجزٕ ہیوٕ باسان۔یقین کرُن چھُ مشکل زِ سدا ہمہِ صدی منٛز کیاہ ہیکہِ ہا کانٛہہ خوتون گونہٕ مات ییٚتیاہ جدید محاورٕ ورتاوِتھ تہٕ یوٚتاہ بے باک لہجہٕ اختیار کرِتھ، اُمی ہنٛدی کینٛہہ وژن چھہِ فکرِ ہُنٛد سنٛیر تہِ ہاوان، خاص کرِتھ تمہِ ساعتہٕ ییٚلہِ سُوچُن ذاتی غم کُل انسٲنی ذاتُک غم سارچھ گنٛزران۔

| | |
|---|---|
| گوم لوٗستھ دریامت دوہ | گِندنے دژالیس توٚری گیہ سہٕ رٕہتھ |
| آم نادس تورے تام | رژھے تجم یاوٕنے |
| گندنے وژھایہِ سون | ہٕژرے نیٚندرے آسم چشمہٕ |

ییٚتہِ نٔس یمہِ کتابہِ ہُنٛد حوالہٕ دِنہٕ آوتھ منٛز چھِ یہِ تہِ لیکھنہٕ آمُت زِ حبہٕ خوتون چھُ بیٚن ہنٛدِ وَننہٕ مطابق صوفیانہٕ موسیقی پٔٹھ تہِ کمال حاصل سپُدمُت۔ راگ ''راست کشمیری'' چھِ تمے ترتیب دیوٗتمت۔ البتہٕ تہٕنٛد سوٗرے کلامہٕ لُگہِ لیہِ پٔٹھ آسنہٕ سببہٕ چھُنہٕ اَتھ منٛز عروضُک شٹھنیار۔ چنانچہ عبدالاحد آزاد مرحوم چھُ لیٚکھان:

''فارسی کا تتبع کرتے ہوئے بھی وزن عروض کی ناگوار قید و بند سے حتی المقدور پہلو بچایا۔ کئی غزلیں اور قطعات صرف موسیقی کی لَے پر لکھیں، ان میں کوئی خاص بحر نہیں پائی جاتی مگر ان کی

شعریت میں ایسا سحر ہے کہ عروضی وجد میں آجاتے ہیں''

حبہٕ خوتونہِ ہُنٛد وژُن ''ہیر وژھے یمہٕ اژہٕ رژھے، سون وژھے گندنے'' چھِ اکھ شُوبہٕ دار شاعرانہٕ باوتھ یمہِ کِنۍ یہٕ وژُن کأشرِ شاعری ہنٛدٮ۪ن بہترین نظمن منٛز گنٛزرنہٕ چھُ یوان۔ آزاد مرحومن چھ حبہٕ خوتونہِ ہنٛزِ شاعری متعلق واریاہ تاثرات پننہِ کِتابہِ اندر درج کٔرِمتۍ۔ ''دور دوم اور سیوم'' عنوانس تحت چھُن لیٚوکھمُت:

''شیخ نورالدینؒ کے بعد حبہ خاتون کے زمانے تک کشمیری زبان کی شاعری کا کوئی ریکارڈ نہیں مِلتا۔ ملکہ حبہ خاتون کی نغمہ سرائی فارسی زبان کے عروج میں شروع ہوتی ہے۔ یہ کشمیری ایرانی ادب اور تہذیب کے شباب کا زمانہ تھا۔ کشمیری تہذیب وتمدن پر ایرانی اثر پڑ چکا تھا۔ کشمیری زبان سنسکرت کی زنجیروں سے چھٹکارا پا کر فارسی زبان کے شاہی رعب وداب سے دبی جاتی تھی۔ اس کی اپنی کائنات انقلابات کی چکیوں میں پس پس کر غبار میں تبدیل ہو کر فضائے آسمان میں بکھرتی جاتی تھی۔ یہ فارسی الفاظ اور اسالیب کو اپناتی رہی۔ ملکہ حبہ خاتون کے یہ شعر ملاحظہ ہوں۔

مے ہاکٔری ژٕے کتیٚ ہیٚہ دسوانے چھاوو میانٔی دانے پوش......

اِن دو شعروں میں دسوانہ، زمین، آسمان، سر پوش اور نعمت فارسی الفاظ ہیں، ملکہ حبہ خاتون سے آج تک کشمیری زبان کی شاعری ان ہی

لوگوں تک محدود رہی جو عموماً مفلوک الحال اور بے سروسامان تھے۔ فارسی گوشعراء کے قدردان ہر جگہ موجود تھے۔ فارسیت کشمیری غزل کا پیدائشی عنصر ہے۔ ملکہ حبہ خاتون (جسکو موجودہ کشمیری غزل کا بانیہ مانا جاتا ہے) کے یہ اشعار دیکھئے۔

وٲری وبن ؤستی وارٕہ چھس نو ۔۔۔ چارہ کر میون مالنو ہو

گوشن منز ہا وَتھراوے ۔۔۔ ولو میانہِ پوشے مدنو

محمد یوسف ٹینگن چھُ مہجور نمبرس منز ''مہجورکی چند تلمیحات'' عنوانس تحت لیۆکھمُت۔

شاہ بادی میر کیاز اوس ژھاران قندٕ ہارٕ چ زٕون

تس کونہٕ ژتبس أسی پیۆان ژندٕ ہارٕ چ زون

رسول میرنس اتھ شعرس منز چھُنۆ وِدریافتہٕ مطابق ژندٕ ہارچہٕ زونہٕ قندٕ ہارٕ چ زٕون وُنن صحیح تہٕ مُناسِب باسان تِکیازِ تٕسند خاندانُک اصلی وطن چھُ اپارِ اوسمُت، وونی گوسہ زایہِ نیوہ گامس منز یتہٕ تہُند مالیُن چھ اوسُمت تہٕ ژندٕ ہارس منز چھرٕ چھنہٕ آمٕژ۔

''کُلیاتِ حبہٕ خوتون'' کتابہِ ہنٛدِس أخرس پیٹھ چھِ مرحوم امین کامِل صأبن ''تنقیدی سام'' عنوانس تحت لیۆکھمُت۔ ''حبہٕ خوتون'' نأوی سِنٛد اُردو پأٹھی ۱۹۵۹ عیسوی ہَس اندر کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ میۆن کِتابچہ شایع۔ تمیُک تنقیدی سام چھُ حوالہٕ رٔنگی اُردو پأٹھی ورتاونہٕ آمُت۔ کِتابچہ نایاب

آسنہٕ کنہٕ روزِ جان سُہ اردو پاٹھی رٕژھرُن یتھ تمکی حوالہٕ برقرار ہکِن رُوٗزِتھ"۔ حبہٕ خوتونِ ہنٛزِ شاعری ہنٛدِ حوالہٕ چھ امین کامل صابن یتھٕ کنہٕ پٹھن خیالن ہُنٛد اظہار کوٚرمُت:

"حبہ خاتون کے اشعار میں محبت کے بے پناہ جذبے کا اظہار جس انداز سے ہوا ہے وہ اِس قدر ہمہ گیر اور وسیع ہے اور اس میں وہ آفاقی خدوخال سمٹ آئے ہیں جو کہ ادب اور احساس حُسن کو ایک کر کے ابدی بنا دیتے ہیں اور جس کی تازگی، زمانے کی تبدیلی اور حالات کے ادل بدل پر بھی سالم وثابت رہتی ہے۔ یہی وجہ ہے کہ آج بھی جبکہ زمانہ کہاں سے کہاں جا پہنچا ہے۔ جبکہ گردوپیش کی فضا کی کیفیتیں بدل گئی ہیں، جبکہ پیداواری رشتوں میں بھی کافی تبدیلیاں آگئی ہیں۔ یہ اشعار ہمیں متحرک کرتے ہیں، ہمیں سکون پہنچاتے اور ہم سے اپنا احترام کروا لیتے ہیں۔ اس کے ان آفاقی رجحانات کے آئینے میں ہم اس کی ذہنی رغبتوں اور اُمنگوں کی تصویر بھی دیکھ سکتے ہیں۔ وہ سراپا محبت تھی اور محبت ہی کی طلبگار رہی۔ اس کے نزدیک اس محبت کا درجہ ارضی ہو کر بھی بہت کچھ بلند رہا ہے جس کا اظہار اس کے اشعار میں جابجا مل سکتا ہے:

"میں نے ایک ہی نشست میں تمام قرآن پاک پڑھ ڈالا
کسی بھی جگہ ذرہ بھر بھی زیروزبر کی غلطی نہ کی
لیکن عشق کی کتاب کوئی بھی ایک آن میں نہ پڑھ سکا

تجھے میری موت سے کیا ملے گا، اے میرے محبوب؟''

یمن شعرن ہُنٛد ترجمہٕ امین کاملؔ مرحومن پیش کوٚرمُت چھُ، مےٚ

باسان تِم شعر یِتہٕ نَس لیکھنٕی روزِ پرٛن والین ہنٛدِ خاطرٕ ئیہِ وون:

سیپارٕ ترٕ ہہ مرٕ پریم اکہٕ آنو

پھیرٕ نو گُنہِ گوم زیرِ زبرے

عشقُن خط کائنسہِ پوٚرنہٕ یکبارو

ژٕے رٕکھو واتہِ یو میانہِ مَرنے

بروٚنہہ کُن چھ امین کاملؔ صاب لیکھان:

''حبہ خاتون کے عشق و محبت اور روماں بھرے گیتوں کی خوبی، اُن کا سوز وگداز، جذباتی لب ولہجہ، صوتی اور لفظی ترنم، ہلکے پھُلکے اور عام فہم خیالات اور وہ نسوانی آہنگ ہے جس کو محسوس تو کیا جاسکتا ہے لیکن بیان کرنا مُشکل ہے۔ ایک ایسے وقت میں جبکہ فارسی زبان کے اقتدار کی وجہ سے کشمیر کے تمام شاعر اپنی مادری زبان کی طرف آنکھ اُٹھا کر بھی نہ دیکھتے تھے بلکہ اس میں طبع آزمائی کرنا کسرِ شان سمجھتے تھے، حبہ خاتون کے یہ گیت جہاں کشمیری زبان کی زندگی کے ضامن بن گئے وہاں عام لوگوں خاص کر عورتوں میں مقبول ہو کر اِنکے دِلوں کو غمِ دوران برداشت کرنے کی قوت بھی بخشتے رہے''۔

## ۹۔ منٛز سرایے لوٗسم دوہ......حبہ خوتوٗن ہُنٛد آخری آرام گاہ

حبہ خوتوٗن ہنٛز مَرن جایہِ متعلق یہِ کینٛژھا موادمےٚ حاصل گو تتھ منٛز چھُ پننہِ کٲشیرِ ہنٛد بَن تھدِ پایہِ کیٚن اُدبین تہٕ سماجہِ کیٚن مشہور شخصیتن ہُنٛد سیٚدِ سیٚود واسطہِ رُوٗدمُت۔ لہٰذا چھُ بہتر یہِ مُقدمہ پرن والیٚن ہنٛدِس عدالتس منٛز پیش کرُن تِکیازِ تِمے چھِ پتولاکن فاصلہٕ دِنکی مجاز۔ مُستند دٔلیلن تہٕ معتبر شاہدن ہنٛدِ حوالہٕ چھِ امہِ مُقدِمکی گوڈنیکی گواہ شاعر کشمیر مرحوم غلام احمد مہجورؔ۔ چنانچہ مہجور صابس چھُ کٲشیر ہنٛز توٲریخ مُرتب کرنٕچ زبردس خاہش اُسمٕژ یمیٚہِ خاطرِ تِمس ییتہٕ تہٕ دہلی منٛز تہٕ ضروری مواد سوٚمبراوُن پیٚو۔ دپان تِم چھِ اکھ کتاب اردوٗ زبانی منٛز تحریر کٔرمٕژ تہٕ یچ ذِکر سُہ پننہٕ ذاتی ڈٲری منٛز کینٛژھن جاین کران چھُ رُوٗدمُت۔ موتی لال ساقی سُنٛد گُف چھِ اتھ کتاب اوس تمی انڈکس تارٖیخ کشمیر ناوتھوومُت مگر عبدالاحد آزادن چھُنہٕ مہجورٕ سنٛدِ امہِ نثرچہِ کتابہِ ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ بہرحال موصوف چھُ اَکس بہلہِ پایہِ اُدیب تہٕ قلمکار محمد یوسف ٹینگ سنٛزِ نگرانی منٛز ۱۹۸۴ عیسوی منٛز شایع سپدی متِس ''شیرازہ'' کِس مہجور نمبر ''مہجور: تازہ معلومات کی روشنی میں'' عنوانس تحت پننہِ نِس اَکِس مضموٗنس منٛز مزید لیکھان:

''مہجور صاحب کشمیر کی تاریخ مرتب کرنے کے کس قدر خواہشمند تھے، اس کا اندازہ کرنا کچھ مشکل نہیں۔ وہ اس سلسلے میں زبردست محنت کرنے سے بھی گریز نہیں کرتے تھے۔ مکمل مسودوں کو نقل کرنا اس حقیقت کی دلیل ہے کہ کشمیر کی تواریخ کے ساتھ ساتھ ان کو مخطوطات جمع کرنے کا بھی زبردست شوق تھا۔ نوادرات سے ان کی دلچسپی کا یہ حال تھا کہ انہوں نے پنڈت بلہ کاک در کے ذاتی کتب خانے کی خاک میں لت پت ہو کر ان کی حاضری میں وہاں سے ۶ قلمی نسخے اور ۶۰ سکے حاصل کئے جس کا ذِکر انہوں نے اپنے ہاتھ سے لکھی ڈائری میں کیا ہے۔ انڈکس کا اصلی مسودہ کہاں ہے اور کیسا ہے؟ اس پر تفصیلی گفتگو اسی صورت میں ممکن ہے جب اصل مسودہ سامنے ہو۔ ۱۹/اپریل ۱۹۵۱ء کو آپ ہوائی جہاز میں جموں سے سرینگر تشریف لائے۔ یہاں پہنچنے کے بعد انہوں نے اپنی ڈائری میں لکھا ہے:

''آج ڈاکٹر پارمو کی کتاب (شاہمیر ٹو شاہجہاں) لے کر ٹانگے پر شیخ صاحب کے پاس گیا۔ ڈاکٹر پارمو کی کتاب آر۔ سی رینہ کے حوالے کی گئی۔ شیخ صاحب ملے، تاریخ کشمیر کا ذِکر ہوا۔ حبہ خاتون کی قبر دکھلانے کے لیے بیگ صاحب کی کار پر خان صاحب کے ہمراہ ترال روانہ ہوا۔ اَتھ واجن میں شیخ صاحب وغیرہ کو حبہ

خاتون کی قبر دکھائی''

لہٰذا چھنہٕ یتھ کتھِ آب ترٚنچ تہٕ باتھ زِ اَتھِ واجنہٕ چھِ حبہٕ خوتونِ ہنٛز قبرِ ہنٛز نِشان دِہی پانہٕ خود مہجور صأبن کٔر مٕژ۔ بروٚنہہ کُن چھ موتی لال ساقی یہِ ہَن تہٕ لیکھان:

''مہجور کی لکھی ہوئی سوانح حبہ خاتون کا ذِکر آزاد نے بھی حیاتِ مہجور کے ابتدائی مسودے میں کیا ہے۔حبہ خاتون کی سوانح پر تحقیقی کام مہجور نے ۱۹۴۰ء میں شروع کیا تھا''

سید رسول پُوٛنپر سُند گُف چھُ:

''شیخ محمد عبداللہ وزیر اعظم بخشی غلام محمد نایب وزیر اعظم نے شاید ۱۹۵۰ء میں مہجور کو تاریخ کشمیر کے مُرتب کرنے کے سلسلے میں اپنے ساتھ دہلی لیا تھا جہاں اس نے ''بہارستان شاہی'' کا مسودہ نقل کیا۔ شیخ صاحب نے انہیں کچھ اہم کتابیں بھی مہیا کرائیں۔ نہ معلوم پھر یہ تالیف کیا ہوئی''

محمد یوسف ٹینگ چھُ پنہٕ نِس أکِس ''مہجور کا پُشت پناہ۔ ابن مہجور'' عنوانس تحت مضمونس منٛز باقی کتھو علاوٕ مہجورٕ سنٛدِ مرنک اوحال یِمن لفظن منٛز بیان کران:

''جب حضرت مہجور کا اِنتقال ہوا تو ابنِ مہجور خاصی دیر تک سرینگر سے کسی قاصد کے آنے کا انتظار کرتا رہا۔ قاصد نہ آیا تو مہجور صاحب کے

جسد کو وہیں پر دفن کیا گیا، دوسرے روز نائب وزیر اعظم بخشی غلام محمد متری گام آئے۔ انہوں نے مہجورؔ کے جسد کو سرینگر لے جا کر مہجور کے ہی دکھائے ہوئے مزارِ شعراء میں دفن کرنے پر اصرار کیا۔ محمد امین نے اِس تجویز کے امکانات کو فوراً بھانپ لیا۔ سرینگر میں مہجورؔ کا جسد توجہ کا باعث بن سکتا تھا۔ اس نے فوراً ہاں کر لی۔ اس طرح مہجورؔ کے جسد کو ۱۰/اپریل ۱۹۵۲ء کی رات کو متری گام میں قبر سے نکال کر خانقاہ معلیٰ لایا گیا اور سرکاری اعزاز کے ساتھ دوسری بار اتھواجن میں دفن کیا گیا''

امہِ پتہٕ چھِ ٹینگ صاٮ۪ب اَمے مضموٗنہٕ کِس اٲخرس پٮ۪ٹھ لیکھان:

''محمد امین ابن مہجور کی معقولیت پسندی اور رتواریخی ادراک کا ایک واقعہ بیان کر کے میں اس مضمون کو ختم کروں گا۔ جب 1977ء میں کلچرل اکادمی کا ایک وفد لے کر میں یوسف شاہِ چک کی قبر پر لوح نصب کرنے کے لیے بسوک (بہار) پہنچا تو وہاں اچانک یہ پتہ بھی چلا کہ حبہ خاتون بھی یوسف شاہ کی جلاوطنی کے بعد بسوک آ گئی تھی اور وہیں پر دفن ہے۔ چنانچہ گاؤں کے معمر لوگوں نے اس کی قبر کی نشاندہی بھی کی۔ جب ہم واپس پہنچے تو مسلہ یہ درپیش آیا کہ حضرت مہجورؔ نے اپنی زندگی میں اتھواجن میں ایک قبر کو حبہ خاتون کا مزار قرار دیا تھا۔ ہم نے محمد امین ابنِ مہجورؔ کو سارا قصہ سُنا دیا۔ انہوں نے مجھ سے کچھ استفسار کئے اور بلا جھجک کہا کہ تحقیق

میں درستی کی ہر وقت گنجائش ہوتی ہے‘‘۔

گستا کی معاف! مےٚ پیٚو یتہٕ نَس فارسی زبانٕی ہُنٛد یہِ شعر یاد ۔

بہر رنگے کہِ خواہی جامہ مے پوش من اندازِ قدت را مے شناسَم

’’شیرازہ‘‘ کِسِہ مہجورؔ نمبرس منٛز چھ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ پننہِ نِس ’’مہجورؔ اور اُن کے ہم عصر‘‘ عنوانس تحت پننِس مضمونس منٛز لیکھان زِ مرحوم بخشی غلام محمد چھِ گیوٚ ہنٛکی شوقین اٚسمتی تہٕ بیٚیہِ شاعرن ہنٛدی قدردان تہِ ۔ تِموے چھِ مہجورؔ سنٛز میت تہنٛدِ پننہِ ژتر یگام پلوامہِ کہِ آبائی قبرستانہٕ منٛز کڈناوتھ دو یمہِ پھرِ تِمس خانقاہِ معلیٰ کس کھُلہ آنگنس منٛز نمازِ جنازٕ پَرناونٛاوُمت ۔ امہِ پتہٕ چھِن اتھ واجنہِ حبہ خوتون مشیدِ نِش تہنٛزے قبرِ لرِ خود پانے دفن کوٚرمُت ۔ تِتھےٕ کٔنی چھِ شیخ محمد عبداللہٕ سنٛدِس گوڈنکس دورِ وزارتس منٛز جموں وکشمیرٕ کی تمہِ وقتکی ناظم تعلیمات اسداللہ کاظمی صابن مہجورؔ مرحومس ۱۱/اپریل ۱۹۵۱ عیسوی ہس منٛز اکھ چِٹھی سوٗزمٕژ یمہِ کِس اٚخرس پیٹھ یہ لیکھان چھُ:

’’مجیب صاحب کے خط کا مضمون میں نے آپ کو بھی سُنا دیا تھا۔ اُمید ہے کہ آپ اپنی پہلی فرصت میں اس کے متعلق کاروائی شروع کر دیں گے اور وہاں جا کر مقامی کمیٹی یوم حبہ خاتون بنالیں گے۔ خانصاحب کو بھی خط بھیج رہا ہوں۔ حبہ خاتون کی قبر کی مرمت کرائیں‘‘

مولانا محمد سعید مسعودی مرحوم چھِ أکِس وقتس منز کشیرِ ہنٛدِ سیاسی أکھاڑکی پہلوان آسنہٕ علاوٕ اکھ دانایہِ دَہَر ماننہٕ یوان أسۍ متی۔ حبہٕ خوتون متعلق تہنٛدِ اکہِ شعرُک حوالہٕ چھِ امین کأمل صأبن پنہٕ نِس ''کلیات حبہٕ خوتون''، تصنیفَس اندر ''زان پہچان'' موضوعکس شروعَس منز یتھٕ کٔنی دِیُوتمُت۔

۱۹/اپریل ۱۹۵۲عیسوی ہَس اندر ییٚلہِ مہجورؔ گُزریوتہٕ سرکأری اعزاز سان سپُد اتھواجن تتھ جایہِ دفن یتہِ پتھ کالہِ رِوایتہٕ موجوٗب حبہٕ خوتۍن اوسوٕ چھِ، مولانا محمد سعید مسعودی مرحومن یہِ شعر آمُت ییورس لیکھنہٕ۔

بنے حبہٕ خاتون کے ہمسایہ آج     یہ     مرحوم     مغفور     مہجورؔ     ہیں

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر اسسٹنٹ ایڈیٹر کلچرل اکیڈمی چھِ ''حبہٕ خوتۍن، نشاط انصاری سُند اکھ اہم اردو مقالہٕ'' عنوانس تحت أکِس مضمونس اندر یِمن لفظن منز حبہٕ خوتۍنہِ ہنٛدِ ہن أخری دوہن ہنز روداد بیان کران:

''ترٛیم دور اوس حبہٕ خوتۍنہِ ہُنٛد پُر آشوب۔ یتھ منز زنٛ أمی سُند سرتاج یوسف شاہ ژک اکبر بادشاہن قأد کوٚر۔ حبہٕ خوتۍنہِ دِتی تمی ہِنٛدِس فراقس منز وبدا کھ، سوأس معشوق ہِنٛدِس عشقس منز بڈتھ کشیر ہنٛد ہن بالن تہٕ بیابانن پھیری پھیری تَس ؤنی دِوان۔ وننہٕ چھُ یوان زِتَس سپُدنہٕ تمی سُند ملاقات نصیب بلکہِ گیہ تسنٛزِ جُدأیی منزٕ ے زندگی ہنٛدی أخری دوہ گُزاران فوت۔ اکھ روایت چھِ یہِ زِ سو آیہِ سرینگر شہرس نزدیک پانتہٕ

چھوکھ دفن کرنہٕ۔ أہنٛدس مزارس چھِ اتہٕ حبہٕ خوتون مزارناو، أتھی نکھے

چھِ شاعر کشمیر پیرزادہ غلام احمد مہجورتہٕ دفن۔ تمہٕ ہنٛدِس پیرس چھِ مولانا محمد

سعید مسعودی سُنٛد یہِ شعردرج۔

آج ہمسایہ کے خاتون حبہٕ بنے

ہے مہجور، مغفور مرحوم یہ

اَمہِ بروٗنٛہہ گُن چھُ مضمون نگارٕ پننےٚ محکمچ سُہ روداد دہراوان یتھ اَندر

بُڈ برہمنہٕ ہنٛز گوٲہی خبر کتھ خاص مصلحتَس تحت سارِنٕے ہنٛدِ کھوتہٕ

زیادٕ معتبر ماننہٕ چھِ آمٕژ۔

مہجور صأبنہِ ڈایری منٛز تہِ ڈیٛچھو 19 اپریل 1951 عیسوی کہِ دوہ

کیا اوس تمہٕ پننہٕ نِس آوٕریرس متعلق لیوٚکھمُت:

''آج ڈاکٹر پارمو کی کتاب (شاہمیر تو شاہجہان) لے کر ٹانگہ پر

شیخ صاحب کے پاس گیا۔ ڈاکٹر پارمو کی کتاب آر، سی، رینہ کے

حوالے کی گئی۔ شیخ صاحب ملے تاریخ کشمیر وغیرہ کا ذکر رہا۔ حبہ

خاتون کی قبر دکھلانے کے لیے بیگ صاحب کی کار پر خانصاحب

کے ہمراہ ترال روانہ ہوا۔ اتھواجن میں شیخ صاحب وغیرہ کو حبہ

خاتون کی قبر دکھائی''

اَتھ مقابلہ چھُ کلچرل اکادمی ہنٛدِس وَفدٕس بہارس منٛز حبہ خوتوٗن ہنٛز قبر

ہاوَن والین منٛز اکھ وٲنسٹھ برہمن تہِ اوسمُت یمہٕ ہنٛدِس قولس زیادٕ پہن گن

چھُ اوسمُت تھاونہٕ آمُت تہٕ پتہٕ اُتھی کتھِ پٮ۪ٹھ آمنا صدقنا کرنہٕ آمُت۔ محمد یوسف ٹینگ صأب سُند گُف چھُ زِ اتھواجنہٕ مہجوٗرصأب وُڈٕراونس ستی آو اتھ ''مزارِشعراء'' ناو تھونہٕ۔ ٹینگ صأبُن کیاچھُ وونمُت تہٕ گرِی تو ملاحظہٕ:

''جب ہم واپس پہونچے تو مسلہ یہ درپیش ہوا کہ حضرت مہجور نے اپنی زندگی میں اتھواجن کے نزدیک ایک قبر کو حبہ خاتون کا مزار قرار دیا تھا۔ یہ دراصل امین صاحب (ابن مہجور) کے ہی زرخیز ذہن کی پیداوار تھی۔ چنانچہ بعد میں اِس کا نام مزارِشعراء رکھ دیا گیا اور مہجور کو وہیں دوبارہ دفن کیا گیا''

وونی ییٚلہِ کلچرل اکادمی والیو حبہ خوتوٗنِ ہنٛز قبر بہار رٔکس بسوک علاقس منٛز لُبمٕژ چھِ تیلہِ کتھ چھُ وٕنُن اتھواجنہٕ چھُ مزارِشعراء، چنانچہ گوڈٕ اُسی اتہِ ''مزارِ شعراء'' ناوٕکی واریاہ بینرلگاونہٕ آمٕتی۔ ازچھِ اَتہِ ''مزارِمہجور'' ناوٕکین بینرن ہنٛز زنتہٕ بادام پھُلٕے۔ بہرحال بینر بدلاونہٕ یا مزارِمہجوٗر یا باغِ مہجوٗر لیکھنہٕ ستی ہکہِ نہٕ توٗاریخی حقیقت ختم گٔژھتھ۔ محمد امین کأمل سنٛز ''کُلیات حبہ خوتوٗن'' کتاب منٛز گوم بیاکھ اکھ شاہد نظرِ یمی سنٛز گوٲہی نومن لفظن منٛز درج چھِ:

''تقریبن ڈوڈ ہتھ (۱۸۳۹ء) وری بروٚنہہ اَکھ شاعر وہاب لوٗن چھُ ''سال گاہ'' ناوٕ وِکس نظمہِ منٛز ونان۔

| | |
|---|---|
| پانتہٕ چھوکھ خوتوٗنہِ نشہِ بچھام | ناو تمی تھٲوِ نم پاندرٕ تھٕنے |
| تنہٕ چھٕس وُچھان کورسنہٕ گوم | کتھ اوس کران اتھٕ واچٕنے |

امہِ پتہٕ چھ کاملؔ صاب کُمس تام اَتھ رأضی یِنہٕ مئی جون ۱۸۸۹ء
کِس شیرازہس منز شایع سپدی مِتہٕ اکہِ مضمونہٕ کہِ حوالہٕ وہاب لون شاعر
پھوہرک (پہلگام) روزن وول ہاوان تہٕ ونان سأل گاہ ناوِ کِنہ بأتن
منز چھُ اولیاہن سٕتی حبہٕ خوتون ہنز تہِ ذِکر کرنہٕ آمُت۔ شاید اوِ کِنہ زِ خوتونہِ
متعلق چھُ تتھ وقتس منز عام لوٗکن تہنٛدِ خدادوست آسنک گُمانہٕ اوسمُت۔
بہر حال وہاب لونن یم بأتھ چھ خوتونہِ ہُنٛد اتھ واجنہٕ دفن آسنس تصدیق
کران تہٕ سٕتی پاندرتھٕن تہٕ پانتہٕ چھوکھ دوشونی جاین سٕتی تہُنٛد واسطہٕ
روزُن ہأوِتھ دِوان۔
پروفیسر غلام رسول ملک چھ پننہِ انگریزی زبأنی منز شایع سپزمژ
"Habba Khatoon - Collected Poems"
ناوچہِ کتابہ منز موضوعکہِ نسبتہٕ لیکھان زِ ییٚلہِ یوسف شاہ قأد آو کرنہٕ، حبہٕ
خوتون دراِیہِ شاہی محلہٕ منزٕ نیبر تہٕ ہیوٚتُن سٔنی یاس، سُہ چھ اتھ حالتس منز
مرنہٕ کِس دَمس تام أسمژ۔ مرنہٕ پتہٕ آیہِ سُہ ودنہٕ تہٕ آہ وزآری روس
پانتھ چھوکہ دفن کرنہٕ۔ امہِ بروٚنہہ کُن چھ ملک صاب تی پھِران یمہٕ سٕتی
حبہٕ خوتوٗنِ ہنٛدِس مرنس تہٕ دُل مُل اوس پادٕ کرنہٕ آمُت۔ بہر حال کُنہ کُنہٕ
وزِ چھِ لکھارن یژھ کتھہٕ ییٚہِ تہِ ییٚہِ بیان کرنٕچ مجبوری آسان۔ ییٚہِ أکی
قلمکار نشاط انصاری مرحومَن چھُ پننہِ ''حبہٕ خوتوٗن'' ناوچہِ کتابِ اندر
''وفات اور آخری آرام گاہ'' عنوانُس تحت پانتھ چھوک تہٕ بسوک (بہار)

دوشوٗنی جاین ہُند روداد دُہراومُت ۔ تہٕ پرنہٕ ستی گومیاٲنس ذہنس منٛز اکھ سوال پاد، سُہ یہ زِ اگر حبہٕ خوتوٗن، یوسف شاہِ چکہٕ سٕندِ مرنہٕ پتہٕ پنداہن یا وُہن وٕرین بہارس منٛز زِندٕ چھ اٲسمٕژ تیلہِ گوٚژھ تتہٕ تہٕندِ اَتھ وقتس دوران وونمُت کلامہٕ بروٗنہہ کُن انُنہٕ اوسمُت آمُت ۔ تکیازِ بحیثیتہٕ شاعر اوس تہٕندِ باپتھ پننین دلی جذباتَن پیٹھ قابو پرٲوُن ناممکن، سُہ تہٕ پننہِ شوبہٕ وُنہِ تہٕ لوبہٕ وُنہِ وطنہٕ نشہِ جُدا اسپد نُک جذبہٕ ووتلنہٕ کِنیٕ ۔

بروٗنہہ کُن پکان وُچھوشری الیس، ایل سادھو صاٮ۪بن کیاچھُ حبہٕ خوتون ناوچہِ کتاب اندر موضوعس متعلق لیٚوکھمُت ۔ یہِ کتھ وٮ۪نۍ روزِ مُناسِب زِ اتھ کتابِ چھُ اردوزبانۍ منٛز پروفیسر محمد زمان آزردہ صاٮ۪بن ترجمہٕ کوٚرمُت ۔

حبہٕ خوتونِ ہنٛد بن اٲخری دوہن تہٕ دفن جایہِ متعلق یُد وے سادھو صاٮ۪بن تہٕ دون کھراوَن پیٹھ کھوٚرچھِ تھاوِمٕتۍ، تاہم چھُن تہٕنزِ اٲخری زندگی ہُند بدتر اوحال تہٕندے کلامُک حوالہٕ دِتھ زبر پاٹھۍ ویژھناومُت، پروفیسر سادھو صاٮ۪بُن، مُترجم سٕندِ ذٕسی لیکھنہٕ آمُت بیان چھُ پرن والین ہنٛدِ خاطرٕ حرف بہ حرف پیش یِوان کرنہٕ ۔ ملاحظہٕ کٔرِو:

"حبہ خاتون نے محل اور شاہی ماحول کو تیاگ دیا اور ایک بار پھر عام لوگوں کی گمنام دنیا میں قدم رکھا۔ اس کی آخری عمر کی کوئی مستند تفصیل دستیاب نہیں۔ اُس کے گیتوں سے صاف ظاہر ہے کہ وہ ہمت ہار بیٹھی تھی اور محسوس کر رہی تھی کہ اس کی زندگی کا سورج

غروب ہو رہا ہے۔ مغلوں کے کشمیر کو ۱۵۸۶ء میں اپنی سلطنت میں ملانے کے باوجود اس کے دل میں یوسف سے ملنے کی ایک موہوم سی امید رہ گئی۔ چاہے بادشاہ کی حیثیت سے یا ایک عام آدمی کی حیثیت سے لیکن یہ خواب ادھورا رہ گیا، اس لیے کہ وہ (یوسف) اس کے فوراً بعد مر گیا۔ روایات کے مطابق وہ یوسف شاہ کے کشمیر چھوڑنے کے بعد ۲۰ برس تک زندہ رہی۔ اس دوران وہ بغیر کسی اسباب کے جگہ جگہ گھومتی رہی۔ غالباً وہ شعر بھی کہتی رہی۔ اس کی آہ وزاری میں افسوس، پچھتاوا اور تلخی تھی۔ اُس کی (یوسف شاہ کی) جلاوطنی کے دو دہائی بعد اس کی ملکہ حبہ خاتون اُس کی جدائی کا غم کرتی رہی۔ وہ برلبِ جہلم پانتہ چھوک میں مدفون ہے''

مصنفن یِم حبہٕ خوتون ہٕنٛدی بأتھ پنٕہ نِس بیانَس منٛز بطورِ ثبوٗت پیش کٔری مٕتۍ چھہِ تِموٚ منٛزٕ چھہِ ''ژٕ کمیٚو سونہِ میانہِ'' تہٕ ''لالو کلہٕ آلوے'' تہٕ بێیہٕ کأنسہِ مورأوِن شوٗرے پان'' بێترِ بأتھ تِہنٛزِ زندگی ہٕنٛدِس حال بدٕس کُن اِشارٕ کران تہٕ بێیہٕ تِمن دۄن ہٕنٛدِ نہ سمکھنٕک توأریخی واقع صحیح ثأبت کران۔

محبّ الحسن چھہِ ''کشمیر سلاطین کے عہد میں'' توأریخ کِس ''یوسف شاہ اور اکبر'' بابس اندر یوسف شاہ تہٕ حبہٕ خوتون دۄشوٚنی ہٕنٛدِ زندگی ہُنٛد

روداد خاصکٔرِتھ یوسف شاہ سنٛزِ جلاوطنی ہُنٛد حالِ بَد بہتر پأٹھۍ ویٚزھناوان۔ أہندِ بیانہٕ ستۍ چھُ سیٚوٗد فکرِ تران زِ حبہٕ خوتونِ ہنٛز قبر چھنہٕ بہارَس بلکہ کٔشیرِ منٛز۔ یوسف شاہ سُنٛد اکبر بادشاہٕ سٕنٛدِ حُکمہٕ قأد گژھنُک حال بیان کرنس دوران چھُ مورخ لیکھان:

''لاہور پہنچنے پر اکبر نے یوسف شاہ کو راجہ ٹوڈرمل کی زیر نگرانی رکھا اور اِس کی حراست میں وہ ڈھائی سال تک رہا، راجہ مان سنگھ بابل سے واپس ہوا تو شہنشاہ نے اس کی درخواست پر یوسف شاہ کو آزاد کردیا، اکبر نے یوسف شاہ کو پنج صدی سوار کا منصب عطا کیا جس سے اکیس سو سے پچیس سو روپے تک ماہانہ تنخواہ ملتی تھی اور اس کو راجہ مان سنگھ کے ساتھ بہار بھیج دیا گیا''

امہِ بروٚنٛہہ کُن چھِ مورخن یوسف شاہ سُنٛد حالِ بَد یِتھٕ کٕنۍ بیان کوٚر مُت:

''بہار کے میدانوں کی گرمی میں وہ کشمیر کے حسین مناظر، ٹھنڈی اور خوشگوار آب و ہوا کی حسرت میں مرتا تھا۔ جلاوطنی میں اس کو شعراء اور علماء وغیرہ کی صحبت کی بڑی کمی محسوس ہوتی اور سب سے زیادہ اپنی محبوب ملکہ حبہ خاتون کے لیے بے چین رہتا تھا۔ لیکن شاہی قید میں رہ کر اُس سے دوبارہ ملنے کی کوئی توقع نہیں تھی۔ ان باتوں کا اس پر اِتنا اثر ہوا کہ اس کا دماغ ماؤف ہوگیا اور بروزِ سہ

شنبہ ۱۴ ذی الحجہ ۱۰۰۰ ہجری مطابق ۲۲ ستمبر ۱۵۹۲ء کو چھ روز کی علالت کے بعد انتقال کر گیا اور پرگنۂ بسوک میں دفن ہوا"

اَخرس پٹھ چھُ مورخ پٹنہ یونیورسٹی ہنٛدِس پروفیسر حسن عسکری صأبُن شکر گزار روٗزنُک اظہار کران تہٕ ونان زِ تس پیوٚ میانِہ باپتھ بسوک گرٛھنُک تہٕ تتہٕ چھان بین کرنُک تکلیف برداش کرُن۔ بہرحال پروفیسر عسکری صأبنہِ یوسف شاہ تہٕ یعقوب شاہ بیترِ ہنٛدٕ ن مزارن متعلق تفصیلات مقامی لوکو نشہِ دریافت کرنہٕ پتہٕ یہِ کینٛژھا اوٚ حال تہندِ قلمہٕ دژامُت چھ تتھ پھیوٚ ردیُون چھ ضروری۔ لیکھان چھِ:

"بسوک اسلام پور (ضلع پٹنہ) کے شمال مشرق میں تین میل پر واقع ہے۔ گاؤں کے قریب ایک ٹیلہ ہے، جس کو گڑھ کہا جاتا ہے لیکن اس کی کوئی تاریخی شہادت نہیں ملتی۔ اس مقام پر معمولی کھدائیوں کے وقت تانبے اور سونے کے سکے نکلتے رہتے ہیں۔ ایک بار تو مٹی کے چکے بھی ملے تھے جن میں شاہ جہانی دور کی سونے کی مہریں بھی تھیں۔ اس گڑھ کے پاس ہی شاہِ یعقوب اور یوسف شاہ کے مقبرے ہیں۔ ان دونوں شخصیتوں کے بارے میں گاؤں والوں کو کچھ نہیں معلوم، بسوک سے تھوڑے فاصلہ پر ایک گاؤں کشمیری چک ہے جو ناچراغی ہے۔ مقامی روایتوں کے مطابق اِس گاؤں کے رہنے والے مسلمان کشمیر سے آئے تھے

جیسا کہ اس نام سے ظاہر ہے۔ یوسف شاہ کے مقبرے کے پاس والے گاؤں میں ایک مسجد ہے، اب یہاں پر صرف ایک ٹیلہ رہ گیا ہے جس کو کسانوں نے زیر کاشت لانے کے خیال سے زمین کے برابر کرنا چاہا لیکن یہ جان کر کہ یہ مقبرہ ہے، اس کو توہم پرستی کی بناء پر نیم منہدم چھوڑ دیا، اگر مقامی روایتوں کو تاریخی اطلاعات سے ملایا جائے تو بات یقینی طور ثابت ہو جائے گی کہ یہ مقبرے کشمیر کے حکمران یوسف شاہ اور اس کے لڑکے اور جانشین یعقوب شاہ کے ہیں۔ اکبر نامہ اور دوسری تاریخوں کے مطابق اکبر نے یوسف شاہ کو شکست دے کر قید کر لیا۔ بعد میں اس کو قید سے رہا کر دیا گیا اور پرگنہ بسوک میں جاگیر عطا ہوئی، باپ بیٹے بس گئے اور وہیں اِنتقال کیا، کشمیری چک گاؤں، جس میں کشمیری آباد تھے، اس کا مزید ثبوت ہے، تاریخی سند اور روایتیں ایک دوسرے سے مطابقت رکھتی ہیں۔ اِس لیے اس میں کوئی شبہ نہیں کہ یہ مقبرے فقط یوسف شاہ اور یعقوب شاہ کے ہیں"

"تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں" تو اَرتِخٔکی مُصنف ڈاکٹر صابر آفاقی صائبن چھُ "یوسف شاہ کی اسیری" عنوانس تحت لیو کھمُت:

"یوسف شاہ دو سال کے لگ بھگ سیاسی قیدی رہا اگر چہ اُسے اس وقت آزاد کر دیا گیا جب کشمیر کا مکمل طور پر سلطنت اکبری کے ساتھ

الحاق ہو گیا۔ مگر عوامی بغاوت کے خطرے سے بچنے کے لیے اسے کشمیر میں داخل ہونے کی اجازت نہ ملی۔ اسے بہار میں چھوٹی سی جاگیر دے دی گئی اور پانچ سو کے فوجی دستے کا سردار بنا دیا گیا۔ اس نے بنگال میں بھی خدمات انجام دیں اور اُڑیسہ کی تسخیر میں راجہ مان سنگھ کی ہمراہی کی۔ یوسف شاہ ۱۱ر ستمبر ۱۵۹۲ء کو بدھ کے دِن فوت ہوا اور بہار میں ہی سپرد خاک کیا گیا۔ حبہ خاتون جو یوسف شاہ کی محبوبہ اور ملکہ تھی، کے لیے یہ جدائی اِس قدر ناقابل برداشت ہوگئی کہ وہ آخر کار فقیر بن گئی۔ پانڈو چک (پانتہٕ چھوکھ) میں اس کی خانقاہ آج بھی کشمیریوں کے لیے ایک زیارت گاہ بنی ہوئی ہے''

''نگارستانِ کشمیر'' ناوچہٕ کتابِ ہُنٛد مُصنف قاضی ظہورالحسن ناظم چھُنہٕ حبہٕ خوتونِ ہنٛز کانٛہہ ذِکر کران البتہ چھُ یوسف شاہٕنٛدِ اُخری وقتُک حال نومن لفظن منٛز بیان کران:

''کشمیریوں نے یعقوب کو تخت نشین کیا اور لڑتے رہے، راجہ بھگوان داس نے یعقوب سے صلح کر لی اور یوسف شاہ کو لے کر اکبر بادشاہ کے پاس پہنچ گیا۔ اکبر نے اس کو قید کر دیا، دو سال بعد مان سنگھ کی سفارش سے پانصد منصب پر سرفراز کر کے عسکر بنگال میں شامل کر دیا، تھوڑے دِنوں بعد یوسف شاہ دیوانہ ہو کر مر گیا''

پروفیسر فِدا حسنین تہٕ چھُ "The Muslim

"Kashmir" ناوٕ کس تصنیفَس منٛز یوسف شاہ ہٕندِ بن آخری دوہن
ہُند ذکر بالکل تتھی اندازَس منٛز کران یتھ منٛز یمہِ برونٛٹھم مورخ قاضی
ظہورالحسن ناظم صابن کوٚرمُت چھُ۔ ڈاکٹر آر، کے پارموچھ پنٕنہِ نس
انگریزی زبانٛی منٛز شایع سپدی مٕتس "A History of
Muslim Rule in Kashmir" ناوٕ کس تصنیفَس اندر
یوسف شاہ تہٕ حبہٕ خوتونِ ہنٛد بن آخری دوہن ہنٛدِ گُزرٕنک حال نوٚمَن
لفظن منٛز بیان کران:

"And so unberable and disgusting was the question of separation to Habba Khatun the loving, doting and accomplished queen of Yosuf Shah, that she became a faqir. Her extant hermitage at Pandchuk is still regarded as a place of Ziarat by the Kashmiris"

جی، ایم ڈی، صوفی چھِ پنٕنہِ انگریزی زبانٛی منٛز شایع سپز مٕژ ''کشمیر''
Some Women of (Kashmir) ناوٕ چہِ کتاب اندر
Note عنوانس تحت حبہٕ خوتونِ ہنٛدِ حوالہٕ تھٕنٛزے زندگی ہنٛدِ اَکھ واتنٛک
واقانوٚمَن لفظن منٛز پیش کران:

"When Yusuf Shah was made to

leave Kashmir by Akbar, Habba Khatun forsook the world and became a hermitess. She built a small cottage near her mosque inthe village Pandachhok, three miles from Srinagar on the Islamabad road and passed the rest of her life in contemplation and is believed to be buried there, though the exact grave cannot be definitely recognised"

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز طرفہٕ پنڈت بیربل کاچرو سٕندِ ''مجموع التواریخ'' تصنیفک پروفیسر بشٕر بشیر سٕندی ذٕسی ترجمہٕ کرنہٕ آمتہِ متنہٕ مطابق چھُ مورِخ یوسف شاہ سٕنزِ زندگی ہٕنٛد بن پٔتی مبٕن دوہن ہنٛزٕ ذٕلیل حاشیہ ہَس منٛز ''کشمیر انڈر دَ سلطانزٕ'' کہِ حوالہٕ یٚیمہِ آیہِ بیان کران ''یوسف شاہ کوٚر بھگوان داسَن ۲۸ مارچ ۱۵۸۶ عیسوی اکبرس پیش۔ اکبرن کوٚر رسُہ معاہدس برعکس قأد تہٕ رام داس پکھواہَس کوٚرُن حوالہٕ۔ بھگوان داسَس ٹٕتی صلاح نامہٕ مطأبق اوس یوسف شاہَس باج دِنہٕ پتہٕ وطن واپس یِنگ حق۔ معاہدس خلاف فأصلس پٹھ آس غأرتَس یِتھ راجہ بھگوان داسَن خودکشی تأنی کرنٕچ کوٚشِش گُرمٕژ۔ پتہٕ اوس یوسف شاہ ڈاینَ ؤرین ٹوڈر مَلنہٕ نِگرأنی منٛز قأد۔ راجہ مان سِنگھنِس

درخاسس پٹھ آوپتہٕ آزاد کرنہٕ منصب تہٕ تنخاہ سپدٕس مقرر تہٕ مان سنگھس ستیٕ آو بہارسوزنہٕ۔ تتہٕ گزٲرنی پریشانی منز دوہ۔ ۱۴ ذی الحج ۱۰۰۰ ھ ۲۲ ستمبر مطابق ۱۵۹۲ عیسوی منز موٗد تہٕ بہارِکس بسوک پرگنس منز سپُد دفن۔ یہ جائے چھِ پٹنہٕ ضلع کِس شمالی مشرکس منز ترٛے میل دوٗر"۔

یُد وے حبہٕ خوتون ہنٛزِ زندگی ہندٕ بن پتیٚمبن دوہن متعلق کانٛہہ تہٕ کتھاہ لیچھی منٛز چھِبن نہٕ اماپوٚز یوسف شاہ سُند بہارس منز پریشانی ہندی دوہ گزارنک مطلب گومُلی کانٛہہ روٗس آسُن۔ "خلاصۃ التواریخ" تصنیف چھِ مرزا سیف الدین مرحومن لیوٗکھمُت تہٕ امیُک ترجمہٕ کار چھ مرزا کمال الدین شیدا۔ کِتاب اندر چھُ یوسف شاہ سُند راجہ بھگوان داسٕس ستیٕ اکبر بادشاہَس نِش گژھُن اکھ المیہ قرار دِنہٕ آمُت۔ امہِ علاوٕ چھُنہٕ تہندِ قٲد گژھنُک تہٕ پتہٕ مرنُک حال اتھ کِتاب منز نظرِ گژھان، البتہ چھُ حاشیہٕ ہَس تحت لیکھان۔

"......تاہم سلطان حسن شاہ حسین شاہ اور یوسف شاہ چک کے عہد میں موسیقی اور رقص نے بہت ترقی کی اور یہی ترقی انحطاط کا پیش خیمہ ثابت ہوئی اور تاج وتخت نے شہنشاہ اکبر کے قدم چومے۔ حبہ خاتون کی شاعری اِسی المیہ کا مرثیہ ہے"

محمد الدین فوق چھُ پننِس "تاریخ کشمیر" ناوِ کِس تصنیفس اندر یوسف شاہٕ سنٛزِ زندگی ہندٕ بن آخری دوہن ہُند حال نوٚمن لفظن منز بیان کران:

''راجہ بھگوان داس یوسف شاہ کو ساتھ لے کر بادشاہ کے پاس اٹک چلا گیا۔ اُس نے یوسف شاہ کے بارے میں اکبر کے پاس بہت سفارش کی لیکن اُس نے ایک نہ مانی اور اسے قید کر دیا۔ جس سے بھگوان داس کو سخت طیش آ گیا اور اُس نے اپنے پیٹ میں خنجر پھونک دی۔ کچھ دم باقی تھے موت سے بچ گیا۔ یوسف شاہ کو پابہ زنجیر کر کے رام داس کچھواہہ کے پاس لاہور بھجوایا گیا۔ دو سال تک تو ٹوڈرمل کی حراست میں رہا۔ اس کے بعد جب راجہ مان سنگھ کابل سے واپس آیا تو اس کی سفارش سے منصب پانصدی پر سرفراز ہو کر راجہ مذکور کے ہمرکاب عسکر بنگالہ میں داخل ہو گیا۔ اس حادثہ نے یوسف شاہ کو دل شکستہ کر دیا تھا۔ چنانچہ تھوڑے عرصہ بعد خلل دماغ کے عارضہ میں مبتلا ہو کر دنیا سے گزر گیا۔ اس مرتبہ اس کی حکومت 4 قمری سال رہی''

بہرحال مورخہٕ ہنزٕن واریاہَن کتھن پٮ۪ٹھ چھِ اختلاف کرنٕچ گنجأیش تہٕ زِن گوجہٕ خوتونِ متعلق چھُن سُوی خیالی تہٕ قیأسی کتھن ہُنْد محاذ کھڑا کوٚرمُت یُس بٮ۪یہٕ تہٕ واریاہَن مورخن تہٕ تذکرٕ نویسن یاتہٕ منہٕ ووزیومُت چھُ نتہٕ چھک اکھأ کی ہنٛدِس نقل کوٚرمُت۔ حبہٕ خوتونِ ہُنْد زمانہٕ کتھ ہیکون زنانن ہنْدِ کھُلم کھُلا تہٕ بےشرمی سان پھیر ٹنگ تھورنک زمانہٕ گُنزرأوِتھ۔ییلہِ زَن أزِ کس وقتس منٛز مستوراتن خاص گرتھ گامہٕ

چھِن آزٲدی سان پھیرَنس تھورنَس ووڈنہٕ تہٕ ٹھاک چھُ۔ الغرض حبہٕ خوتون ہنٛزِ آخری گرِ متعلق چھِنہٕ فوق ہِنٛدِس تصنیفَس منٛز کانٛہہ تہٕ ذِکر کرنہٕ آمُت۔ البتہٕ یٚیمہِ مرضہٕ ستی یوسف شاہ سُند مرُن بیان کرنہٕ آمُت چھُ تمہِ تلہٕ چھ سیٚو دِفکرتران زِ قاؔدگرِ ھِنٛجِ ذلالتھ تہٕ مُلی کانہِ ہنٛز جُدٲیی دوشوے غم اُس تمی اندری ہیٚتمٕتی لہٰذا چھُنہٕ حبہٕ خوتون ہُنٛد بہارَس منٛز واتنُک کِتاب اندر کانٛہہ اِشارٕ میلان۔

پروفیسر عبدالقادر سروری سابق صدر شعبہ اردو، فارسی جموں وکشمیر یونیورسٹی چھِ ''کشمیر میں فارسی ادب کی تاریخ'' ناوِ کِس تصنیفَس منٛز یوسف شاہ ہِنٛد بن پٮ۪تی مبن دوہن ہُنٛد روداد یِتھ اندازَس منٛز لیٚکھان:

''اکبر نے راجا بھگوان داس، شاہ رخ میرزا اور شاہ ظلی خان کو بھاری فوج کے ساتھ کشمیر بھیجا۔ یوسف نے ڈٹ کر مقابلہ کیا، تاہم بھگوان داس کے سمجھانے بجھانے سے اکبر کے دربار میں جانے پر آمادہ ہوگیا۔ اکبر نے اسے اپنے دربار میں ہی رکھا اور کشمیر لوٹنے سے منع کردیا، اور دربار پنج ہزاری منصب اسے عطا کی''

حبہٕ خوتونِ متعلق چھُ ٲمی مورخن تہٕ ٲنی کھلے اناپ شناپ لیٚو کھمُت۔ تہُند یہِ لیٚکھُن زِ حبہٕ خوتون چھِ یوسف شاہن اکہِ پارِ منٛز تُلتھ شاہی دربارَس منٛز واتہٕ ناوِمژ تہٕ یٚیہِ یوسف شاہ سُند ناو چھِ تو ٲرتِکس منٛز بادشاہ

آسنہٕ کہٕ حیثیتہٕ کھوتہٕ حبہٕ خوتونِ ہُنٛد کھاندار آسنہٕ کہٕ حیثیتہٕ زیادٕ مشہور۔ یمن
راین ہُنٛد اظہار کرنہٕ برونٛہہ پزِ ہا موصوفس پورٕ تحقیق کرُن۔ اگر تہنٛدی کنۍ
حبہٕ خوتون یوسف شاہ سٕنٛز شوبِ دار محبوبہ تہٕ ملکہٕ اٲسمٕژ چھِ تیلہِ کیازِ چھُن
تہنٛزِ زندگی ہندِ بن پتۍ مین دوہن ہنٛد روداد لیکھُن مشرٲومُت۔ مہاراجہ
ہری سنگھ سٕنٛدس وقتس منٛز چھِ محمد الدین فوق سٕنٛز "خواتین کشمیر" ناوٕ اکھ
کتاب ۱۹۴۰ عیسوی ہس منٛز شایع سپدان۔ اتھ کتاب منٛز چھ مورخن
حبہٕ خوتون ہنٛزِ زندگی متعلق تہٕ وارِیاہ کینٛہہ معلوماتی کتھٕ بیان کرٕمژٕ۔
موضوع لحاظہٕ یانے زِ حبہٕ خوتونِ ہنٛزِ اٰخری وقتس متعلق یہِ کینٛہہ ہالیو کھمُت
چھُن تمیُک خُلاصہٕ چھُ نومن لفظن منٛز:
"اکبر بادشاہن ییلہِ یوسف شاہ گرفتار کور، ستۍ دژ او حکم حبہٕ خوتونِ
ہنٛزِ گرفتاری ہُنٛد تہٕ، مگر سوٲس برونٛٹھے شاہی محل ترٲوِتھ پانتہٕ چھوکھ گامژ۔
پتہٕ اٲسن تتہٕ اکھ پہر ہناہ بناوٕمژ یتھ اندر فقرت اختیار گرتھ روزمژ اس۔
لۄکو اٲسس جان جان مکانہٕ تہٕ پیش گرۍ متۍ مگر تمس درویش صفت
خوتونِ آو پہر منٛز روزُن وی پسنٛد۔ چنانچہ اتھ پہرِ نٕکھ چھِ تمہِ اکھ مٔشید تہٕ
بناوٕمژ یوسہٕ اَز تہٕ تہنٛدے ناوٕ مشہور چھِ۔ ۱۶۶۴ عیسوی ہس اندر چھِ اتھ
مٔشیدِ منٛز اورنگ زیب بادشاہن پیشن نماز پرٕمژ۔ دپان ڈریاوی سالٕ
گران اوس سُہ اتھ جایہِ ووتمُت۔ مٔشید ہنٛزِ خستہٕ حالت وُچھتھ کرناوُن
اتھ مرمت۔ ییلہِ معلوم گوس یہِ مٔشید کمۍ چھِ بناوٕمژ تمۍ دیُوت اتھ مرمت

کرنک حکم۔ کاٗمل صاٗبنہِ وننہٕ چھِ اَتھ مشیدِ ۱۹۳۸ عیسوی ہَس اندر محمد رمضان عرف رمضان لالٹین نہِ ذٔریعہ بیٛیہِ مرمت کرناونہٕ آمٕژ تہٕ کاٗمل صاٗبُن مزید گف چھُ ''زِ بہٕ گوس پانہٕ اَتھ مشیدِ سام ہینہٕ''۔ تعجب چھ کتھ چھِ یہِ زِ امہِ میانہِ بروٗنہہ صِرف نوٗذری چھِ محمد الدین فوق تی پھران یہِ ''حکایاتِ کشمیر'' تارٕخس اندر لیکھنہٕ اوس آمُت۔ بہرحال اَکھرس پٹھ چھُ فوق لیکھان زِ حبہٕ خوتونِ ہُند مزار چھُ پانتہٕ چھوکھ مزارِ شعراہَس منٛز۔ لہٰذا چھُ فوق تہٕ یہِ حقیقت تسلیم کران زِ سوٗ اَس زندگی ہند بن پٔتمِین دوہن پانتہٕ چھوکھے روزان۔

حبہٕ خوتونِ ہند بن اَخری دوہن تہٕ مرنہٕ پتہٕ چھِ دفن جایہِ متعلق چھِ مزید کینٛہہ معلومات میگزینَن تہٕ خبرنامَن بیترِ منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔ گوڈنیتھے چھُ ٹینگ صاٗنِس ''ہمارا ادب'' کِس ۱۹۷۷ عیسویہَس منٛز شایع سپدِ متِس مشاہیر نمبرس منٛز یوسف شاہس پٹھ لیکھنہٕ آمتہِ مضموٗنک حوالہٕ دیُون ضروری۔ امہِ مطابق چھِ تمہِ یعقوب شاہ سنٛز دفن جائے بسوک (بہار) کِس علاقس منٛز ہاٗوٕمٕژ۔ اماپوٚز حبہٕ خوتونِ ہنٛز قبرِ تتہٕ آسنٕچ چھَن نہ کانٛہہ کتھے کرٕمٕژ۔ موصوفن چھِ ۱۹۷۸ عیسوی کِس اکادمی خبر نامہٕ جلد ۵، شمارٕ اَکِس منٛز حبہٕ خوتونِ ہنٛز دفن جایہِ ہنٛز سوے کتھ باوٕمٕژ یوسہٕ پتھ کُن وٲینہٕ چھِ آمٕژ۔ البتہ چھُن بزرگ برہمنہٕ سنٛزِ کتھِ ہُند حوالہٕ یتھٕ کنہِ دیُتمُت۔ ''یہ قبر یوسف شاہ کی بیوی حبہ بی بی کی ہے'' اَتھی کتھِ پٹھ

چھُ محمد امین کاۄمل صاۄبن یہِ زانُن یوٗ ژھمُت زِ یہِ بُڈ برہمن اوساہتہٕ بدبن ؤ ریَن سانہِ کھوتہٕ یوسف شاہس تہٕ حبہٕ خوتونِ مجاوِر؟

تِتھے کنی چھُ پروفیسر سومناتھ ووکھلو پنہٕ نِس ''دی نایٹنگیل آف کشمیر'' تصنیفس منز لیکھان زِ حبہٕ خوتونِ تہٕ یوسف شاہَس اوسنہٕ اکبر بادشاہَن دوبارٕ رلنگ اِجازت دِیوتمُت۔ بہرحال حبہٕ خوتونِ چھِ قسمتہٕ واجبن اُسمٕژ زِ سوروز مغل بادشاہن ہندِ ٹور پیٚنہٕ تہٕ تھپہ تھوسہ نِشہٕ بچتھ ورنہٕ وُچھتو یمو بلایو چھِ جہانگیرنہِ باپتھ بنگالک گورنرشیر اَفگن قتل کرٕناۄوِتھ تہٕ آشنی مہرالنساشاہی محلس منز واتناوناۄمُت تہٕ پتہٕ یہے ملکہ نور جہاں بنیمٕژ۔

تواٗریخی حوالن تہٕ بیٚیہِ حبہٕ خوتوٗنہِ ہندس باۄتھ وَننہٕ کِس پوٚت منظرس سنجیدگی سان ووٚنت ہینہٕ پتہٕ چھِ یہ حقیقت ٹاکارٕ پاۄٹھی بروٗنہہ کُن آمٕژ زِ قومی سڑکہِ پٹھ آباداَتھ واجنہٕ کِس مشہور یادگاری ''مزارِ شعراء'' قبرستانس منز چھِ زٕ نامی گرامی گونہٕ مات، حبہٕ خوتوٗن تہٕ مہجور دٕ ڈراۄوِتھ۔ اِموجب چھُنہٕ حبہٕ خوتون متعلق بہارُک اِنکشاف ہٹہِ وُسُن لایق۔ شاید ما چھُ مقصداُ کِس اُچھ سورمہٕ تہٕ بیٚیس رَس اَشد لاگُن اوسمُت۔

اُخرس پٹھ چھ حبہٕ خوتوٗنہِ ہندِ کلامہٕ اَندرٕ نوٚم کینہہ باۄتھ یمن منز ژھنڈی وبداکھ پھرٕنی سبدِ سیٚودیزٕرچ نشاندہی کران چھ، یتہِ نِس پیش کرٕنی ضروری۔

تب چھُم بدَنس حبہٖ خوتوٗنے
اِدِ نو آہَم زائہہ تہٖ خبرے
تیٚلہِ یِکھا ییٚلہِ تراونم اَنٛد مزارو
ژٕیٚے رِکھو واتہِ یو میانہِ مَرنے

☆

چانہِ پُژ ژھنڈی موٗ کوہ تہٖ بالو دَرشُن دیتا مو
دَرشنہٖ چانے بہٕ بال بلو دَرشُن دیتا مو
وٕنی چھسیو دِوان کاجہِ تہٖ کالو ہتی نِتا مو
حبہٖ خوتون چھسے مُژ بے حالو لالَو دیتا مو

☆☆☆

# ۱۰۔ شاعرٕ کشمیر تہٕ تہنٛز شعرٕ سوٚمبرن

## مجموعہٕ کلام

تحقیق، تحقُق تہٕ ترتیب

غلام حسن طالِب

(ریٹائیرڈ کے اے ایس آفیسر)

# ترتیب

☆☆☆

# غزل (۱)

دِل نِتھ رئٹ تھٕم گوشے — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ ویسی گرٛھوٕے ہَندے — لائیُن نیاٮ٘ے کتہِ اَندے
لُکہٕ مٔتی کڈِنس رَندے — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

وَلہٕ ویسی گرٛھوٕے بَرے — چھوکھ مےٚ لُوٮ٘ے نَم تبرے
کانژھا سوٗزنم نہٕ خبرے — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ ویسی گرٛھوٕے شأدی پیٚر — وائینہِ تراوس ہأنٛز ژور
سینٛڈ وأنہِ چھلہٕ سےٚ اتھٕ کھور — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

وَلہٕ ویسی گرٛھوٕے ہی ییٚے — یُس مرِ سُہ کتہٕ یِی ییٚے
پراران چھس چانہِ زِی ییٚے — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

☆☆☆

ولہِ ویسی گرٛھوٕے آبَس — دُنیا چھہٕ نِندرِ تہٕ خابَس
پراران چھسیو جوابَس — وَلو میانہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ متہٕ گرٛھوو پوشن — مارہ موٗت یار چھوم روشن

رۄشتھ رُودم گوشن   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ ویٚسی گژھوے کرٕیژھے   لُکہٕ مُتی تُجِنٔس ریژھے
تمن تے میٚون ہیٚو گژھے   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ ویٚسی گژھوے وَن تے   لۆکو برٕی ہَس گن تے
تی بۆز تمی سادن تَے   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ ویٚسی وَسہٕ وَے بۆن تئے   گنہٕ کُے دِمہٕ سَے سون تے
سون میٚون دون موہرن تے   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو

ولہٕ اَز دِے تژاو میٲنی   چھَم منہٕ کامن چاٲنی
أخر چھُ دُنیا فٲنی   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو

آفتابہٕ ژھاران زونے   لانٔین چھُ والان وۄنے
وون اِشارا حبہٕ خوتوٗنے   وَلو میٲنہِ پُوشے مَدنو



وبوھنے:

یہ بٲتھ چھُ نومن کِتابن منزٕ تہٕ درج:

۱۔ ''کُلیاتِ حبہٕ خوتون'' مصنف محمد امین کامل۔

۲۔ ''حبہٕ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' مصنف غلام رسول بٹ

۳۔ ''کلامہِ حبہ خاتون'' ژھأرتہٕ ترتیب غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

اَتھ بأنس چھِ بیٚیہِ تہِ واریاہ بند لوکو پانے بنأوی متۍ، البتہٕ چھُ عبدالاحد صابن ''کشمیری زبان اور شاعری'' کتاب اندر مہجورس تہٕ حبہ خوتونہِ ہنٛدٕ بن بأتن ہُنٛد موازنہٕ کرنس دوران ''ولہٕ متہِ گرٕھوو پوٗشن......'' بند دیُتمُت یُس یتھ غزلس منٛز شأمل چھُ کرتھ تِکیازِ یہِ چھُ مےٚ تہِ اکثر گیٚون والین نشہِ بوزمُت۔

# غزل (۲)

دُنیا چھُ تاون بوز ونہٕ ہأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
جُستس بہٕ چأنس لگے پأری پأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
ژٕ نِ مے دِتہِ موو سمسارس — کینہہ نو لاریوم بأزی گارس
یار بأے تم تہِ نا چھِنہٕ سأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
کیا کرنہِ دُنیاہَس آلیس — کتھ کرِژ مأٔلس ماجہِ زاٮ۪س
تھأوِ نم نہٕ ژٕھۍ برنِن تأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
رٕوہا پٔتۍ مِس کار بارس — وَنتم یارس کیٛا بہٕ دارس
نِچھے لٔدی نم تُمی مے بأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
عشقہٕ نار عاشقن چھُ للہٕ وانو — لولہِ بازرس منٛز سُلہِ وانو
کینہہ ژٕدی نورٕ تہٕ کینہہ نأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے
کینٛشن چونے چھے ارمان — کینہہ مہہ پارے ژٕنے پژاران
حبہٕ خوتونہِ ژٕنی نے زأری — رۄزِ ے نہٕ یادا وأری یے

وبوٚھنے:

یہ بأتھ تہِ چھُ تمن تریشوٕنی کتابن منٛز درج یمن ہُند ذِکر پتھ کُن کرنہٕ آو۔ البتہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر صأبن ہنٛزِ کتابِ اندر چھ کینہہ بند تراونہٕ آمٕتۍ۔

# غزل (۳)

ہارنہٕ تاپےٚ شین زٔن گلہٕ یو بلہٕ یو پنہٕ نے مالِنے

شالہٕ مأر باغس ماگُس رنہٕ یو سونہٕ لانگہِ زولا زالہٕ یو
سُہ نے ڈیشن بۂ تہِ سۆرملہٕ یو بلہٕ یو پنہٕ نے مالِنے

دأدی لَد چھَس تے پتہٕ پتہٕ لاریو پوشہٕ واوِ پٔن زٔن ہرے یو
وِلہٕ نے بوزِہم گلِ ماکلہٕ یو بلہٕ یو پنہٕ نے مالِنے

داہ چھُم گوٗمُت کۆتاہ ونہٕ یو ووشِہٕ مُژرأوِتھ ہاوِ یَو
بازنے تیٚہم ونہٕ نےٚ ژلہٕ یو بلہٕ یو پنہٕ نے مالِنے

لأسن گوہَم پادَن پہمہٕ یو حبہٕ خاتون ماہانہٕ یو
ویژِ نۆن تیلی میژِتل رلہٕ یو بلہٕ یو پنہٕ نے مالِنے

☆☆☆

وبۄھنے:

یہِ بأتھ تہٕ چھُ ترٛیشوٕنۍ کِتابن (کُلیات حبہٕ خوتوٗن"، "حبہٕ خاتون: تواریخ کے آئینے میں" تہٕ "کلام حبہٕ خاتون" منٛز شأمل آمُت کرنہٕ۔ "کلامِ حبہٕ خوتون" چھِ غلام نبی آتشؔ تہٕ ڈاکٹر گلزار احمد راتھر دوشوٕنۍ ہنٛز مقبولِ عام بأتن ہنٛز اکھ لوکٹ موٕکٹ کتاب۔

# غزل (۴)

ہنہٕ لو ہنہٕ لو ہنہٕ لو بال گُجس مُہنہٕ لو

سمبال گُرتھ گرِ بال وڑا ایس جمال چون وُچھنہٕ لو

خُمارٕ ہُتی پیٖم یارٕ سٕندی کونکل شہمار زَن بُو چھنہٕ لو

اَس مے وِیٚسی یے میٖون ہیوگس گو تنہٕ گاٹِھ چھم گنہٕ لو

باز نےٚ تیٖم بزٕ گار گٔرنس ماز نشہٕ وُسخاں چھنہٕ لو

تَس موگرٕھن تَس نشہٕ جُدایی یُس یَس دِلس سنہٕ لو

تس پتہٕ رٲوِم رٕتھ سال دوہ راتھ ژٕتھ یار لوٗگم رٲسنہٕ لو

بہٕ بال وڑا ایس زیٹھنہ رتےٚ تس کُس شیٚچھ واتنہٕ لو

اَسہِ کُن ییہ نے تھکہ، پوٗر لوچرٕن اکہ، اکہٕ گلزار تنہٕ لو

زُوک زٕ دان یوٗری کُن پھیرنا زُو یام روٗدم کامنہٕ لو

اَسہِ اوس خاطرا چھ سانہٕ وُچھن مُچھ کیا گٔیس میأنی منہٕ لو

سُہ لیٖے ییہٕ نا یاوُنن بہار پھُلیاہ اُکی میانہٕ تنہٕ لو

حبہٕ خوتونے پدٕ وٕنی پانہٕ تَس مَدٕہنہٕ منہٕ کامنہٕ لو



وبۄ ھنے:

یہ بأتھ چھ نوٚمَن دون کِتابن منٛز تہٕ شأمِل آمُت کرنہٕ:

۱۔ ''کُلیات حبہٕ خوتوٗن'' از محمد امین کاملؔ

۲۔ ''حبہٕ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' از غلام رسول بٹ

☆☆☆

# غزل (۵)

چھنا مالنہِ دبن گزأری کہٕ بو روزے وأری وِتے

ییٚلہِ ینہٕ مو مٔژی یأری وردٕن انہٕ نمو بازرٕ تے
نألی تژاونَم سونہأری کہٕ بو روزے وأری وِ تے

ڈولہِ میأنے لگہِ سوأری پتہٕ نیرنم ویٚسہٕ کوٚر تے
اَند ژٕے لگو نے تتی بچأری کہٕ بو روزے وأری وِتے

ییٚلہِ ینہٕ مو زٕے گرٕأری پامہِ تہٕزٕے گلہٕ بہٕ تے
تتہِ آسنم اتھ زٕ خألی کہٕ بو روزَے وأریوِتے

ہشہِ دوٕپنم نوش بچأری کیا ژٕے اوتھم مالنہِ تے
زام دِتنم برنین تأری کہٕ بو روزَے وأریوِتے

حبہٕ خوتون ونان زٕأری بار خدایو بوز مےٚ تے
تتہِ رٕچھی زہم دوزخنہِ نأری کہٕ بو روزَے وأری وِتے

☆☆☆

وبوٗ ھنے:

یہِ بأتھ چھُ پتھ کُن حوالہِ دِنہٕ آمژن تریشوٗنی کِتابن منٛز شامل سپُد مُت۔ البتہ کانٛہہ کانٛہہ بند چھُنہٕ قافیہ آوازن ہِتی رلان تِکیازِ پبلشرو تہِ چھ بروٗنٛہہ کالہِ یمن بأتن ہنٛز وانے ڈأجی مٔژ تہٕ تمیوٗک خاص وجہہ چھُ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدِ کلامُک سینہٕ بہ سینہٕ اکھأ کِس نِش واتُن تہٕ پتہٕ وَرتُن۔

# غزل (٦)

مالنہِ گرِ نو دبن گڈ اری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے

ییٖلہِ دوٚیمو مٔژرِ یأری — یوٚرک سامانہٕ لگم نو کینٛہہ
سٕنٛزٕ رَسہٕ کڈنم منٛز بأزاری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے

ڈولہِ ییٖلہِ لدنم سمنم سأری — نوشہِ کورِ دَپنم مہریٛنٛز چھکھ
اَند کوٚری لگینۓ تتیٚ بچأری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے

کرٕ بکھ ییٖلہِ لاگنم سَمنم سأری — ڈکھ ہو ڈلہٕ نَم ییٚتھ مندورے
توٚرٕ کس مُہمس گس منگہٕ یأری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے

عأبد تہٕ زأہد سَمنم سأری — گرٕھنَم کٕلپچ زان گرِتھ
سالہٕ بتہٕ کھینہٕ موٗنرَ تۓ نأری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے

سأ لا کوٚرمے ییٚمہِ سمسأری — اولے پانو کتھ کیٚتھ آکھ
حبہٕ خوتون رٔچھی زبن تمہِ نأری — وأریوو لگے پأرٕ پأری یے



وبوٗ ھنے:

یہ بأتھ تہِ چھُ پتھ گُن حوالہٕ دِنہٕ آمژن تریشوٕنی کتابن منز شأمل آمُت کرنہٕ۔ البتہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد کلامہٕ اَسہِ تام سینہ بہ سینہ واتنہٕ کِنۍ چھُ گُنہِ بندَس منز قافیہ آوازن دُل مُل آمُت کرنہٕ۔

☆☆☆

# غزل (۷)

ژ کمیٚو سوٚنہٕ میانہٕ بزم دِتھ نیوٚنکھو
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

ژکھ ترٲوِ ژٕے ملالہٕ وونہٕ چھے نایوان
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

نبصف راتن بر ژٕتھی ترأوِ مِیو
ساتھا یکھنا ژٕے

پھیرٕ چھنہٕ کینٛہہ تہٕ پھیرٕ چھکھ پاوان
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

مدن وارو بدن زو لعتھم
گوژہم مے آدن ژٕے

بادام چشمو خوٗن چھسیا ہاران
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

شراون شین زن بہٕ گلان آلیس
یاون پھوٚجسے بہ ہی

چونے باغ تے ژٕے وَلو چھاوان
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

زولہٕ چھم نایوان مولہٕ چھکھ والان
غم چھم وأنجہٕ سُے

زأنہہ چھکھ نہٕ دومُت سینہٕ شیہلاوان
ژے رِکھیو گیٔی میأنی ژٕے

ژھاراں لوٚسس کوٚہن تہٕ بالن سوران آم بالہِ دٕ ن
رَنہٕ مژ نعمژ چھوہم ڈولہٕ ناوان ژٕ ے رِکھیو گیٔی میأنی دِ ے

تَن چھِس ناوان، جامہٕ چھِس پأران ہاوان چھسیا چأنی درِ ے
پنہٕ نِس پانس گرزایہِ چھکھا ماران ژٕ ے رِکھیو گیٔی میأنی دِ ے

اوش چھس تراوان بہٕ ژالہِ ژالے مےٚ بالہِ گوٚژھُم ژٕ ے
ژٕ کوو وتہٕ میانہِ آکھ مُشراوان ژٕ ے رِکھیو گیٔی میأنی دِ ے

حبہٕ خوتوٗن چھے ارمان کھوٚوان گَرمےٚ نہٕ زانہہ بنٛدٕ گی
یاوُن رووُمت چھُم یاد پاوان ژٕ ے رِکھیو گیٔی میأنی دِ ے



وبوٚ ھنے:

یہ بأتھ تہٕ چھُ ترٛیشوٗنی کتابن منٛز شایع سپُد مُت ۔ یتہِ نَس چھ یمہِ کتھہِ منٛز بأوتھ کرِنی تہِ ضروری زِ گامن اَندرٕ لاے ونہٕ ون واجہِ نوٚ تہٕ ننٛیندرہو منہٕ ووزٕ ہمتی بند تہِ اَتھ کلامَس ہستی تہٕ یتھٕ کنی گےٚ اتھ اندر ہُر یمانہٕ گیوٗن بند شأمل ۔ یِچ ذکر کامِل صأبن تہِ کوٚرمُت چھُ ۔

# غزل (۸)

پھولہٕ وُنہِ زتھِٹے چھےٚ میوٚن سالو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
سرٕ کھوٚت پمپوش ماران ژھالو    برٕ ما گرٕژھِ گل زار
برٕنا چھُھم چون زرٕ ڈانبلو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
سمٕی توٗی سُندرو بُمبرنہِ آنگنہٕ    یٔندراز لاٗجیو مے
یٔندراز باغس ماران ژھالو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
ہنگہٕ ییٚلہِ زُرُوسہِ رنگہٕ ماسہٕ ڈلو    رنگ ما سپدس بد
پرٕنگہٕ ما والنٔے رنگہٕ بلبلو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
اِی مےٚ لیٚو کھٔنم روزِ اَزلَو    کاٗتیاہ گرٕی مَس ژھل
قاٗفلہٕ دوٗریوٚم تہٕ کور پلو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
ژھاران لوٗسس کرنہِ تہٕ لولو    گاراں روزسَے ژٕے
کُنہِ کِنٕی درشُن دِتمو لالو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن
گرٕ ییٚلہِ دژٕ ایَس کمہِ تان حالو    مورِ نار للہٕ وُن پیوٚم
حبہٕ خوتوٗن وٗنی عشقہٕ مِثالو    اَز وَلو مالٕیِن میوٚن

☆☆☆

وبوٗد:

یہ کلامہ چھِ محمد امین کأمل، غلام رسول بٹ تہٕ غلام نبی آتشؔ، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر ژۄشوٕنی ہنٛزن کتابن منٛز درج۔ ووٗنی گواکھ شعر ۲۲ ہمی تو سُندرو...... چھ ہُر یمانہٕ تکیا زِ یہِ شعر بوزٕناوس بوأ کی پرأنی گیون وألی تہٕ ہیٛیہِ گوم کتھ تام کتاب مٔنز تہِ نظرِ۔

# غزل (۹)

مےٚ ہا گری ژےٚ کتی پوشہِ دسوانے
چھاو میأنی دأنے پوش

بہٕ چھسے زمین، ژٕ چھکھ آسمانے
سیرس ژٕ چھکھ سرپوش
بہٕ چھسے نعمت ژٕ چھکھ میزمانے
چھاو میأنی دأنے پوش

لأگے گٹہِ منز ژونگ زاجانے
بالے روٗدُس نہٕ ہوش
ژٕ چھہم شمع بہٕ چھُس پروانے
چھاو میأنی دأنے پوش

بہٕ چھسے ریہل ژٕ چھکھ قرآنے
پرنک تھوتھم نہٕ ہوش
پأدٕ کُنہِ گژھکنا ہا قرآن خوانے
چھاو میأنی دأنے پوش

رنگہٕ رنگہٕ تھوری آمی کژالن بانے
بیٚون بیٚون گری نکھ نقوش
کینٛہہ دژا یہِ ہٕلی گلی کینٛہہ جانانے
چھاو میأنی دأنے پوش

رَ ژھ رژِھ ربتہٕ کول چھم سورانے
برٕ ما گژھن اچھِ پوش
کُنہِ ژِتہٕ بُلبُلو پتہٕ اکہِ آنے
چھاو میأنی دأنے پوش

بَم تے زِلہٕ چھِس سوز وایانے وِلہٕ نے تھوو تھم نہٕ گوش
کم کیاہ گویو یِیمہٕ میانہٕ وانے چھاو میأنی دأنے پوش

برگہٕ تیٖر اأسس پیٖٹھ دریچہٕ خانے رٕو دُم تہٕ مازرٕ جوش
اِدِ یِکھ یِیلہٕ بال سور پانہٕ ہانے چھاو میأنی دأنے پوش

ژأرِتھ اأنی مے پھمبہٕ مویانے جانانہٕ مےٚ موٚ روش
ووج دِتھ حبہٕ خوتوٗن ونان پانے چھاو میأنی دأنے پوش



وبوٗھنے:

یُد وَے زن یہِ غزل چھِ غلام رسول بٹ، محمد امین کأمل تہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھرٕ ژوشٕنی ہنٛزن کتابن منٛز درج، اما پوٚز حبہٕ خوتونہِ ہنٛد کلامہٕ سینہٕ بہٕ سینہٕ اَسہِ تام واتنہٕ کِنی ہیکن اَتھ منٛز لفظن ہنٛدِ ہیرٕ پھیرٕ کِنی خبر کأژاہ غلطیہ اأستھ۔

# غزل (۱۰)

چھِیا بُرٕ بُرٕ مَس پیالو    وۄتھو لالو نِینٛدرے

اَچھ پۄشن کرے بۂ مالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے

وازِٕ أنی تھِی کرے سالو    تازٕ مارے شِکار ماز

رازِٕ ہنٛزِ یانہِ وۄلتھم نالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے

کۄر زٕبن یِکھ وَلنہٕ زالو    کۄر زیٚنہٕ روزِی پام

ہٕہہ أسِتھ بنکھ شالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے

دورِ وُچھمکھ یوسفُنہِ خالو    چھیٚس زُلیخا بے تاب

تھامہِ گُرتھس کر سنبھالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے

بابَس ناو چھُم سید البہار    ماجہِ ناو بدَو الجمال

سیّد کۄر چھس پُر کمالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے

نبہٕ یاوَنس پھُلَے أنجُرمو    تَب عشقُن کریٚوٗٹھ پیٚوم

حبہٕ خوتونہِ وۄنی مِثالو    وۄتھو لالَو نِینٛدرے



وبوٚھنے:

محمد امین کأمل صأبس چھِ صرف شےٚ شعر اَتھِ لگہٕ متی یِیلہِ زن غلام رسول بٹ صأب تہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر ترٛیشوٕنی ہنٛزن کتابن اندر أٹھ أٹھ شعر درج چھِ۔ لفظن ہُنٛد کنفیوژن روز موجود تِکیازِ حبہٕ خوتون ہُنٛد کلامہٕ آو سینہٕ بہ سینہٕ سُٕنٛز راونہٕ تہٕ ورتاونہٕ۔

# غزل (۱۱)

گاہ چون پیٛوان گٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا
یاوَن میٛانہِ کرِمز پٹہِ کمِٛو وانہٕ رَنگنے آکھ
مےٚ نو زون اُٲھر ژَٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا

آبس بُو وُڑھس گٹہِ نوٚٹ موٚٹھمو یارے بل
وِزرٕنہِ واوٕ نوٚٹ ما پھٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا

حورٕ لٲل وژایَس گٹہِ ژورٕ بائے پیٛومو ناو
سونٕہ گن تہٕ لدٕرٕ ہٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا

یار میٛون چھُ جمالٹہِ کمال تَس چھُم ناو
سُہ چھُم تتہِ بہٕ گَس مٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا

یار ییٛلہِ یارٕز ژٹہِ محبت نہ روزان سوٚر
یارٕ دادِ وٲنج پھٹہِ اکہِ لٹہِ یہم نا

**وبوھنے:**

یہ بأتھ تہِ چھ محمد امین کأمل، غلام رسول بٹ، تہٕ غلام نبی آتش،
ڈاکٹر گلزار احمد راتھرژ ہ شوٕنی ہنزن کِتابن منز درج۔

# غزل (۱۲)

وُچھتے وِسی یے کھٔند بہٕ زالیس   باگنز آیس گھندے تام

دوہہٕ اکہِ کٔمی تام دۄرِ وُچھالیس   وتہٕ گتھ لاگتھ پتہٕ پتہٕ آم
گرِ یام ژایس حِتہٕ بێیہِ دڑالیس   باگنز آیس گھندے تام

دوہہ اکہِ رسہٕ رسہٕ ماجہِ نش ژایس   ظون گوم گتھ نَے بنہِ چھم پام
تَس نشہِ گتھ وَننس منڈ چھایس   باگنز آیس گھندے تام

دوہہٕ اکہِ مائلی ماجہِ نگرِ ہرشایس   شہرٕ چ أئسس وأژس گام
کیا کرِ پۄشس نہٕ لانز نیالیس   باگنز آیس گھندے تام

دوہہٕ اکہِ ملیہِ سان مالین گیالیس   ڈبکہٕ بجہِ کاکنہِ دِژنم پام
ڈبکہٕ رِژ زبونے کونہٕ مویالیس   باگنز آیس گھندے تام

وبژھنے:

محمد امین کامل تہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر یمو تریشوے چھُ یہِ کلامہ ہو بہولیو کھمُت، اما پۄز یہِ بأتھ چھُنہٕ غلام رسول بٹ صأبنہِ کتاب اندر شأمل۔

# غزل (۱۳)

وأرِوٚبن ؠِتی وارِ چھس نو چارِ گر میٖون ماِلنیو

گرِ بۄ درٛایَس آبۄ نٔٹس نوٚٹ مےٚ پھُٹمو ماِلنیو

یاتۄ دہتو نٹہِ نوٚٹا نتۄ نٹہِ چے ہاِر ماِلنیو

شُری پأنَس سِنٛدٕر گیہِ مو وُڈٕر کھسُن کُڈُر پیٚوم

کترِ ژھاران کترٕ سٔنز مو ویٚترِ نوٗن پیٚوم ماِلنیو

ہَشہِ لأیِنم ٹوٚپہِ سے تھپھ سُے مےٚ گومو موتۄ کھوتۄ سخ

یٔنٛدٕر بچِہ پپٹھ نِنٛدٕر پیٚمو ژٔکر پھُٹمو ماِلنیو

یارِ دادے تارِ گیہِ سو بار بُکھ چھم آمتُوے

حبہ خوتوٗنہِ وون اِشارا دِل ہُشارا ماِلنیو



وبوٗھنے:
یہِ بأتھ چھِ محمد امین کامل، غلام رسول بٹ تۄ غلام نبی آتش تۄ تُہنٛد ؠِتی بوٗجِ ڈاکٹر گلزار احمد راتھر ژوشِٕنی ہٕژن شعرِ سوٚمبرنن منٛز شأمل۔

# غزل (۱۴)

تُلو نار چھُم للہٕ وُن مؤرے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

مائلِ ماجہِ رٔچھنَس قنٛدٕ کوستؤرے دودٕ ہتی اَسم تن ناوان

سُے پان لوگمو راہ مُسافورے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

مائلِ ماجہِ رٔچھنَس لولہٕ کیاوؤرے ساسہٕ بزِ ژونزٕ آسَم سُلہٕ وان

مےٚ نو زانیٛو لگہٕ یِیمہِ کھؤرے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

مائلِ ماجہِ ترٲونَس سبقس دؤرے اوخنن وونم مؤرے پان

آرٕ روسی تلِنم نارٕ تمبورے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

مائلِ ماجہِ ہَرشایَس ییٚلہِ دورے پتہٕ پتہٕ دژایَم وبسہٕ ونوان

ہولہٕ گوم أندری لولہٕ تالؤرے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

مائلِ ماجہِ وونَم ڈکہٕ بجی کؤرے وأریو آنگنہٕ چھی پراران

رنگہٕ ڈولہِ آسَم روپہ کوٚ ندؤرے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

بُوچھسے ییٚتہِ تے ژٕ پٔچھِہَم دورے دوشوے دژایے جانی جان

مےٚ نو زانیٚو لودمُت لؤرے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

دَے نے دِیہِ تے ڈکہٕ نے پورے وَے مُژ آسیاہ کأنسہِ پوشان

موئے چیٚو وحبہِ خوتونہِ ٹورِٹورے کأنسہِ ما رأوِن شؤرے پان

وبو ھنے: یہِ بأتھ چھِ تمن سارِنٕے شعرٕ سومبرنَن منز شأمل یمن ہنٛد پتھ کُن ذِکر کرنہٕ آو۔

# غزل (۱۵)

تھوونم رُمہٕ رُمۍ چھُمۍ بالے تمنا

دوسہِ پیٹھ وُچھونۍ توسہٕ پوشر گنڈسۍ
غوصہٕ کیا روٹونۍ چھُمۍ بالے تمنا

برٕ کنٔ وُچھونۍ گرٕ کُمی ہوو نسۍ
زرٕ زرٕ تھوونۍ چھُمۍ بالے تمنا

دارِ کنٔ وُچھونۍ کأر ووٕ گنٔ دُرداُنٔ
تارِ دِل کوٚرنۍ چھُمۍ بالے تمنا

ووگہٕ پیٹھ وُچھونۍ شوگہٕ لأ ِگتھ بولنم
روگہِ روگہِ گوم گمۍ چھُمۍ بالے تمنا

کاُنٔ پیٹھ وُچھونۍ واُنٔ لأ ِگتھ آنگن ژام
داُنٔ داُنٔ گاٗجمۍ چھُمۍ بالے تمنا

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| پشہٕ | پیٹھر | وُچھونے | لشہٕ | نارٕ | زأجہٕ نسے |
| پشہٕ | پشہٕ | تھۆونۍ | چھُمے | بالے | تمنا |

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| پۆت | زۄنہٕ | وُچھونۍ | مۆت | لأرِگتھ | کۆت آم |
| لۆت | کوٕہ | لوگونۍ | چھُمے | بالے | تمنا |

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| یارٕہ | بلہٕ | وُچھونۍ | مارٕ | کُرنَس | آرٕ وَل |
| نارٕ | پان | زولنۍ | چھُمے | بالے | تمنا |



وضاحت:

یہِ بأتھ چھ ہو بہو محمد امین کامل تہٕ غلام رسول بٹ دوشوٕنی ہنزن تصنیفن منز نظرِ گژھان۔ البتہٕ غلام نبی آتش تہٕ ڈاکٹر گلزار احمد راتھر صأبن چھنہٕ یہِ پننہٕ "کلامِ حبہ خاتون" ناوچہِ کتابِ اَندر شامل کوٚرمُت۔

# غزل (۱۶)

توہہِ ما ڈیوٹھوَن سُہ ہے تیٚمی بۄ دوہے گاٚجنَس

ژُلہِ کتر لوٚگُم پوہے تاپۍ ہاَرن گاٚجنس
جوٚین لاٚجنس دوہے تیمی بۄ دوہے گاٚجنس

پتھ وٲنچ اٚسس بوہے اٚمی گوٚٹلۍ واٚجنس!
ژٔنڈن دارس کوٚرنم توہے تیمی بۄ دوہے گاٚجنس

کیا لیٚوکھنم ازلہِ لوحے اَستہِ اَستے زاٚجنس
حبہِ خوتون وٲجس موہے تیمی بۄ دوہے گاٚجنس



وبوٚھنے:

محمد امین کاملؔ صابن چھُ ''کلیات حبہِ خوتوٗن'' ناوِ کس پننِس تصنیفس منز لیٚوکھمت، یمہِ باٚتہِ چھر اٚکیم بند چھُ ''کلامِ حبہِ خاتون'' ہس اندر تہِ گوڈہُر وراٚے اٚکیم تہِ دوٚیم بند اصلی موسیقی ۲۵ اندر درج''۔ غلام رسول بٹ تہِ غلام نبی آتشؔ، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر، ترییشوٚنی ہنزن کلیاتن منز چھنہِ یہِ باٚتھ درج۔

# غزل (۱۷)

آلوَن چانۍن بہٕ پان آلوٚ لالوٚ پِتا مو

چانہٕ پٕژ ژٔھنڈری مو کوہ تہٕ بالو درشُن دِیتا مو
درشُنہٕ چانۍ بہٕ بال بلوٚ لالوٚ پِتا مو

ہنہٕ ہنہٕ منڈٕرے سوبو بالو پایَس پِتا مو
نیٚایَس واتمو کٔرٕ تمو زالو لالوٚ پِتا مو

وٕنۍ چھسیو دِوان کاجہٕ تہٕ کالو ہستی نِتا مو
حبہٕ خوتون چھسے مٔژ بے حالو لالوٚ پِتا مو



**وبوٗھنے:**

یہِ بأتھ چھ غلام رسول بٹ تہٕ محمد اَمین کامِل صابنن کلیاتن اندر درج تہٕ ژھراوِتھ۔ باقی کُنہِ کلیاتَس منز گوم نہٕ نظرے۔

# غزل (۱۸)

ژٕ رٕس دٕبن کھو برٕیو مدنو
مدنو لٕدیو دأن پوش تہٕ ہی

ژھاران لۄٕسس کوہہ نٔے وٕنہٕ نو
ڈٕپی توس ژٕ کمو پرٕزے چھے
یِتہٕ مو بالہِ چھم مٕے چأنی لادنو
مٕدنو لٕدیو دأن پوش تہٕ ہی

ہانٛژِ کمہِ وژانٛژِ ہستی کٹرٕنم بدنو
ڈٕپی توس بال ییٚلہِ راوٕے بُو
اَسمان تہٕ زمین واتکھ اِدِ نو
مٕدنو لٕدیو دأن پوش تہٕ ہی

حبہٕ چھُھم نہٕ پھیران وۄتھم مدنو
ڈٕپی توس رۄزِس نہٕ ادأیی
حبہٕ خوتونہِ چھَم وٕدٕنس ژھبدنو
مٕدنو لٕدیو دأن پوش تہٕ ہی

وبو ھنے: یہِ بأتھ تہٕ چھُ غلام رسول بٹ تہٕ محمد امین کأمل سند بن کلیاتن منز درج باقی کُنہِ کتاب اندر آم نہٕ نظرٕے۔

# غزل (۱۹)

یار میٲنے یاوَن رایے   منٛز سرایے لۄُسم دوہ

کیٲزِ زایے کونہٕ مویایے   پٔو کتھ کیُوت سوٗندر ناو
کاٗلی وُسن چھوٚی میٚژِ شایے   منٛز سرایے لۄُسم دوہ

دُورِ دُنیا بوزتو فنایے   تورٕ روستُوی لَدنۓ آو
کۄر مےٚ ساٲلا یرٕوُنہِ نایے   منٛز سرایے لۄُسم دوہ

باغِ بوستان بُلبُل آیے   منٛز چمنَن مأرِکھ ژھوہ
گُل گیہِ برٕ بُلبُل ضایے   منٛز سرایے لۄُسم دوہ

تتہِ گٲری زبم پٔژن سایے   یێتہِ آسبم محشرُن تاو
حبہٕ خوتون نادا لایے   منٛز سرایے لۄُسم دوہ



وبژھنے: ''کلیات حبہٕ خوتون'' (امین کاٲمل) تہٕ ''حبہٕ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' (غلام رسول بٹ) دوشوٕنی منٛز چھُ یہِ بأتھ درج۔

# غزل (۲۰)

پوشہِ باغس دِمہٕ سےَ وون یے　　مدُن کور کُنیے گو

چون فِراق چھُم للہٕ وُونیۓ　　سون کُن تے لگہِ ہی ناو
وَنتہٕ کتھ کیُوت میٚون آسُنیۓ　　مدُن کور کُنیے گو

اوڑھ زٕ میٚون گوڑھ لسُنیے　　پٕڑھ نے یور روزنہِ آو
کاٖلی آسبم گرِ گرشُنیۓ　　مدُن کور کُنیے گو

رژٕ تولی توٕلی رٕدُم چھونیے　　مژٕ نخقن گوم کاو کاو
وون صاحِبس حبہٕ خوتونیۓ　　مدُن کور کُنیے گو



وبھٕنے:

یہِ بأتھ چھُ محمد امین کأمل تہٕ پیٚہِ غلام رسول بٹ سٕنزن کُلیاتن منز درج سپُد مُت۔ باقی گوم نہٕ کُنہِ کتاب منز نظرے۔

# غزل (۲۱)

گِندِ نے دژایَس توٗرِ گیٖسورٕسِتھ    دوہ درِیامت لوٗسِتھ گوم

لرِ منز آٔسس بُرقع کُسِتھ    بَرٕ یینٛلہِ دژایس لوٗگُم ناو
ونہٕ کی تپہٕ ریٛشہ تپہٕ آیہِ وٕسِتھ    دوہ دَرِیامَت لوٗسِتھ گوم

وانَس اوسُم مالا ژٕسِتھ    سورُوی عالم وُچھنے دژام
مال یینٛلہِ رووُم موٗل گوم وٕستھ    دوہ دَرِیامَت لوٗسِتھ گوم

پشہِ پیٛٹھ آیے شِنہٕ تھرٛس وٕسِتھ    بونہٕ کنہِ منڈنے دژایَس کھرٛاو
لگی وتہٕ واوَس آٔسی یم بُسِتھ    دوہ دَرِیامَت لوٗسِتھ گوم

مالِنہ میأنی ارباب آٔسی    توَے دژام حبہٕ خوتون ناو
گَم گَم گنٛدرَ آیے ژٕسِتھ    دوہ دَرِیامَت لوٗسِتھ گوم

وبوھنے:

یہِ بأتھ تہِ چھ ''کلیات حبہٕ خوتون'' تہٕ ''حبہ خاتون، تواریخ کے آئینے میں'' دوشوٕنی کِتابن منز درج ''مالِنی میأنی ارباب آٔسی'' مصرعہ بلکہ یہِ سورُوی بند چھِ حبہٕ خوتونِ ہندِ خاندانک تہٕ ناوپینٛگ اَکھ سکہ ثبوت بنان۔

# غزل (۲۲)

ژھلہِ دِل ہے کڈِتھ نیوٚنم ناد لایس پھیرنایے
بال لوٚژھس بال ژھنڈان بالہِ دَرشُن دِیہ نایے
ویرِ تُھنزے بال دژایس ناد لایس پھیرنایے
پیتہِ ویٚسی توٚری گژھوس موٚت رَٹون نالہِ یے
مالہِ ینٚم نالہِ کڈِتھ ناد لایس پھیرنایے

# غزل (۲۳)

ویرِ ہیتھ رود ہم بوٚمبوٚرو بال مرَے تہٕ کل چھم چأنی
أرنہِ رنگ گوم چانہِ امارو ییٚیہ میلتو پنہٕ نے شایے
تیر عشقُن کُہو سَندارو بال مرَے تہٕ کل چھم چأنی
گبوان دژایس مٔنزی شہارو رِوان ژایس ژٔے روسِتۓ
روز دَما بوزتَم زارو بال مرَے تہٕ کل چھم چأنی



وبوٚھنے: یم دوشوے بأتھ چھِ محمد امین کامل سٔندِس کلیاتس منز درج۔
امین کأمل صأبن چھِ یم بأتھ ساروے آگروپیٹھ ژھأرِتھ جمع کٔری متۍ۔

# غزل (۲۴)

ءگس ءگس مو کرہا یندرو        کنزٕبن پھلہِ لہہِ ملأیو

ڈبہِ تلہٕ کأر ٹُل ہا سُمبلو        یئٔبرزل پیٔالہٕ ہیٚتھ پراران چھس
ہی تھٔر چھس تے دۏ بارٕ پھولٔیو        کنزِٕبن پھلہِ لَہہ ملأیو

یُومبرٕنہِ آنگنہٕ پڑاریو بو وولو        تتہِ چھے سٔدرے میٔانہِ روزان
یندرَے کرنے، اتھٕ کھور چھلیو        کنزِٕبن پھلہِ لَہہ ملأیو

ؤرِدِ کمہِ لأجتھس گردَنہِ ژھلو        بالہٕ پان سوٗریوم آہم نو
حبہٕ خوتون یِنہٕ چانے بلیو        گنزٕبن پھلہٕ لَہہ ملأیو



وبوٗھنے:

یہِ بأتھ چھُ محمد امین کاملؔ، غلام رسول بٹ تہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھرٕ ژوشوٕنی ہٕنژن کِتابن منز شایع سپُد مُت۔

# غزل (۲۵)

مدٕنَس مدَن وارَس تَے دَستے کرأیو بَرے
قاأفلہٕ دوٗریوم اَستے پرِوانہٕ آم نہٕ گُنے
یُورِ گوم توٗرِ لارَس تَے دَستَے کرأیو بَرے

ہے وِیٚسی لگے ناوَس تَے زُوِہ یار گوم گُمے
لأجنَس بہٕ پان مارَس تے دَستَے کرٔیو بَرے

رٔنٛو آرِ کی ہُنٛدرے مُتی آہکرِ ملرَ چھنٛدرے ہٕتی
لاران زَن مأنس تۓ دَستَے کرأیو بَرے

ہنگہٕ نٕے زرٛز ژام اَستے رنگ ہو لوٗگم چھتہٕ نے
منگہٕ کیا لوکچارَس تے دَستے کرایو بَرے

لأالہِ تہٕ مجلوٗنس تے تمن دوٗن پیوٚ عشقہٕ نیاّے
زنٛدٕہ ژایہِ اَنٛد مزارَس تے دَستَے کرأیو بَرے

یارب چھسے بے کس تے حبہٕ خوتوٗنہ عرضا بوز
کرِ کیا روزِ محشر تے دَستے کرائیو ببرے

وبوٚ ھنے: یہ بأتھ چھ محمد امین کأمل تہٕ غلام رسول بٹ دوشوٚنی ہنزِ ن کِتابن منٛز درج۔

# غزل (۲۶)

یێتہٕ چھی سأری عاشق دپتہٕ اَتھ کیا معنہ تےٚ
نیٚاے لائیٚن وَنتےٚ کُس أنزرأوِتھ زانہِ تےٚ

تَس میأنس معشوقس مُچھ کیا گیہِ منہِ تےٚ
پننہٕ روٗٹھُم تنہٕ پیٚیم زألی ڈبن ہائے تےٚ
مائے مُشِم نہٕ پَتھ زُوس زُو روٗدُم کامنہِ تےٚ
نیٚاے لائیٚن وَنتےٚ کُس أنزرأوِتھ زانہِ تےٚ

ڈبکہٕ رُوستے کور ودان میٚون ہیٚو گس بنہِ تےٚ
گوم جُدا دبد تہٕ باہے بیٚیہٕ میلن نائے تےٚ
أسی ودان نالہِ دِوان گرٕ یھنہٕ مَت لوٗگ زونہِ تےٚ
نیٚاے لائیٚن وَنتےٚ کُس أنزرأوِتھ زانہِ تےٚ

گُلِ مِرجان پھولنأوِنے گُل مألِکِن تۓ
سُلہ وٲتِھتھ لگی سأری جاناوار بولنے
مأرِ مٔنڈی مےٚ پان ہووَنم ہأر گولابن تۓ
نِیاے لانیُن وَنتۓ کُس أنزرأوِتھ زانہِ تۓ

حبہٕ خوتون صاحبَس کُن أرِزویاوَنہِ تۓ
بارٕ صاحبو گر تہٕ سأرنِے جنتَس جائے تے
تیمی نہٕ کینژھا ارزُت تَس تتہِ کیا بنہِ تۓ
نِیاے لانیُن وَنتۓ کُس أنزرأوِتھ زانہِ تۓ



وبوڑھنے:
یہِ بأتھ چھِ امین کأمل صأبن پٔنِس تصنیف "کُلیاتِ حبہٕ خوتونس"
منز شأمل کٔرمٕت۔ بیٚیہِ گونہٕ مےٚ کُنہِ تہٕ کتاب منز نظرِ۔

# غزل (۲۷)

وأرے میأنے پھٔلی گُلِ لالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

حبشک وُونی چھے سِیاہ خالو
چھِنِس منز باگ ماران ژھوہ
سۄرت بندر چھُ ہِنان مالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

جامَن وۄرِتھ موختہٕ تہٕ لعلو
روپہٕ تنہٕ ما داغ اژنے
وعدٕہ کر آدا، جامہٕ کرٛ نالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

تیُوتھ مَس دِتمو ہا کلہٕ والو
یُتھ پیٲلہٕ گرژھیم مالا مال
کینٛہہ چھِوی مَس چیٚتھ کینٛہہ بےحالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

گامن بہتھے چھوی میون سالو
شامَن وعدٕہ چھوی بوئنن تل
پامَن لأجتھس جامہٕ چھڑالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

دُورے ڈیُوٹھمک یۄسفنہِ خالو
زون زَن شۄبان پیٹھ عالمس
پۄد وٲنی حبہٕ خوتُونہِ پُرکمالو
ہا متہِ لالو، لول ہو آم

☆☆☆

وبۄ ھنے:

یہِ بأتھ چھ امیِن کأمل صأبنس کلیاتس منز درج۔ اماپوٚز مطلع چھُس ''وارے یانے پھٲلی گلِ لالو۔ ہاولولالوأتی مے'' پتہٕ چھُن فٹ نوٹس منز ہا ولولالولول ہوآم (اصلی موسیقی) بیتر لیٚو کھمُت۔ بہرحال بیٚیہِ کُنہِ کلیاتس اندر چھُنہٕ یہِ بأتھ شایع سپدٕنس یانہ سپدنس تصدیق کرنہٕ آمُت۔

☆☆☆

# غزل (۲۸)

لُجہ پھُلے اَنَد وَنن ژےٚ کَنَن گوٚے نا میٚون

لُجہ پھُلے کولہِ سرَن ووتھوٚ نیرِہن کھسہِ وو
پھُجہ یُوسم گلشنن ژےٚ کَنَن گوے نا میٚون

لُجہ پھُلے دوٚر گامَن ووتھوٚ مالیُن گرِ ھوو
پھُجہ کوسَم تتہِ نین ژےٚ کَنَن گوے نا میٚون



وبوٗھنے:

یہِ بأتھ چھِ امین کأمل صأبنہِ کتابے یوت منز درج، بیٚیہِ گوم نہٕ کُنہِ تہِ کتاب منز نظرِ۔

# غزل (۲۹)

آلو چانہِ بہٕ دوبلہٕ
لالو کلہٕ آلہٕ وَے

کھتو دوٗد بتہٕ بیٚتہٕ الکہٕ
چھتو پیٚالہٕ پیٚاپے
کرٕیو آرٕ ولَن مالہٕ
لالو کلہٕ آلہٕ وَے

دود ہَر روپہ تتنے ملہٕ
مےٚ چاٗنی گل گنے یَم
ژندن وآنِ بہٕ تَن چھلہٕ
لالو کلہٕ آلہٕ وَے

باٗلس زوٗن ژٕجس ژھلہٕ
ژٕہ کتہٕ زولہٕ گاٗمژ چھےٚ
بروٗنژاہ چھس تہٕ پتو ڈلہٕ
لالو کلہٕ آلہٕ وَے

طوطس بیٚور زاگان ژھلہٕ
مےٚ تس پان پُشرِمے
موتس نِشہٕ کوتو ژلہٕ
لالو کلہٕ آلہٕ وَے

خوف ہیتھ گرِ کوٚت درٕ اکھ ژھلہٕ
خُفتن کونہٕ گزاریوٗتھ
حبہٕ خوتونہِ دوٗنےٚ "بلہٕ"
لالو کلہٕ آلہٕ وَے



وبوٗھنے: محمد امین کاٗمل صاٗبس ورائے چھنہٕ یہِ باتھ بیٚیہٕ کاٗنسہِ بروٗنہہ کُن اوٗمت۔

# غزل (۳۰)

نیرِ نیر سُہ دَے یار ژھانڈون ویرِ پَننہٕ شیٖیَ
منہٕ ڈِے ینہٕ میأنی گیہِ سے تنہٕ مُٹھ سَے لیٖیَ
زۄنہٕ پچھ ہیے گٹہٕ گیہِ مے تمی رَچتم ہیٖیِ
کوسہٕ پَرزٕنی پیٚیس دایَس رۄدُم پَر دِشیٖیَ
کارِ لأتِنم نارٕ کرتل دارِ اوش چھُم جویٖیِ
سٕنی تہٕ وۄگنز ؤنی بہٕ دِمہٕ سَے رۄدم کتھ سَن شیٖیَ
لأنی نیایَس کرٕ کیا ویٚسی برٕ گُرنَس ہیٖیَ
گُل بادمَن لٕجی ما پھُلیاہ وُچھنہِ کونہٕ پیٖیَ
بالہِ تمی سُنٛد خالِ یوسف سۄر عالم لیٖیَ
مَس دِیوتنَم کلہٕ والن حبس پھیۄرم مےٚ ییٖیَ
گَس نشہِ وَنہِ حبہٕ خوتون تس تہِ داما وَیےٖ

نوٹ:

یہِ بأتھ چھ امین کأمل صأبن پننس کلیاتَس منز اُنمُت۔ باقی گونہٕ مےٚ بیٚیہِ کُنہِ کتاب منز درٕ ینٛٹھی۔

# غزل (۳۱)

ہَژ یٲرِ لومَنَم رٕژنَس نالو نالہٕ چھِ ژٕچٕتم مالووے

دوہہٕ اکہِ گییہٕ سو ماسہِ ہُنٛد سالو لچھس گھنا گنٛجاَے
وَچھس سنہِ مو ترٛٹہٕ تہٕ مالو نالہٕ چھِ ژٕچٕتم مالووے

دِل میوٚن نیوتھو اکہِ مویہٕ والو کمہِ سونہِ کوٚریو آیو ژےٚ
ژٕہ چھِہم تتہِ تہٕ بہٕ رِتھٕ ژالو نالہٕ چھِ ژٕچٕتم مالو وے

ژاَر بہٕ رِگیایس نالو تہٕ بالو نِلہٕ ناگ وٲتھ لوٗسم دوہ
سُہ تہِ نَے ڈیشن بہٕ تہِ پان گالو نالہٕ چھِ ژٕچٕتم مالووے



**وہوٕ ھنے:**

یہ بٲتھ چھِ محمد امین کامل سندِس ''کلیات حبہ خوتون'' تہٕ غلام نبی آتش، ڈاکٹر گلزار احمد راتھر دوشونی سندس کأشر بن مقبول عام بأتن پٹھ منی ''کلامِ حبہ خاتون'' کتاب اَندر درج۔

# غزل (۳۲)

توٚے ہو ژۄرو کرٕنی ہیٚژ میٚو لالے لالہٕ وَے
ووٚنٛد ہو ژۄرو منٛس تہٕ کاسٚتم ملالے لالہٕ وَے
اکھِ جاما ناٗلی ملالے، بٕے عٕطرا تنہٕ مِلاوَے
یاد گٔیم ژۄرو، یاد ہو دۄرِ منٛز لالے لالہٕ وَے
تنٛنے تانہٕ تنہٕ ننٛے تاننہٕ تنہٕ ننٛے تانانٛے

سنگدِل یارو روزٕ ے نو ژٕ ے روٚس تالے تالہٕ وَے
زاٮِٕن مے باوتم تہٕ واٮِٕن ہمہٕ یوتالے تالہٕ وَے
اَکھ ہنگہٕ زٕزُروساں تالے، کاٗلی دودران میٚژِ تالہٕ وَے
خبر رَسہِ پانو قبر دکہٕ لگہٕ نیٚو تالے تالہٕ وَے
تنٛنے تانہٕ تنہٕ ننٛے تاننہٕ تنہٕ ننٛے تا نانٛے

رشہٕ ہتی مدنس دشہِ میانہِ ونہٕ نس سون تامت
گن ژٕرے تھاوتم کنہٕ گُے دِمہٕ یو سون تامت
اَکھ پوٚنتہٕ اَسس سون تےٗ، گرِ چھم دمنس سون تامت
گوم گرُک گیلُن نبر یم لگہٕ اَسُن سون تامت
تتنے تانہٕ تنہٕ ننے تانہٕ تنہٕ ننے تانانے

اَدی اَدی وونےٚ از روزکھ نا دوئتی یے
چھُے بڑما دُنیا اَکھ دما روزکھ نا دوئتی یے
بہٕ دواَسس دولت تےٚ سمساری لاینم دوئتی یے
وُچھان وُچھان حبہٕ خوتونہِ رنگاوو تتنے دوئتی یے
تتنے تانہٕ تنہٕ ننے، تانہٕ تنہٕ ننے تانانے



وبوٚھنے:

یہِ بأتھ چھُ محمد امین کامل صأبنس ”کلیاتِ حبہ خوتون“، تصنیفس منز درج۔ ییٚہِ آونہٕ مےٚ گُنہِ تہٕ کتاب منز نظرے۔ امین کأمل چھِ لیکھان ”یہِ بأتھ باسیوو مےٚ لکھنہٕ وزِ اوگرتھوٚ گرمگر ییٚلہِ قدیم صأبن تہٕ تسند بوٚ ہتی باجو گیوٚو، اَمکی سوزَن نیہ ڈٕہتھ“۔ بہرحال کامل صأبن چھِ حبہٕ خوتونہِ ہُند کلامہ ژھانڈنچ زبردس کوشش کرمٕژ۔ یہنزا اکھا کتھ چھِ پرٕنی تہٕ سننن لایق۔

# غزل (۳۳)

ہیٚرِ وَژھے یمہٕ اَژھ رَژھے سون وژھے گِنڈِ نے

آسمانچہٕ وِگنہٕ وَژھۓ آب کونسر چھاونے
تَن ناٲوِتھ یٚیہٕ توٚری کھژے سون وژھے گِنڈِ نے

سوپورچہٕ وانہٕ کھژے زانہٕ کدل وُچھنۓ
اَنہٕ بوٗنگر لاٚگِتھ وَژھے سون وژھے گِنڈِ نے

وولرٕچہٕ گاڈ کھژے سنبہِ زلا چھاونۓ
تریشہٕ ہَژے یٚیہٕ توٚری وژھے سون وژھے گِنڈِ نے

یٔندرازنہٕ سِندرے مژے اَندرِ آسے بولاٚنی
توسہٕ گُتی گُتی ژمہٕ لوسہٕ مژے سون وژھے گِنڈِ نے

یاوٕنِنے تُجم رژَے تأنٛ وأریوٕ نادس آم
چشمہٕ آسَم ہٕندرے ہٕژے سون وژھے رِگنٛڈٕنے

ہشہٕ دِژٕنَم مُوہرے دوژَے اوٗش لوگُم تارنے
چھُم نہٕ خبر أسَم کژے سون وژھے رِگنٛڈٕنے

پتھ وَنہٕ چے تلرِ وژھے پأنٛپری کوٗنگ چھاونے
وِیوٗر یتھٕ تمہٕ سیرے مژے سون وژھے رِگنٛڈٕنے

حبہٕ خوتون میجایہٕ مژے تمہٕ تہٕ آسَس ہٕژراوان
تمہٕ تہٕ آسَے نارٕ کھوتہٕ تژے سون وژھے رِگنٛڈٕنے



وٚہوٚھنے:
یہ بأتھ تہٕ چھُ ''گُلیاتِ حبہٕ خوتۆن'' تہٕ ''حبہٕ خاتون، تواریخ کے آئینے میں'' ناوٕ چھِن کتابن منٛز شایع سپدٕ مُت۔ یِمن ہنٛدی لیکھن وألی بالترتیب محمد امین کامِل تہٕ غلام رسول بٹ چھِ۔

# غزل (۳۴)

نوح ناوِ وأتھ ژےٚ گس چھوی وُنن
ژےٚ کٔنن گوِٚے نا بأڑیے

حضرت صأبرس کیا گیہِ وَنن
کُمیو تس کٔری ۂے أڑیئے

أڑی أسس دوران مأز اس چھوٚنن
ژےٚ کٔنن گوِٚے نا بأڑیے

تَس منصورَس کیا گیہِ وَنن
مَن خُدا سُوزنئے ڈأڑیے

دارِ پیٹھ یارس زار اُوس وَنن
ژےٚ کٔنن گوِٚے نا بأڑیے

تَس مجنونَس کیا گیہِ وَنن
نجدِ پیٹھ کران لأڑیئے

زِندِ پانہٕ اَند مزار جائے اوس کھٔنن
ژےٚ کٔنن گوِٚے نا بأڑیے

تَس شیخ صناہَس کیا گیہِ وَنن
زُنار ترأونے نألیٔے

دارِ تل ہنزیانہِ زار اُوس وَنن
ژےٚ کٔنَن گوٚہے نا بأڈیے

تَس نأگرائیس کیا گیہِ وَنن
ہیمالہِ رٔٹنس ژھأگ وائیٔے

تَس أسی گنڈ گنڈ أمیٚنز پٔنَن
ژےٚ کٔنَن گوٚہے نا بأڈیے

ژور یار آسی حضرت نبیسؐ
ژوٚنوَے أے یٔژ کألیٔے

ژوٚنہٕ وٚنی بوٚڈہٕ کھأژی نأڑی أسی ژھٔنَن
ژےٚ کٔنَن گوٚہے نا بأڈیے

قرآن مجید گرشہِ پرٛونوی
پرِتھ گرشہِ تراوُن نألیٔے

چھےِ حبہٕ خوتون یوسفس وَنَن
ژےٚ کٔنَن گوٚہے نا بأڈیے

☆☆☆

وبۄ ھنے:

یہِ بأتھ چھُ مے پرأنو گیٚون کتابو منٛز ژھار دِتھ لیٚو کھمُت۔ یمہٕ کِتابہ چھ غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج رنبیر گنج بازار تہٕ پیٚیہِ تہِ کیٚژن پبلشرن ہندی ڈٔسی چھاپنہٕ آمژ۔ اماپوٚ زبأتن چھُ زیادٕ پہن اوُرک یوٗرتہٕ یوٗرک اُور گرِتھ۔ اِموکھٕ گٔری نہٕ مےٚ واریاہ بأتھ یتھ کتابِ منٛز شأمل۔

# غزل (۳۵)

یا فتاح ہُو اُلف چھُ اللہ پرہ کوثرُ اِلااللہ ھُو

ب علیٰ مُک گوڈ بسم اللہ ت صاحب تنہا چھوہ
ث ثابت جَ گو جمالاہ پرہ کوثرُ اِلااللہ ھُو

ح حبیب رسول اللہ خ خالقہٕ سُند پیٚور چھوہ
د بوز تو ثمی ءسٕز دلیلاہ پرہ کوثرُ اِلااللہ ھُو

ذ پران ذِکر حق تعالیٰ ر رحمان الرحیم چھوہ
ز زبانٔی پٔتھ مسلہٕ پرہ کوثرُ اِلااللہ ھُو

س ثابت کر سئبلاہ ش کھوتہٕ صاف کیا چھوہ
ص بوز تو دُنیا چھُ سألاہ پرہ کوثرُ اِلا اللہ ھُو

ض معنی دَم دِتھ گولہٕ ط طالب سپدِ چھوہ
ظ زانٹن پٔنٕی عملاہ پرہ کوثرُ اِلااللہ ھُو

ع عالم کران عملاہ     غ غالب ہندرے چھوہ

ف ءستھن بنہٕ فیصلہ     پرہ کوثر اِلا اللہ ھُو

ق قرآن کلام اللہ     ک کلمہ صحیح چھوہ

ل دپان بُوتہٕ برہ لولاہ     پرہ کوثر اِلا اللہ ھُو

م معصوم نٕمتھ پھل گُلاہ     ن نیستی گلان چھوہ

و ءستی بنہٕ وأصلاہ     پرہ کوثر اِلا اللہ ھُو

ھ ہدایت کٔر یا اللہ     لام ألفس میلتھ چھوہ

ء ی حبہٕ خاتونِ چھوٕ پیالہٕ     پرہ کوثر اِلا اللہ ھُو



وبو ھنے:

یہِ بأتھ تہِ چھُ اکہِ پرانہِ کتاب منٛزٕ ژارنہٕ آمُت یمیک پبلشر فاروق احمد اینڈ برادرس سرینگر چھِ۔ پرانین کِتابن منٛز شایع سپدی ءمتی بأتھ چھِ زیادٕ پہن تم یم گیون والین ہٕش بوزِتھ ترتیب دِنہٕ آءمتی چھِ۔

# غزل (۳۶)

سونہٕ ہی پھوجہِ کھے وَنَن کرٛیڈ زالَن
پوش واجہِ کھے پوشہِ مالَن رِٛکرٛھ

گُل گرٛھَن برٕ تہٕ کرٛیڈن زالَن
پوش وأجہِ کھَے پوشہِ مالَن رِٛکرٛھ

چھِوٕسے میأنس کیا گیہِ کلَن
چھِویومُت بُلبُل بیوٗھُم گس

پرٛزٕہ سَے مُنجمن وُچھ سے فالَن
پوش واجہِ کھَے پوشہِ مالَن رِٛکرٛ

☆☆☆

**وبوھنے:**

یہِ بأتھ چھُ فقط محمد امین کامِل صأبنس ''کلیات حبہٕ خوتون'' ناوِٕ کس تصنیفس منٛز نظرِ گرٛھان۔ باقی زانہِ خدا۔

# غزل (۳۷)

وارچھُم نہٕ میلنس وأرِ وچھس گرے
وَن پراریو پوشہِ تھرے تَل

أنہٕ ڈبہ بہتھے ڈٕری چَس ٹھس گوم
وأنجہِ ژَس گوم، اوش ما آم
مَدروٹ گُلالن داغ چھُس پھرے
وَن پراریو پوشہِ تھرے تَل

مَس کوٕ دِیو تھم پھولہٕ وُنہِ تھرے
امہِ مسہٕ اَموب چھونے لیس بال
ذوقہٕ مژشوقہٕ چانہِ وَن کیا کرے
وَن پراریو پوشہِ تھرے تَل

بژم کُمیوٕ دِیوتنے سوندر مالے
غم گوم تژِتھ تہٕ کرِے کیا
خم ژام سروَس بلہٕ کمہِ دارے
وَن پراریو پوشہِ تھرے تَل



وبوٗھنے:

یہٕ بأتھ چھُ محمد امین کأمل صأبن پننس ''کلیات حبہٕ خوتون'' ناوِ کس تصنیفس منٛز شامل کوٚرمُت۔ یِہٕ گونہٕ مےٚ یہٕ بأتھ کُنہِ تہِ کتابِ منٛز نظرِ۔

# غزل (۳۸)

مےٚ گرۍ مَس پوشن دَسۍَ گر تیَم بالہِ بالہِ یار
دأ دۍ تٔہنٛدے دِل گوم خستۍَ گر تیَم بالہِ بالہِ یار

روٗٹھی ژِتس تَس یارس تۍَ وٗنی توسے میأنی وِلہِ زار
یِیہِ نتے میأنی درِے چھس تۍَ وٗنی توہے میأنی وِلہِ زار

بُمہِ کمانہِ چلہِ کیا چھس تۍَ تیرِ لأے نم بے شُمار
سینہِ سپَر داریامَس تۍَ کوٚر نمے بالہِ شِکار

رنگہِ رنگہِ خوان پأریامَس تۍَ یِیہِ نتے ڈُنگنس مار
پیٛالہِ بٔرۍ بٔرۍ تھاویامَس تۍَ چیٚنہِ روستوی چھس خُمار



**وبوٗ ھنے:**

یہِ بأتھ چھُ محمد امین کامل صأبن پننس ''کُلیات حبہ خوتون'' ناوِ کس تصنیفس منٛز شأمل کوٚرمُت۔ سُہ چھُ ونان ''گوڈنکی شےٚ شعر چھِ ''کلامِ حبہ خوتون'' ہس اندر تہِ درِج۔

# غزل (۳۹)

نالہٕ دِواں لوٗسس وَنن تَس تہِ کنٛن گونا وٕسیۓ

دَمہٕ دمے گُل چھم گنٛن امہِ غمے آیس بسۓ
ہَنہِ ہَنے چھم ماز چھنٛن تَس تہِ کنٛن گونا وٕسیۓ

گرائے گرنم ینہٕ یاوٗنن تنہٕ پیٛوان چھس وٗسی وٗسیۓ
ژورِ ژوٗلم ووٗنی کتہِ انٛن تَس تہِ کنٛن گونا وٕسیۓ

اُلجی پھُلیاہ گُل یاسمن دژایہِ عاشق کمہِ ہاوٗسے
مُشک ہوٗان چھی گُلشنٛن تَس تہِ کنٛن گونا وٕسیۓ

حبہٕ خوتون ژجایہِ وَنن ونہِ کأتیاہ زالن پھُسے
اَزلہِ لأنس کینٛہہ چھُنہٕ بَنن تَس تہِ کنٛن گونا وٕسیۓ

وضاحت:

یہِ بأتھ چھِ محمد امین کأمل تہٕ غلام رسول بٹ دوشوٕنی لکھاریٛن ہنٛد ین ''کلیاتِ حبہٕ خوتون'' تہٕ حبہ خاتون: تواریخ کے آئینے میں'' ناوٕکین تصنیفن اندر درج۔

# غزل (۴۰)

بُو وِلہٕ وَنےَ یارٕ تےَ لدٕ گولاٰبٕ شیشن ہَرتےَ

اور کوٕرے گرٕشہٕ کھےَ پھیر تےَ یتھ دِلس دِتی تھم پھری تےَ
چھےَ ژٕ ہران گُمہٕ نےٚ پھری تےَ ہیمہٕ ژٕےٚ پتھ بہٕ مسافِر تےَ

اور کور گرٕشہٕ کھےَ ژونزی تےَ سانہِ آنگنٕ مےَ پکھ مُنزی تےَ
چھےَ ژٕ زیبان اَتھٕ نےٚ ماٹزِ تےَ وارٕ کتھا کرو ماٰرٕ منز تےَ

اور کور گرٕشہٕ کھےَ باٰلی تےَ سانہِ ڈٕبہٕ تٕلی مےَ پکھ ٹٕلی تےَ
چھےَ ژٕ گرٕمژ یٕژ سمبالی تےَ نٕژ چھِ پھٔٹہٕ متی یٖمہِ یارٕ ٹٕلی تےَ

کاوٕ متہٕ واکتھم کولہٕ تےَ یتھ دودَس ہَرگوم کول تےَ
کوٕ زانہٕ آہم کمہِ قولہِ تےَ نِشہِ یار اوُسم یٕژکول تےَ

پتہٕ لاران اَفتابہٕ زوٗنہِ تےَ موٗت معشوق میلہِ ناکونہٕ تےَ
وون یہِ یوسفس حبہٕ خوتونہٕ تےَ اَزلہٕ لون چھُ والان وونہٕ تےَ

وبوھنے:یہِ بٲتھ چھُ فقط غلام رسول بٹ صابن پتنس "حبہ خاتون: تواریخ کے آئینے میں" ناوِ کس تصنیفس منز شامل کوٗرمُت۔ یہِ گوم نہٕ کُنہِ تہِ کلیاتس منز نظر۔

# غزل (۱۸۱)

چأنۍ فِراق چھِم گرِگرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
پوش پھوٚلی ما یاوٕنہٕ تھرے والہٕ زٔزرۍ وولما پان
لأنۍ ژۄرن گرِس چھانگرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
ژام دوڈُر دٕہہٕ چَے لرے آم بُجر، بُنبُل واو
ڈکھ ڈیلے تہٕ گٔنۍ وبسرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
أنہٕ بۄنگرِ مے تژاو نَرے زان برٕہما چھےٚ سمسار
گرٕھنہٕ بروٕٹھے گرٕھنَے ژھرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
ہأنز گاڈَن چھِ کران پھرے تی ڈیٚشتھ لۄگُم مےٚ آمہٕ تاو
تی ما بنہٕ یتھ میٚژِ مَرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
لوکچارس کربم باشَرے پیٚہٕ سہ سادَس لۄسُم دوہ
ژیٚری دانَس پیٚوُم بانٔبرے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
پرٕ تلے شِستٕر دَرے پرکھاوتن ژٕ پٔنُن پان
تیمی نہٕ پَرکھوو سہ رکھو کرَے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم
حبہٕ خوتون عرضا کرَے ربہٕ سوزتم فضلچ ناو
گُلِ عالم یُتھ تارِ ترَے دوہ دَرے لۄسِتھ گوم

وبۄ ھنے:

یہِ بأتھ چھ ''کلیات حبہِ خوتۆن'' تہٕ ''حبہ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' کِتابن منز شأمل گرٛتھ۔ یمن ہٕنٛدی بالترتیب محمد امین کامل تہٕ غلام رسول بٹ لیکھن وألی چھہٕ۔

# غزل (۴۲)

پیالہٕ بَرے داماہ چیٚتو    لالہٕ پِتو لگے پأری

سَر واٹُک مالیُن چھُم دو    تتہٕ سرَن دِویا ژوپأری
تتہٕ نرن پڑھ ما چھیٚتو    لالہٕ پِتو لگے پأری

گُلِ ٹور بن پھُلیا چھِ دو    وُچھنہٕ بلبل سَے سأری
کأٔلی روزنہٕ زیٹھُک دوہ ہو    لالہٕ پِتو لگے پأری

أمی یاونَن گرِم وِہ دو    ٔکتی یاونَن ڈُہتھ مأری
سُورِ یاوُن روزِنہٕ دوہ ہو    لالہٕ پِتو لگے پأری

کمَن مرگن پھیرس بہ دو    شاہ تورگن کرِم سوأری
پینٛچہٕ کھسہٕ وُن سپدُم کوہ دو    لالہٕ پِتو لگے پأری

پُل صراط ترُن چھُ دو    کُلِ عالمس چھ وومیدوأری
حبہٕ خوتونہٕ دیدار دِیتو    لالہٕ پِتو لگے پأری

☆☆☆

**وبژھنے:**

یہ بأتھ چھ ''کلیاتِ حبہِ خوتون'' تہٕ ''حبہ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' کِتابن منز درج۔ گوڈنچہِ کتاب ہُنْد لیکھن وول محمد امین کامل چھِ اکھ شاعر، محقق، نقاد تہٕ ادیب۔ دویمہِ کتاب ہُنْد مصنف غلام رسول بٹ چھ اکھ سُہ محقق یُس پننہِ سرکاری نوکری دوران تحقیقی تہٕ تواریخی خزانن ٹھانڈ تلان تہٕ مال وچھان روٗد۔ لہذا اچھُ اہندِس لیکھنس باقی لکھاربو کھوتہٕ زیادٕ اعتبار کرن پیٚوان۔

# غزل (۴۳)

نٔیہہ گٹہِ ژولمۓ سبنٛدٕ واو ترٛاوِتھ
تی گس نشہِ ہبکہٕ باوِتھ بو
گر بال درٛایَس سامانہٕ پأرِتھ
کامنہِ پرٛاران لوٗسُم دوہ
پامَن اَجنَس گوم تنٛبلاوِتھ
تی گس نشہِ ہبکہٕ باوِتھ بُو
کمہِ سونہِ برٛینَس گن برٛمہ راوِتھ
لشہِ نار زاجنَس تی باوٕ گس
پشہِ پشہِ تھوونم ہاوِتھ تہٕ باوِتھ
تی گس نشہِ ہبکہٕ باوِتھ بُو



وضاحت:

محمد امین کامل صابٕنس ''کُلیاتِ حبہ خوتون'' ناوِکس تصنیفس منٛز چھِ یہِ باتھ درج۔ پننہِ کتاب اندر چھنہٕ مصنفن اتھ باتس مزید کانٛہہ وضاحت کٔرمٕژ۔

# غزل (۴۴)

دادِ چانہٕ مویَس گَس زانہٕ وٕنِتھ
میوٗن ہیوٗہ بٔنِتھ بیٚیہٕ گَس آو

اَشہٕ وانہٕ گاٗمو ڈٕری یاو شٕنِتھ
دوٗر گوم پاٗنتھَن گَس کرٕ گژھاو

یادٕ اَتھہٕ ندِ مویس ماز پیٚوم دٕنِتھ
میوٗن ہیوٗہ بٔنِتھ بیٚیہٕ گَس آو

لول چون اوسُم پوتر کھٕنِتھ
تامَت پھیوٗرنم وَرزُن واو

کھنجہٕ کھنجہٕ پیٚیہٕ مو پاٗتر رٕنِتھ
میوٗن ہیوٗہ بٔنِتھ بیٚیہٕ گَس آو

مُہہٕ تیر گاٗمو واٗنجہٕ سٕنِتھ
یَس ییٚلہٕ زَر ژاوتَس کیٚلہٕ دژاو

ژھٹہٕ اکہٕ حبہٕ خوتون پیٚیہٕ چھٕنِتھ
میوٗن ہیوٗہ بٔنِتھ بیٚیہٕ گَس آو

وبو ھنے: یہ باٗتھ چھ محمد امین کامل تہٕ غلام رسول بٹ دوشونٕی ہنٛزن کتابن منٛز درج۔ یتھ باٗتس تہٕ چھینہٕ کاٗمل صاٗبن کانٛہہ وضاحتھ کرِمٕژ۔

# غزل (۴۵)

ڈکہٕ پیٹھ گُمہٕ چھُس موٗختہٕ زَن ہَران
بال چھُس کران کوٗسمَن کڑاو

شالہٕ ماٲر بہتھ پیٲلہٕ چھَس بران
ڈالہٕ چھَس نِوان واتیم یار

عارٕ کاڈٕ پوشن مالہٕ چھَس کران
بال چھَس کران کوٗسمَن کڑاو

اِشبر بہتھے شیشہِ چھَس بران
کیشہِ چھَس پاٲران واتم یار

وشہِ کمہِ بوٗٹھُم رَشہِ چھَس مران
بال چھَس کران کوٗسمَن کڑاو



وبژھنے:

یہِ بأتھ چھ محمد امین کامل صأبن پننس ''کُلیاتِ حبہٕ خوتۄن'' ناوِ کِس تصنیفس منز درج کۆرمُت تہٕ وضاحتہٕ رٔژھاہ تہِ چھیٚنس کٔرمٕژ۔ لیکھان چھُ ''اصلی موسیقی اندر چھُ (وِشہِ کمہِ بیۄٹھُم رَشہِ چھس مران'' مصرٕ پیٚومُت۔ جیالال کولن تہِ چھُ یہِ مصرعہ حبہٕ خوتونِ ہُنٛد مونمُت۔

# غزل (۴۶)

راہ بخشتم سأری پرورِدگارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

ہٕنہٕ بو آیَس دٕبن رِٕکھو بَرٕیو
وٕنہٕ کُے رنگ گوم خاصہٕ بَرے
لولہٕ ہٕسے تھوٚتھمو للہٕ وُون نارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

لٔدی لٔدی دٕزاہمو مال کھچالو
ژھرِ اتھ ساوِنَے لرِ قبرے
اِدِ کونہٕ مدِ وو تھٕھمو لوکچارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

وُچھ ژٕمی سخین گری رِٕکتھی کارو
نہٕ سُہ کھوٚژ تیرن نہ سُہ تبرے
اِدِ لتس ناو پیٚو شیرِ جبارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

سِپپارٕ ترٕ ہہ مرِ پریٚم اکہٕ آنو
پھیرِ نو کُنہٕ گوم زیر زبرے
عشقُن خط کأنسہٕ پوٚرنہٕ یکبارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

تَب چھُم بدٕنس حبہٕ خوتوٚنے
ادنو آہم زانٕہہ تہٕ خبرَے
تیلہٕ یِکھاہ ییٚلہٕ تراونم اندٕ مزارو
ژِہ رِٕکھو واتہٕ یو میانہٕ مَرنَے

وٕضاحت: یہ بأتھ چھ محمد امین کامل سندِس تصنیف ''کلیاتِ حبہٕ خوتون'' رِٕکس کلامَس منز اۄخری بأتھ تہٕ غلام رسول بٹ سٕنزِ ''حبہ خاتون تواریخ کے آئینے میں'' کتابِ اندر نوٚیم بأتھ۔

# غزل (۴۷)

روزٕے نہٕ یاون بُوزِ بأٔلی وٕلے وٕلے
تاون چھ دُنیا کأٔلی یاونس گرٕشان چھلے

ہا سزٕ پوشو مأکہٕ منٛزٕ لاگ حضرت بلے
ذرٕ ذرٕ شوریزٕن مدٕ وسان یمبر زلے

شامہٕ لٹہِ دزٕ ایس کامہٕ دیونٛن بونٛن تلے
پامن بوٚ لأجنٛس کأٔلی وأجنٛس وٕلے وٕلے

پٔے بوز مےٚ تی یار آسبم حضرت بلے
اَتھ آبہٕ ڈلسی چھے بولان دیدرِ تہٕ جلے

سونہٕ لانکہِ میلس ناوٕ سأٔلس بوٚتہِ ما ژلے
نِشاط شالہِ مار دوہ اکہِ لوٚگ مُجادلے

رُب حبہٕ خوتونہِ پانہٕ وٕننے یِم غزلے
بوزٕ وُون ہا چھوی پانہٕ نبیؐ بٔیہِ مُورسلے



''یہِ بأتھ چھُ واریاہن گیوٚن والیٚن نِش صدابند گرِتھ''۔

# ۱۱۔ حوالہٕ پےٚ پتاہ

## (کتابہٕ تہٕ رسالہٕ بیترٕ)


۱۔ تاریخ حسن: فارسی تاریخ حسن کتابہٕ ہُنْد کاشُر ترجمہٕ۔ مترجم پروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد۔ جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگریجز، سرینگر۔

۲۔ تذکرہٕ اولیائے کشمیر: تاریخِ حسن کا تیسرا حصہ یعنی اسرار الاخیار۔ مصنف: پیر حسن شاہ کھویہامی۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کُتب سرینگر کشمیر

۳۔ تذکرہٕ سالکین کشمیر: مصنف ومرتب پیرزادہ محمد اشرف شاہ، سید فاضلی۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجران کُتب سرینگر کشمیر۔

۴۔ تاریخ کبیر: از حاجی محی الدین مسکین (فارسی) موسوم بہ ''تحائف الابرار فی ذکر اولیاء الاخیار'' مُترجم پروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد مرحوم۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجران کُتب سرینگر کشمیر۔

۵۔ تواریخ اقوام کشمیر: (مکمل جلد اول ودوم) مصنف محمد الدین فوق۔ گُلشن بُکس ریذیڈنسی روڈ، سرینگر کشمیر۔

۶۔ تاریخ بڈشاہی: مصنف محمد الدین فوق۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجران کتب سرینگر کشمیر۔

۷۔ تاریخ بزرگان کشمیر۔ مولفہ پیرزادہ عبدالخالق طاہری (۲۰۰۹ ایڈیشن) پبلشرز: شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجران کتب گاؤ کدل سرینگر۔

۸۔ تاریخ کشمیر مکمل: ناشر شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کتب۔ مصنف محمد الدین فوق۔

۹۔ واقعات کشمیر: مصنف خواجہ محمد اعظم دیدہ مری۔ مُترجم ظہور احمد شہداد ظہور۔ شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کتب سرینگر کشمیر

10. "Kashmir": Being a History of Kashmir, From the Earliest Times to our Own. Author: G.M.D. Sufi -- Gulshan Books Kashmir

11. A History of Muslim Rule in Kashmir: 1320-1819, Author Dr. R. K. Parmu.
12. The Muslim Kashmir - 1320-1589, Author of the Book: Professor Fida Hassnain. Gulshan Books Residency Road Srinagar 190001 Kmr.
13. Kalhana's Raj Tarangini: The Saga of the Kings of Kashmir, by Rangit Sitaram Pandit. Forword Jawahar Lal Nehru. Sahitya Akademi

۱۴۔ تاریخ اولیائے جموں وکشمیر۔ مصنف ولی محمد اسیر کشتواڑی جموں وکشمیر اُردو فورم، جموں۔
۱۵۔ نگارستان کشمیر: مُصنف قاضی ظہور الحسن ناظم۔ ناشر: گلشن پبلشرز فیرڈیل مارکیٹ ریذیڈنسی روڈ سرینگر کشمیر۔
۱۶۔ تاریخ کشمیر اسلامی عہد میں: مصنف ڈاکٹر صابر آفاقی۔ ناشر: شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کتب سرینگر کشمیر۔
۱۷۔ خلاصۃُ التواریخ: مصنف: مرزا سیف الدین مرحوم۔ مُترجم مرزا کمال الدین شیدا۔ ناشر: گلشن بکس ریذیڈنسی روڈ، سرینگر کشمیر
۱۸۔ مجموع التواریخ: مصنف پنڈت بیربل کاچرو وارستہ کاشُر ترجمہ تہ ترتیب: پروفیسر بشر بشیر۔ جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچرل اینڈ لنگویجز سرینگر۔
۱۹۔ تصویر کشمیر: مصنف ڈاکٹر ایم ایس ناز، گلشن پبلشرز مدینہ چوک سرینگر کشمیر۔
۲۰۔ ''محسنِ کشمیر'' مصنف ومولف: پیرزادہ عبدالخالق طاہریؔ۔ ناشر: سٹی بک سینٹر بکسیلرز اینڈ پبلشرز بڈشاہ چوک، سرینگر کشمیر۔
۲۱۔ ''کشمیر میں فارسی ادب کی تاریخ'' مصنف: پروفیسر عبدالقادر سروری۔ ناشر: شیخ محمد عثمان اینڈ سنز تاجرانِ کتب مدینہ چوک، گاؤ کدل سرینگر کشمیر۔
۲۲۔ ''تاریخ بزرگانِ کشمیر'' (۲۰۱۳ء ایڈیشن) مصنف: پیرزادہ عبدالخالق طاہریؔ۔ ناشر: شیخ محمد عُثمان اینڈ سنز تاجران کُتب سرینگر کشمیر۔
۲۳۔ ''کشمیر سلاطین کے عہد میں'' مرتبہ: محبّ الحسن۔ ترجمہ: میجر علی حماد عباسی۔ ناشر: دار المُصنفین شبلی اکیڈیمی اعظم گڑھ۔ یوپی (انڈیا)

۲۴۔ ''شباب کشمیر'' مصنف: محمد الدین فوق۔ پبلشرز: شیخ محمد عثمان اینڈ سنز

۲۵۔ ''کشمیر میں عربی علوم اور اسلامی ثقافت کی اشاعت'' (حصہ اول)۔ مصنف: ڈاکٹر سید محمد فاروق بخاری۔ طباعت: نیو کشمیر پریس سرینگر کشمیر۔

۲۶۔ ''جلوہ کشمیر'' مُصنف: ڈاکٹر صابر آفاقی۔ ناشر: گلشن بُکس ریذیڈنسی روڈ، سرینگر کشمیر

۲۷۔ ''اسلام اور کشمیر'' مصنف: محمد مشتاق جیلانی پورنوی۔ ناشر: گلشن بکس ریذیڈنسی روڈ سرینگر کشمیر۔

۲۸۔ ''شیرازہ''، جموں، کشمیر، لداخ۔ قدیم تذکروں اور سفرناموں کی روشنی میں (جلد: ۵) ناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر جموں

۲۹۔ ''شیرازہ'' جموں کشمیر، لداخ قدیم تذکروں اور سفرناموں کی روشنی میں (جلد: ۶) ناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر۔ جموں۔

۳۰۔ ''شاہِ ہمدانؒ: حیات اور کارنامے''۔ مصنف: پروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد۔ پبلشر: شیخ غلام محمد اینڈ سنز بک سیلرز مائسمہ بازار (بڈ شاہ چوک) سرینگر کشمیر۔

۳۱۔ ''جامع تذکرۂ اولیاءِ کاملین مع مختصر تاریخ کشمیر'' (جلد اول)۔ مؤلف: ابوالسجاد۔ پبلشر: سُلطانیہ بک ڈیپو سرینگر کشمیر۔

۳۲۔ ''جامع تذکرۂ اولیاءِ کاملین مع مختصر تاریخ کشمیر'' (جلد دوم) مؤلف: اُبوالسجاد۔ پبلشرز: سُلطانیہ بک ڈپو سرینگر۔

۳۳۔ ''کشمیری زبان اور شاعری''۔ مصنف: عبدالاحد آزاد۔ پبلشر: سیکریٹری کلچرل اکیڈمی سرینگر کشمیر۔

۳۴۔ ''کلیاتِ حبہ خوتون''۔ تصنیف، تالیف: امین کامل۔ پلبشر: جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔ سرینگر کشمیر، جموں۔

۳۵۔ ''نوٚوِ کاشِر ادبُک توٲریخ''۔ از: ناجی مُنور، شفیع شوق۔ وُری ۱۹۹۲عیسوی۔ پبلشر: شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر کشمیر۔

۳۶۔ ''حبہ خاتون: تواریخ کے آئینے میں'' مصنف: غلام رسول بٹ۔ پبلشر: شیخ محمد عثمان اینڈ سنز۔ تاجرانِ کُتب سرینگر کشمیر۔

۳۷۔ ''کاشر زبان تہٕ ادبُک تواریخ'' ناجی منور، شفیع شوق۔ ایڈیشن ۲۰۱۴ء۔ ناشر: علی محمد اینڈ

سنز، لالچوک سرینگر کشمیر۔

۳۸۔ ''شیرازہ'' جلد ۱۹، شمار نمبر ۴، پروفیسر بشر بشیر سُند چھپیمتہ اکہ مضمونک قلمی نسخہ، یُس نوٚ وِ دریافت سپدی متہ ''گلستان کشمیر'' ناوٕ کہ تأریخ کہ حوالہ لیکھنہ چھ آمت۔

۳۹۔ ''تاریخِ کشمیر''۔ مصنف: سید علی بن سید محمد ماگرے۔ ناشر: شعبہ تحقیق واشاعت، ناظم لائبریریز جموں وکشمیر گورنمنٹ رنبیر پریس جموں۔

۴۰۔ ''شناخت'' تحقیقی اور تنقیدی مقالات۔ مصنف: محمد یوسف ٹینگ۔ ناشر: محمد یوسف ٹینگ ۳۳۵ جواہر نگر۔ سرینگر کشمیر۔

۴۱۔ ''حیات وتعلیمات حضرت میر سید علی ہمدانیؒ'' مؤلف: محمد مشتاق جیلانی پورنوی۔ ناشر: گُلشن بُکس ریذیڈنسی روڈ سرینگر۔

۴۲۔ ''ہما ادب'' (سالنامہ) مدیر اعلیٰ: محمد اشرف ٹاک۔ نگران: ڈاکٹر عزیز حاجنی۔ جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر۔

۴۳۔ ''ذکرِ محبوب العالمؒ''۔ سماجی خدمات، جامع حیات اور کارنامے۔ تالیف ومترجم: ابوالدر افشان نفسیہ علم داری۔ پبلشر: سُلطانیہ بُگڈ پو سرینگر۔ کشمیر۔

۴۴۔ ''ترقی پسند کشمیری ادب''۔ مرتبہ: مشعل سلطانپوری۔ ناشر: میزان پبلشرز، بٹہ مالو سرینگر۔ کشمیر۔

۴۵۔ ''جموں وکشمیر میں اُردو زبان'' (ماضی، حال اور مستقبل)۔ مصنف وناشر: پروفیسر شہاب عنایت ملک۔ پبلشر: قاسمی کتب خانہ تالاب کھٹیکاں جامع مسجد، جموں، توی۔

۶۴۔ ''وردالمریدین''۔ مصنف: حضرت بابا داوٗد خاکیؒ۔ مترجم: مولانا سید محمد قاسم صاحب بخاری۔ پبلشر: شیخ محمد عُثمان اینڈ سنز تاجرانِ کتب ریذیڈنسی روڈ سرینگر۔ کشمیر۔

۴۷۔ ''پُرسان''۔ از ناجی مُنور۔ ناشر: جے کے پرنٹنگ پریس سازگری پورہ سرینگر۔ مالی امداد: جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز۔

۴۸۔ ''شیرازہ'' (مہجور نمبر) جلد ۲۳۔ شمارہ ۸۔۱۱۔ نگران ومدیر اعلیٰ محمد یوسف ٹینگ۔ ناشر جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچرل اینڈ لنگویجز، سرینگر کشمیر۔

۴۹۔ ''ماہنامہ المصباح'' (دسمبر ۲۰۱۹ء) دارالعلوم شاہ ہمدانؒ میموریل ٹرسٹ پانپور۔

مدیراعلیٰ: ڈاکٹرتنویرحیات۔ناشر: ٹی ایف سی سنٹرسرینگرکشمیر۔

۵۰۔ قصیدۂ غُسلیہ یوسف شاہی''(منظومہ)ازحضرت علامہ شیخ بابا داؤد خاکی کشمیریؒ۔ترتیب وتدوین: غلام رسول بٹ سکالر۔چھاپ خانہ: کراؤن پرنٹنگ پریس سرینگر۔بذریعہ: محکمۂ لائبریریز ریسرچ وپبلیکیشن جموں وکشمیرسرینگر۔

۵۱۔ ''حبہ خاتون''۔مصنف: نشاط انصاری۔ناشر: نشاط پبلیکیشنز دلنہ (بارہمولہ) کشمیر۔

52. "Habba Khatoon" (Collected Poems), Introduction and Translation: Professor G. R. Malik. Published by: J&K Academy of Art, Culture and Languages.

۵۳۔''کلامِ حبہ خاتون''۔ترتیب: غلام نبی آتش وڈاکٹرگلزاراحمد۔ناشر: علی محمدا ینڈ سنزسرینگرکشمیر۔

۵۵۔''مجموعہ غزلیات'' کشمیری از غلام محمد نور محمد تاجران کُتب مہاراج رنبیرگنج بازارسرینگرو متفرقہ اوراق ومجموعہ کلام (بوسیدہ)۔

۵۶۔''توازن'' (تخلیق تہ تنقید) مصنف: ولی محمد اسیرکشتواڑی۔ چھاپ خانہ: تاج پرنٹنگ سروس، دہلی۔

۵۷۔ ''شاہِ ہمدان میرسید علی ہمدانیؒ کے علمی واصلاحی کارنامے''۔معرفت نیشنل سیمنار منظّم کردہ شعبہ تاریک وثقافت جامع ملیہ اسلامیہ نئی دہلی بہ تعاون کلچر ہاؤس اسلامی جمہوریہ ایران۔ کنشکا پبلشرس نئی دہلی۔

۵۸۔ ''اسلام کا آفاقی پیغام''۔ازمیرواعظ کشمیرمولانا محمد فاروق مرحوم۔

۵۹۔ روزنامہ''سرینگرٹائمز''۔شمارہ ۱۰، جون ۱۹۷۸ء (شاہی حکمنامہ از انیس کاظمی)

۶۰۔ ''آج کل'' نئی دہلی کشمیرنمبر(نومبر ۱۹۷۵ء) مضمون: ''کشمیر: ایک تاریخی جائزہ''۔قلم کار: محمد اسحاق خان صدرشعبہ تاریخ کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

۶۱۔ ''آج کل'' نئی دہلی۔مضمون: ''کشمیری شاعرات''۔قلم کار: منظورعازمؔ۔پبلسٹی سیکریٹری آہنگ فکروفن کشمیر، کلاش پورہ سرینگر۔(نومبر ۱۹۷۵ء)

۶۲۔''ہندوستانی ادب کے معمار حبہ خاتون''۔از ایس،ایل،سادھو۔مترجم: پروفیسرمحمد زمان آزردہ۔ناشر: ساہتیہ اکادمی۔

A REVELATORY ACCOUNT
OF THE
POET'S LIFE & POETRY
COMPILED THROUGH SCANNING
OF
**HISTORICAL EVENTS**
AND
**REFERENCES**

# HABIBA' HABBA-KHATOON

**ACCLAIMED AS ONE OF THE**
FAMOUS KASHMIRI POETS
OF THE
EARLY TIMES WHOSE SONGS IN
KASHMIRI LANGUAGE
REPRESENT A PERFECT EXAMPLE OF LOCAL
AND
**PURE MARAZI DIALECT.**

COMPILED AND WRITTEN BY
**GH. HASSAN. TALIB**
RTD, KAS, OFFICER
(J&K)

**Rs.400**